# اکھ یاد اکھ قیامت

(افسانہٕ سوٚمبرن)

عبدالاحد حاجنؔی

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُند ناو | : | اکھ یادا کھ قیامت |
| مصنف | : | عبدالاحد حاجنی |
| چھپن وٚری | : | ۲۰۱۵ء |
| کمپیوٹر کتابت | : | جمیل انصاری |
| سرورق | : | جمیل انصاری |
| تعداد | : | ۵۰۰ |
| مول | : | ۳۵۰/روپیہ |
| ضخامت | : | ۲۰۵ صفحہ |
| چھاپ خانہٕ | : | T.F.C کمپیوٹرس، سرینگر |



## کتاب میلنگ نیب:

☆: کتاب گھر، لالچوک سرینگر ☆: حلقہ ادب سوناواری حاجن

☆: تھکہٕ پٔنڈ ''ایکسچینج کالونی، حاجن سوناواری'' 09697441696

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکیڈمی ہِندِ تمہٕ کم کاسہٕ مأٔلی معاونتُک شکر گُذار، یُس لمہِ اِدارٕ کہِ طرفہٕ مے یہِ کتاب چھاپ کرنہٕ خأطرٕ بہم رٚود۔ کتابہِ منٛز درج موادس متعلق اکیڈمی ہُند بالواسطہٕ یا بِلا واسطہٕ مُتفِق آسُن چھُنہٕ ضروٗری۔ (مُصنِّف)

# فہرست


| نمبر | عنوان | صفحہ نمبر |
| --- | --- | --- |
| ۱ | انتساب | 5 |
| ۲ | گوڑٕ کتھ | 6 |
| ۳ | پۆز چھُ ٹیۆٹھ | 9 |
| ۴ | ڈژبُس کورڈ | 23 |
| ۵ | پَرٕژھیۆن | 36 |
| ۶ | لأژٕ کوس | 55 |
| ۷ | ٕمےٚ مَشہِ نہٕ زاثہہ | 69 |
| ۸ | خٕجِل زدی | 82 |
| ۹ | أندٕرۍ ژۄر | 90 |
| ۱۰ | اکھ یاد | 103 |

| | | |
|---|---|---|
| ۱۱ | آمہ تاؤی دَگ | 113 |
| ۱۲ | ژھایہ پژاہ | 125 |
| ۱۳ | سِر ساؤی آواز | 133 |
| ۱۴ | اکھ قیامتھ | 142 |
| ۱۵ | کاژواو | 151 |
| ۱۶ | دَگ چھےٚ تیلان | 168 |
| ۱۷ | ابلؤنی چھوکھ | 180 |
| ۱۸ | آشن ناش | 190 |




# انتساب

تِمن کِردارن ہٕنٛدِ ناوٕ

☆: یِہٕنٛدی ارمان پھولنہٕ برٛ وٕنٛٹھے برٕ گٔے تہٕ کاژٕ والن چھالن چھممبن لٲگِتھ پرٕ ژھینٛۍ گٔری۔

☆: یِمن سِرٕ سأوی آواز وتتہٕ پٔترن لٲگِتھ ژھایہِ پرٛ اہَو دَگ وۄتلٲ وتہٕ اَبلہٕ وِنمن چھوکن نٕون ترٛ وو۔

☆: یِمن اکھ اکھ یاد اکھ اکھ قیامت باگہِ آیہِ تہٕ آشن ناش گٔرِ ھتھ آمہٕ تأوی دَگ للہٕ وِنٕ رۄز، مگر قسمتَس دژ اکھ نہٕ ورَ

# پنٕنۍ کتھ

بہٕ اوٗسُس گوڈٕ گوڈٕ تأریخی، تحقیقی تہٕ تنقیدی موضوٗعن پیٹھ قلم تُلان۔ یِمیُٚک ہرتر ۱۹۷۰ عیسوی ییٚس اندر ''کأشرِس ادبس پیٹھ اکھ نظر'' نأوی کتابہِ ہنٛدِس صوٗرتس منٛز برن والین برٛونٛہہ کُن آو۔ یتھ تمہِ وقتہٕ سیٹھاہ پذیرأیی باگہِ آیہِ یِمہِ کنٛزِ یہِ یونیورسٹی ہنٛدِس نصابس اندر شأمِل آیہِ کرنہٕ۔ أتھۍ ستی ستی اوٗسُس بہٕ ۱۹۶۵ء پیٹھ منٛزی منٛزی افسانہٕ تہٕ لِکھان یِمہٕ تمہِ وِزِ اخبارن تہٕ رِسالن اندر چھپان آسہِ۔ جاہٕ پٮ۪ہن آوٕ ''افسانہ'' لِکھنُک فن براہ۔ یِمن ہنٛز ''ہاوس'' نأوی اکھ سوٚمبرن ۲۰۱۱ء ییٚس اندر برن والین تام واتٕ۔ زٕ سوٚمبرنہٕ چھےٚ زیرِ ترتیب یِم انشاء اللہ سیٹھاہ جلد برن والین تام واتناونچ اُمید چھُم۔ میٲنۍ کوٗشش چھِ افسانہ صِنفہِ اندر سٕہ سنجیدگی اَنٛنۍ یِمیُٚک یہِ تقاضہٕ چھےٚ کران۔ بہٕ کتھ حدس تام چھُس تتھ منٛز کامیاب روٗدمُت تمیُک

اندازٕ ہکن پرن وألی گرِتھ۔

رۄدسوال میٚون افسانہٕ صِنف ورتاونک ۔ سٔتمہٕ ڈٔہلہِ پیٹھ رۄدُس افسانہٕ لکھان ۔ یِمہٕ رسالن تہٕ اخبارن منٛز چھپنہٕ علاوٕ ریڈیو پیٹھ تہٕ نشر سپدان رۄدی ۔ زیرِ نظر افسانہٕ چھِ مختلف دورن سٟتی تعلُق تھاوان ۔ یہِ زن پرن وألی پانئے اندازٕ ہکن گرِتھ ۔ پرٛتھ کُنہِ دورٕ کی اکھا کھ زٕ زٕ افسانہٕ چھِ یتھ سۄمبرنہٕ منٛز شأمِل آئتی کرنہٕ ۔ یہِ زأنِتھ زِ پرن والین پیہِ یِمہٕ مولناونس اندر لۄ ژلِتھ ۔

بہٕ چھُس نہٕ بأروالین سٟتی تھکھ دِنک قأیِل ۔ نہٕ چھُس کتھِ گۄرتہٕ گرٕ ژھوچہِ ژھوچہِ کتھِ تہٕ نہٕ چھُس کتھ گُتأکی تہٕ وَنہٕ راند ۔ بہٕ چھُس پوس وأتِتھ کتھ کرنک عأدی سُتہِ تمی آیہِ یِمہٕ آیہِ بہٕ ژینان یا ژیٚتران چھُس ۔ زیرِ نظر افسانہٕ سۄمبرنہٕ اندر تہٕ چھِ مےٚ پننہِ مقدوٗرٕ کوشش گرمٕژ تمہٕ حال تہٕ کال بدِ کڈنچ یتہِ کردار ماحولچ تمہٕ آیہِ عکأسی ہیکہِ گرِتھ یتھ پرن وألِس تام کہأنی ہُندلۄب لُباب صحیح اندازس اندر واتہِ ۔

سُہ واتناوبر چھُ تیلی ممکن ییلہِ کتھِ ہنا واش نیرِ ۔ یۄدے کینٛژن قلمکارن سُہ Diction ٹارِ چھُنہٕ کھسان پۆز میٚون مانُن چھُ زِ سأنِس أندی پکھس اندر چھِ دوہ برٕتھ کالچن تِتھی واقعہٕ رونما سپدان یِمن پننہٕ جایہِ کانٛہہ خاص خصوصیت یا اہمیت چھِ آسان ۔ یُس پٔنُن اکھ بیٚون آکار تہٕ انہار پرٛأوِتھ اظہار چھُ لبان ۔ یتھ وِیۆرِتِھ قلمکار پننِس مخصوص قأیِلبس اندر ترٛأوِتھ بتٕرتہٕ ژالن ہأری بروئے کارٔنِتھ اکھ مأری موند انہار چھُ بخشان ۔

یتھ سۆمبرنہِ اندر تہِ گژھن پرن والین تمہِ تژایہِ تہٕ گژایہِ ہٕنٛدی افسانہٕ نظرِ ییٚتہِ سمأجی رِشتہٕ، بدلوٕنہِ قدرٕ، حأدِثہٕ، حأری ثاتھ، سأدرواراحساس تہٕ زندگی ہٕنٛدی وولہٕ گٔنٛزتہٕ ووندٕ منٛزردژ پٹھ ین۔

یہِ کتھ دأیِراوٕنی چھُس ضرورٕی زانان زِ زیرِ نظرافسانن اندریوسہٕ نہٕ پرُن والین نظرِ گژھ تتھ ہیکہِ بأقی زبأنٕی ہنٛدین افسانن ہُنٛد تہِ اثرآسِتھ تِکیاز یہٕ چھُس مختلف زبأنٕی ہٕنٛدی افسانہٕ پرانتہِ تہٕ ترجمہٕ تہِ کران۔

أخرس پیٹھ چھُس بہٕ پنٕنس رفیق، شفیق تہٕ مُحِب شیٚہلِ کُلِس موحترم محمد احسن احسنؔ صأبُن شُکرانہٕ کرُن پنُن فرض زانان یِہنٛدِس سالیس تل روٗزِتھ میأنی ارمان بامل چھِ یوان۔

یکُم جنوری ۲۰۱۵ء عبدالاحد حاجنیؔ

# پٕوزچھ ٹیوٗ ٹھ

از أسی شامس ؠتی تمہِ سأری بچھِ وٕنی گُجہِ ہٕنز بوٗنہِ تل جمع تہٕ یِہُنٛد زِیُٹھ رٔحیم کولنگی اوس یمن برٛونٛہہِ کنہِ کیٛا ہتام ہدایات دِوان۔ یہِ گُجہِ ہٕنز بوٗنی أس امہِ بستی ہٕنز پہچان بنیمٕژ۔ تِکیٛازِ دوہلہِ أس یہِ وتہٕ گتن ژھُہل کرٕناوان تہٕ دِگرٕ پتہٕ أسی بستی ہٕنٛدی سأری شُری اتھ لنگن رزٕ گرِتھ جوٗلہٕ سوارِ گھوان۔ کھسہٕ وُنہِ آفتابہٕ انٛدٕ أس اکھ دزٕمن دار مأری مُنٛز پینٛچہِ ہنا، ییتہِ نَس ژھینٛزٕ متی تہٕ تھکٕمتی گُملی دَجوڈٕ رپو پیٹھٕ کھٔسِتھ دَم أسی دِوان تہٕ پتہٕ کھوورِ طرفہٕ ناگہٕ پوکھرِ پیٹھ ترٛیشا چیتھ پن پننس کارس لگان۔ شامہٕ برٛونٛہہے أسی سأری ژلان، تِکیٛازِ یہِ بوٗنی أس بستی نبر اوٗ ڈمیلاہ تہٕ ؠتی اوس قبرِستان۔ شامہٕ پتہٕ اوس نہٕ لپأری یُن گژھن تہِ۔ توَے أسی سأری بچھِ وٕنی اتھ شامہٕ پیٹھے سُمن ہوان تہٕ دوہکس گری مُتس تہٕ کرٛأوی مُتس دَل دِوان تہٕ آیندٕ خأطرٕ پرٛوگرام طے

گٲرتھ پانہٕ وٲنۍ غم دفاییٖ کران۔ خبر از کیا زِسمیہ یم سُلی ؟

رٔحیم کولنگی اوس أکِسے پٔژھان پٔنٹس کارس متعلق۔ اکھاہ وۄتھ تھوٚد تہٕ لوٚگ وَننہٕ......

''یہٕ اوسُس بڈِس بَبہٕ سُند نیچُو۔ یٖیلہِ بب خدایس حوالہٕ گوٚو، مےٚ کوٚر خرچاونس کُن۔ زٕینٹس کُن آسم زن پچہِ گٔنڈِتھ۔ اطرأفیٖن اندر گوس تیوٗت پرٕ گامہٕ وٲلی گٔے مجبوٗر مےٚ محاضر کرنس۔ کالہٕ تہٕ صُبحس اوسُم پولیس نوان تہٕ دگہٕ مارٕ کٔرِتھ یَلہٕ ترٛاوانٕ۔ أخرس ژوٗلُس گرٕ تہٕ لوٚگُس یتھ کارس۔ اِدٕ پأری لگہٕ ہا لس خدایس سَتہٕ سِنہٕ چھم بتہٕ کھیاوان۔ ٹِنس تہٕ چھٔنِس تل لرترٛأوِتھ چھسم ناگہٕ ننِدرٕ پہوان''۔

امہِ پتہٕ وۄتھ دۄیم...... ''گرٕ چھسٕ زمینہٕ زِراعتہٕ وول۔ کأم گٔری گٔری أسم وٕندس کیوٗر بتہٕ کالس بستہٕ والان۔ جکِھتھ گٔرتھ أسم ہوان تہٕ سوزان أسم وٕندس پنجاب موٚزوٗرِ۔

یورٕ وۄتھُس اکھا اسان اسان...... ''ژٕ ماتیلہِ گرٕ پیٚٹھی اوسُمت ؟''

''نا بھایا!...... سُہ نا أس نہٕ کتھ''۔

''اِدٕ کیاہ چھِہ کتھ''۔ یہٕ وۄنُس بیٚکی...... ''کتھ أس اکہِ وٕرِیہ گٔیہ خوشِک سأری تہٕ اکہِ دوہہ کوٚڈہس گرٕ کالُک بتہٕ کھٔتھے آبہٕ رأچھ۔ خوفتن ژٕیراوس۔ گٹہٕ پچھ آسنہٕ کِنٛزٕ أس سخ تأریکی۔ یہٕ اوسُس یہ ڈٔپی زِ تہٕ وٲنجہِ گاشہِ کھوٚژی کھوٚژی پکان۔ گامہٕ نیٚبرٕ کنہِ قبرستانہٕ کہِ برٛجہِ گلہِ نِشہِ گیٚم کتھ کتھ کنن۔ یہٕ

بامبریاس تہٕ گوس رٕہتھ، اَتھی منز ترٛ وویمو کتھ تام پیٹھ اسن کھنگالہٕ۔ مےٚ کوٚر دِل دۄ رتہٕ گوس نزدیکھ پیہن۔ ووٚنی اوسس یہُند اصل پاٹھی بوزان۔ یٔہنٛزٕ کتھٕ بوٗزِتھ اوسم اَسس آب تہِ یوان۔ یِم اَسی شاید بیچھِتھ اۆ نمت بتہٕ کھوان کھوان دوہچہِ ڈٲلیہٕ ونان۔ زیوِ ٹاساہ کڈِتھ وۄتھ اکھ یِمو منزٕ......

''وُچھ یِیمہِ میانہِ گرٕ واجنہِ شکس لدنہِ اوس از مرٕژ وانگنن زہر ترٛ وومُت''۔ بیاکھ وۄتھ...... ''نسا بھایا! میانہِ اوسُے از لولہٕ سان مُشکِ ادفر ژھٹہٕ وُن روٗنمُت''۔ ...... ''میانہِ امہِ فقرانہِ اَس شاید رٲنِس ستی ژۄ وہٕژ تہٕ توٚے اوسُن نُنہٕ زہر ترٛ وومُت''۔ یہِ ترٛ یِیم سُنٛد بوٗزِتھ وۄتھُم جنوٗن۔ دپان چھُس گرٕژھہ تہٕ پھُٹراوِ یِمن نمک حرامن، کمینن نل نگھ۔ پوٚز تارزوٗنم نہٕ تہٕ روٗدُس دَم ہٮ۪تھ یِہُنٛد بوزان۔ پانس ہیٚژم سام تہٕ ییٚتہٕ یوت پیوم پلہِ زِ ''پانا پانس چھُکھ خوٗن کڈان توتہِ چھی نہٕ گرِکی مُجرٲہی زِوان۔ راتس تہِ چھی نہٕ آرام دِوان کرنہٕ۔ دِلن کڈٕنم ووٗھ تہٕ کوٚرمکھ یورَے آلو...... ''تلایارِ مےٚ دَکہٕ زدس تہِ رٕٹی توَ پانس ستی''۔ ......اورِ وۄتھُم اکھا ''ژٕ کُس چھُکھ، ژٕ کیاہ کران یِیمہِ وقتہٕ ییٲری''۔

''یہِ ہا اَسی کفن ژوٗر شاید، نتہٕ کوسہٕ کاٗم اَمِس قبرستانس پیٹھ''۔ مےٚ وٕنی یِمن پننی سارِے ڈٲلیل ودان ودان۔ یِمن آو عار تہٕ لگِم پنُن دستوٗر سمجھاونہِ تہٕ وۄنُکھ...... ''اگر منظوٗر چھی تیلہِ......''

مےٚ وۄن یورِ...... ''مےٚ چھُ تہُنٛد سورُے منظوٗر۔ تُلہَس پانس ستی تہٕ

دۄیمہِ دوہہِ شامن کوٚرہَس توہہِ حوالہٕ۔ تتہٕ رودُس آرامچ تہٕ آسائیشہٕ ہٕنز
زندگی توہی ءستی گُذاران۔ پتُن گاہے گوم مُشتھ"۔

تام وۄتھ تژ ییم بچھِہ تہٕ لوٗگ طوطہٕ ہِندی پاٹھی پھر پھر کران بولنہِ
"گرِ اوسہٕ ہَس بأرخرزونُمت تہٕ اُسم بوراہ سارٕ ناوان۔ سبٹھاہ تنگ ءتھ......
ہیوٚتُم کُلِس ڈٔل لاگُن۔ زن نہٕ بوزأنی اوُسُس۔ گرِکی آے تنگ تہٕ
تژووہَس الگ۔ وٕں اُسم نہٕ کُنہِ کامہِ کارس ءستی دلچسپی روٗزمژ تہٕ نہٕ اُسم
توٗژھے۔ ماٗلی ہِندِس اَکِس یارس گوس تہٕ تژوومَس پتُن سورُے حال
بۄزٕ وُنِتھ کنہِ۔ سہٕ وۄتھُم تورٕ......"ژٕ کُس کار چھکھ یژھان کرُن؟"۔

مےٚ گلو وکلہٕ یہٕ وُنِتھ زِ "نرمو زو رِسومب چھمنہٕ توٗژھے روٗزمژ۔ کرٕ ہا
کانٛہہ کارتھ گرٕ ہِ راش آسُن، یُس نہٕ مےٚ چھُیی"۔ اورٕ وۄتھُم درجواب......
"جگرا مےٚ ہا آو چون مقصد سمجھ۔ ژےٚ نہٕ گرٕ ھی پیٚنہٕ محنت کرٕنی نہٕ گرٕ ھی کینٛہہ
خرچاوُن پیٚون۔ اتھ گیہِ کانٛہہ سبیلاہ وُچھِنہٕ ییتہِ تالوٗٹنگ آسن وسان۔ وٕں بنہٕ
ہکھ سیاست دان، تگہٕ نےٚ نہٕ لوٗکھ بیوقوٗف بناوٕنی تہٕ نہٕ کھسکھ تِمن ٹاری۔ نتہٕ
اگر بچھکھ تیلہِ چھی نہٕ پرَے کینٛہہ"۔

ماٗلی ہِندی یارن یوٚ دوَے مےٚ طنزکوٚر، پوٚز مےٚ لُج یہٕ کتھ بأرتھِھ ہش تہٕ
وۄتھُس دژاس گرِتہٕ رلیاس توہہِ ہوبن ءستی۔ بہٕ کتہِ انہٕ سہٕ زبان تہٕ حمپرٕ۔ نہٕ
پییم تتہٕ محنتھِے تہٕ نہٕ پیوٚم کینٛہہ خرچاوُنے۔ پاکو مُتُے بوٚ رُم جولہِ۔ دِندس تہِ
چندس تہِ پیوٚم۔ امہِ کھوتہٕ آرامہِ وول کار کتہٕ بنہٕ ہم"۔

أمی سُنْد حال بۄ زِتھے تُج بیکی پٔنٕنی ذٔلیل ۔ کتھو تلہٕ باسیام عُمر رسیدٕ ے تہٕ لۄگ ۔ وَدوٕنہٕ آوازِ منز وننہٕ......

"بہٕ اوٗسس لوکہِ پانہٕ پٔٹھےٚ آلُٹھ ۔ گٔرتھ کرٕ اُوِتھ تہٕ اوٗسس نہٕ ہبکان ۔ زٕ لٔڑکہٕ أسِم ۔ اکھ اوس پأنٛژمہِ تہٕ بیاکھ سٔتِمہِ جمأژ پران ۔ اتھ چھوٗنٛز موجوٗب ژٕ اِونأوِم سکوٗلے تہٕ اوسہٕ سکھ دۄرگامن بیچھنہِ سوزان ۔ دوہ بٔرتھ شامس أسِم زٕ تہٕ تہٕ گُنہِ ڈاے ہتھ روپیہِ حوالہٕ کران تہٕ بیٚیہِ أسی جنسہٕ رٕنگی تہِ کیٚنٛہہ انان ۔ گرٕ اوٗسِم اصل پأٹھی چلان تہٕ بہٕ اوٗسس بادشاہٕ سٕندی پأٹھی زٕنگہٕ شیرِتھ کھوٚوان تہٕ پتھ گُن تہِ اوسِم پوٗنسہٕ ٹوٗنٛگ گژھان ۔ تِمن ڈاجہِ بیچھِ بتن انگہٕ تہٕ گأم بتھی پھری تہٕ أسِم بار بارونان......

"ژٕ روزِ کھادوہےَ نرٕ ژٹھ اسہِ بستہٕ والان" ۔

پۄز بہٕ کیٛاہ ہیکہٕ ہأ گٔرِتھ ۔ تِمن أس امہِ دستار خانچہٕ أڈی جہِ انگہٕ ڈاجمٕ تہٕ ژٕھنہس ژٕ اُوِتھ تہٕ پانہٕ ژٕلی خبر کۄت ۔ بہٕ رودُس ہُنہٕ مشید ہٕنٛد جن ہیٛو گرِ زہوٗدِ کڈان ۔ سوٗنٛچاہ کۄ رُم گُس کار روزبم جان تہٕ أخرس ووتُس یتھ کارس پتھ ۔ اِد پأرٕی خدا صأبس تیمی وَتھ ہأوِم یور گُن، ییٚتہِ سوٗرے محنتہٕ رۄس میسّر تھوونم" ۔

ییلہِ سارِوے پٔنٕنی پٔنٕنی دأدی کانٛگر بأوِتہٕ رحیم کولٕنگی وۄتھ یمن گُن...... "گۄو ہسا ٹھیک سوٗرے، پۄز وقتُک تقاضہٕ چھ ؤں بدلان ۔ تِکیاز لۄکن چھُنہٕ ؤں أرِس ذٕرِس تہٕ جوانس خأراتھ دیُن خوش کران ۔ تِہی گٔرِو کأم لوٕ کٹ بچہِ گرٕیوٗ کھ

بچھنہٕ خاطرٕ تیارنۍ تہٕ چھنہٕ تمہٕ دوہ دۄر، بیٚلہٕ یتھ کارس ٹوٗٹ پیہِ"۔

سارِۍ وے کۄراتھ کتھہٕ ستۍ اتفاق تہٕ لگی وونی سۄمبروومُت کیاہتام بڑ کنہٕ۔ زِنی ترٕشہِ ڈیرس دِتکھ الاو تہٕ لگی دوہچہِ آمدنی حساب کرنہِ۔ کانٛسہِ اَکس چھنہٕ ترٕۍ یا ژور ہتھ کم بچتھ۔ یہُند زِیٹھ رحیم کولۄنگ وۄتھ تہٕ کڈٕنی بۄنہِ دَدرِ منٛزٕ اکھ کاپی تہٕ رۄد پرٕتھ کانٛسہِ نِشہِ دوہچ آمدنی رٹان تہٕ پنٛژاہ پنٛژاہ روپیہِ الگ تھاوِتھ باقی یہُند بن کھاتن منٛز درج کران۔ تہٕ وۄننکھ ......"ازآو یوٗنیَن فنڈ ژور ہتھ تہٕ پنٛژاہ روپیہِ"۔

دزٕ وُنہِ الاوٕ ریہہٕ ستۍ اَسی یِم اصل پاٹھی بوزنہٕ یِوان تہٕ مےٚ تام تہٕ اوس کم کاسہٕ گاش پیوان۔ مےٚ دِژ گرِ کُن نظر، واریاہ ژیراوس گوٗمُت۔ سونٛچان چھُس گرِ آسن پریشان مگر مےٚ زون نہٕ مناسب نیرُن، یہِ زانٛتھ خبر یِمن ماپیٚیہِ نظر۔ غلط کینٛہہ سونٛچتھ ہیکن گزٕندتہِ واتناوِتھ۔

یہِ سارِۍ کاروائی مکمل گٔرتھ وۄتھ زِیٹھ یِمن کُن ......"خوفتن ژیر گوٚو، جلدی کٔرِووونی"

بہٕ چھُس پننہِ جایہِ پریشان تہٕ سونٛچان یوٗنیَن فنڈٕ حسابہٕ چھِہ یِم نفراردوہٕ مرٕ، یِمن کیاہ آسہِ ووں کرُن۔ تِکیازِ زِیھی وۄننکھ کٔرِ وجلدی۔

اَتھی ستۍ لۄگ یِمن زِیٹھ بستی ہُند روڈ میپ فِکرِ تارنہِ۔ کُس کمہِ کوچہِ نیرِ تہٕ اَخرس کتہِ سمن۔

بہٕ گوس وٕں زیادٕ پریشان، تِکیازِ یِمن اوس تمی لٹہٕ اکہِ اکہِ نیرُن یِمہِ

اَنڈ بہٕ ناگہِ پوکھرِ مغرِبہٕ اَنڈ ،کس چھمبس ژھایہِ پہٕنٛد حال وُچھان اوٚسس ۔ خیال آم ،چھُنا صلاح ،بہٕ زنتہٕ پکہٕ وُن چھُس تہٕ بوزم کتھ کتھ تہٕ تٔمی آیہِ پرٛژھکھ ..........أتھی ستی گرمے بڈٕ ژاساہ تہٕ دِژم کرٛبکہِ ہنا......

"کمہٕ ساپھوٚ؟"

اورِ آو جواب...... "ہتایارٕ أسی ہاپھِ مُسافر"۔

"ییٚتہِ ہاپھِ یاروسأری مُسافرٕ ے"......

مےٚ ووٚنُکھ یورٕ ۔اورٕ ووٚتھُم اکھا......

"اہن سا،تہِ چھُ پوٚ زُ ے مگرأسی چھِ بیٚچھٕ وٕنی"۔

أتھی وٚنِس ستی درٛاس یمن لرٕی لرٕی گرٕ کُن باغو منٛزٕ وَتھ ڈألتھ ۔ یٚیٹی اوٚسس پکان تہٕ یم تہٕ أسی دوان وتہِ پنٛنین ماٹھن کُن ۔مےٚ کھوٚرٕ شانٛش تہٕ دِتُم دماہ کیٛژھس کالس تہٕ پتہٕ ہیٛژم وَتھ گرٕ کُن ۔بہٕ پام پنٛنہِ بستی منٛز ووٚتُس یم أسی تمہِ وِزِ پن پنٛنین ماٹھن پیٹھ وأتتھ پنٛنس کارس لگی ستی ۔لنہِ گٔڈ اوس پوٚرٕ پأٹھی نال ووٚلمُت ۔گرا اَژوٚنے روٚٹھس دِلس تہٕ سأری وٕتھم......

"ژٕ کتہِ اوسکھ یوٚت ژیرتام ۔پریشان گرِتھ"۔

موج وٕژھم ......"کوتاہ دِلہٕ دوٚر رودژا اکھ ۔شامہٕ پیٛٹھے أسس وتن وُچھان تہٕ عجیب رلیہِ آسم ووتھان"۔

مےٚ ژوٚل اُسن نیرِتھ ۔اسنن کھول یمن کنہٕ پھوٚن ۔تہٕ ٲلجم زیادَے پرٛژھ گأر ۔ووں نہٕ ژیرِ گوٚھنس بلکہِ اُسن ترٛاونس پیٹھ ۔بہٕ رودُس توتہِ اسان

اسان یمن ونان...... ''کہیں نہٕ...... بلکُل نہٕ کہیں...... یوٗں ہی آم اُسن''
تم تہٕ کتھ ملنہٕ ہن۔ پوٚز مےٚ ؤنی نہٕ توتہٕ اصلیت۔ أتھی دفا دفہِ منز گوٚو نبرٕ
آلو......

''خانہٕ دارو، بتہٕ پھوٚلاہ دِی تو۔ دوہ ہُک چھُس فاقہٕ''۔

آلو بوٚز تِھے گوس تھوٚد ؤتِھتھ تہٕ گوس ماجہِ برٛونٛہہ کُن بُشکابہٕ اتھس کبتھ ہبتھ
تہٕ وۄنمس......

''موجی! تلےٚ یتھ بُشکابس منز شیر بتہٕ مُسافرس''۔

ماجہِ شیوٚ ربتہٕ تہٕ ہیوٚتُن پانےٚ نیرُن۔ مگر مےٚ نیوٚمَس اتھہٕ منزٕ بتہٕ بُشکابہٕ
پانےٚ ننہٕ باپتھ۔ درواز نیرأنی دِتُم مسافرس آلو برٛونٛہہ پکنہٕ خأطرٕ تہٕ ہووٚمَس
ورنڈاہس پیٹھ بہنہٕ باپتھ۔ آبہٕ گلاسہٕ پِلہٕ نوٚومَس اتھہٕ ٹھراونہٕ خأطرٕ۔ اورٕ
وۄتھُم......

''ہتہٕ حض زہر کھبما۔ عیالس گأمٕ زٕ دوہ فاقےٚ تہٕ فُقرٕے۔ ترٛاو یتھ جولنس
منزٕ''

ورنڈُک لمپ اوس دزان۔ مےٚ ترٛأو أمِس بُتھِس نظراہ۔ یوٚ دوےٚ أمی
بُتھِس کپرٛ ژادر تھاوےٚ بہٕ کتھ ملنہٕ ہَس۔ أمِس گوٚو زٕن پرٛاہ تہٕ وۄتھُم اورٕ......

''دِکھنہِ حض پزٕ لنہٕ وار پھبر نہٕ ہنا''

یہٕ بوٚزتھ ژوٚل مےٚ اُسن نیرتھ...... ''روتلہِ کتہٕ ژھانڈ۔ پگاہ یی زٕ دوہ
گاشلہِ۔ ننتہٕ اگر چون لند پگاہ بدلیا وتیلہِ کیٚاہ کرٕے''۔

مسافرن ژٹ کتھ یہِ وٕنتھ...... ''مُسافرس کُس حض ٹھِکانہٕ چھُ آسان''۔

یِی ونان دژ او آنگنہٕ منزٕ۔ مےٚ دِیُٹس پوٚت آلو......

''ہِناہ بوزِے کھبنہٕ وِزِ رَنن واجنہٕ ہٕنٛدِ ناوٕ کینٛہہ واٚجہِ گوٚنہٕ ونان، بہٕ نا تژ اوتھ نہٕ پتہٕ''۔

یہِ ژوٚل موچھِ وٕٹھ۔

مےٚ تژ ووٕں آرام۔ سُہ کتھ پیہ ہمم نِندٕر۔ کُجہِ ہٕنزِ بونہِ تل وُچھمُت تہٕ بوٚزمُت حال اوسُم بار بار ذِہنس وُترِ بنٛیل ٹلان تہٕ اوسُس پننس سماجس تہٕ سماجی ٹھیکہٕ درن خبر ہوان۔

دوہس اُس آتھوار۔ تاپہٕ ہنا اُس خوش کران۔ بتہٕ پھوٚلاہ کھیوٚم تہٕ گوس باغس منز ییتہِ موٚزوٚر گوڈایہٕ ستی مشغول اُسی۔ بہٕ اوسُس یمنٛے ستی پکان ہاوان ہاوان کُلین کیاٚرٕ کیاہ چھُ کرُن۔ گرم پوریام تہٕ اوسُس شیٚہلی شیٚہلی پکنٛچ کوٚشش کران۔ موٚزوٚر روز رُژ میانٛی ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ تہٕ لِگم وننہِ......

''گرِ ھ حض دِتامتھ شِہلی دِماہ بونہِ تل، تام گرِ ھ اُسی تہٕ فارغ''۔

دَوان ووتُس کُجہِ ہٕنزِ بونہِ تل، ییتہِ واریاہ وَتہٕ گتھ کیاوٕ کُملی مَس نِندرِ اُسی۔ کانٛسہِ وُچھِم بوہرِ ہناتہٕ کانٛسہِ پلو بو کھچاشاند۔ اکھ جوان وُچھُم، یس پٔنٛن بیگ اوس شاند، مگر امیُگ رنٛدُک اوسن ہٹس وٕلتھ تھوومُت۔ اندازٕ کوٚرُم زِ اُمس گرِ ھ اتھ اندر کینٛہہ قیمتی مال آسُن۔ مےٚ کیاہ اوس اور سَٹُن۔ مےٚ ترٲولُر پتہٕ چھُم نہٕ کُنٛہ خبر ے۔ اگر نہٕ بستی ہٕنٛدی شُری ترٔٹرِ زوٚل سوارٕ کھیٚنہٕ بونہِ تل یِہن بہٕ

روزٕ ہا خبر کِتس کالس شوٗنگتھے۔ بوٗنہِ لنگن رزٕ گرِتھ لگو اکھا کی ہِشدِس ترٛٲوٕلس
زنگو ہتی دکہ دِتھ سوارِ کھینہِ تہٕ امی شورٕ ہتی گوس ہُشیار۔ گرِ کُن ترٛاوُم نظر۔
پانژھ آسہٕ بجیمژٕ۔ دوریاس جل جل ناگہٕ پوکھرِ تلِ، آبہٕ تھوٚمبی کینژہہ دِتم
بتھِس۔ اُچھ آیم مژرنہٕ۔ تتھ چھمبس کُن پیٚیم نظر تیمی مےٚ راتس ہنِدرٲس
زاجمژ۔ بچھِ وٲنی آم ساری بڑونہہ کُن۔ تتھ بوٗنہِ دَدرِ ترٛاوُم نظراہ یمہٕ اٲندرٕ
تہٕندی زِٹھی کاپی کڈِتھ ناو بہ ناوٕ تہٕنز آمدنی درج کریہِ۔ دِلن کجے نَم ووٚٹھ اَتھ
ددرِ ژھونڈ دِنس۔ پوٚز ضمیرن دِیُتنم نہٕ اجازت۔ دژاس گرٕ کُن یہٕ زاننتھ زِ
موٚزو رَوآسہِ کاٗم موکلاوِمژٕ۔ کوچہٕ اژِوٲنی دُکاندارن کوٚرنم آلو تہٕ ووٚننم......

"یہِ ہِش ترٛاوسکو لِکی کمی تام مُلازمن چِٹھی تہٕ دوٚپنم یہِ دی زبو ماسٹر جی
یَس"۔

یہٕ کھوٚتس وٲں ولنہٕ تھرس پتھ تہٕ ہیوٚتُم لِفافہٕ کھوٗلن۔ اُتھی منز آو اکھ جوان
بچھِ وۄنا تہٕ کوٚرن دُکاندارس سوال......

"بابا خدایہِ ہِشدِ ناو دِتہٕ کینژہ ہا"

دُکاندارن کوٚڈ پھٹہٕ وٲٹی ڈَبہٕ منٛز کیا ہتام تہٕ پلہٕ نوٗنس۔ یام مُسافرن اتھ
دور، تام لاٚین یم پھٹہٕ وٲٹی پوٗنسہٕ واپس......

"ہتہٕ ہش ہتھ کیاہ یہِ بازرٕ"۔

دُکاندار ووٚتھ مے کُن......

"ماسٹر جی تیمس دِتہٕ ہش چندِ منٛز کینژہہ"۔ اُمی ووٚ گری بچھن ترٛاوِ مے کُن

نظرِ تہٕ وۄنُن دُکاندارس کُن ......

"ژےٚ کوٚرُتھ طورِ تہٕ ؤں رود ماسٹر صأب" تہٕ ہیوٚتُن نیرُن۔

مےٚ کوٚرُس آلو ...... "ژۄ لُکھ کیاز، بڑۄ ٹھہ پٔہن پکھ۔ مےٚ پُرژھ اُمس۔ ژٕ

کتہِ روزان؟ بیٚچھان کیازِ چھُکھ"؟۔ یہِ وۄتھُم اوٕر بڈٕتھ تہٕ بولتھ۔

"ژےٚ چھےٚ حق پرٕژھ گأر کرٕنی کِنہٕ چنٛدس تہٕ ترٛاو کھ اتھ؟"۔ مےٚ گوٚو سخ

مُشکل، پوٚز اَنٛدری ژوپم۔ چنٛدس ترٛوومتھ۔ لتہِ اوس وٕتہٕ پانٛژٕ روپیُن تہٕ پلہٕ نوومس تہٕ

ستی وۄنُمس "کوتاہ چھکھ دوہس وٹان؟" اوٕر اوسُم وُچھان۔ یہٕ وۄتھُس ......

"گوڈٕ چھےٚ دوہ برِتھ شامس پنٛژہ روپیہِ ہوافیس ادا کرنہِ"۔

اُمی تکرأو کٔن تہٕ ............

"تھاوَ کھنایہِ پانٛژٕ روپیُن چنٛدس تہٕ مےٚ ترٛاو کھ۔ بہٕ حق چھُس بیٚچھان، مگر

حرام کھورتہِ چھُس نہٕ"۔

یِی ونان کڈُن کُنی دَو۔ بہٕ لاریاسس پتہٕ مگر لگہٕ منٛد چھِ پھیوٚرُس واپس تہٕ

ژاس گرٕ۔ گرِ پرٕم دُکاندارٕ سنٛز دِژہمژ چٹھی۔ یہِ اُس اطلاع تمام زوٚنہٕ کٔمن

سکوٚلن ہیمن اُکس مباحثس اندر شرکت کرنُک باپتھ باپتھ اوس کرنہٕ آمُت۔

موضوٗع اوس "بچہِ موٗزوٗرکہ تہٕ مُروجہِ لیبر قوانین"۔

......☆......

کینٛژن دوہن اندر گرسارِوے سکوٗلو پوٗرٕ پأٹھی تیأری تہٕ اکھ عالیشان

جلسہٕ سپُد ہائر سیکنڈری سکوٗلس اندر۔ درجنہٕ واد سکوٗلو کٔر شرکت۔ محفلہِ اندر اۄسی سماجی، سیاسی کارکُنو علاوٕ ماہرِ اقتصادیات تہٕ ماہرِ تعلیم تہِ موجوٗد۔ غرض قریب قریب اۄسی تمام طبقن تہٕ شعبن ستی تعلُق تھاون وٲلی لوٗکھ اتھ پُر رونق مباحثس غورٕ سان بوزان تہِ تہٕ داد تہِ دِوان۔ شُربن ہٕندی تاثرات بوٗزِتھ ؤتھی ایوانِ صدارتس اندر تشریف تھاون وٲلی وارِ وارِ تہٕ لگی پنٕن پنٕن نظریہ دٲیر اونہٕ۔ یہِ اوٗسس سٹیج سمبالتھ تہٕ مٔنزی مٔنزی اوٗسس کانٛسہِ ہٕندِ بن خیالن پھٹ تہِ کڈان تہٕ کیٛنژھا پنٕنی رائے تہِ دِوان۔ سٹیجس پٮ۪ٹھ ہیٚتھ کیٛنہہ سیاسی تہٕ سماجی ٹھیکہ دار اۄسی مےٚ روگہِ روگہِ وُچھان۔

اٰخرس پٮ۪ٹھ آو مےٚ حکُم کرنہٕ اتھ موضوٗعس پٮ۪ٹھ بولنہٕ خاطرٕ۔ مےٚ آو دارِ کنٛی اٰنٛزِ تہٕ رٕٹُم مایک۔ تمام طبقن بامےٚ تمہٕ سیاسی، سماجی، اقتصادی، مذہبی یا تعلیمی شعبس ستی اۄسی تعلُق تھاوان، اکھِ اکھِ ہیٚژم ٲمِن خبر۔ یہِ کیٛنژھا مےٚ گژھِ ہٕنزِ بونہِ پٮ۪ٹھ پننِس کوچہِ کِس دُکاندارس تام پانہٕ سوٗر، اٰچھو وُچھُم تہٕ محسوٗس کوٗرُم۔ اکھ تہٕ تہٕ ییٚیہٕ تمن بےٚ غارتن ٲمِن محنتہٕ روٗس دولت جمع کرنن ییٚچھ تہٕ ووکھٕ کارن ہٕنزِ چکی ژٲنی، ٲموٗ سون سماج تہٕ موجوٗدٕ پےٚ مزار بل واتناو۔ تمن آلرژھن ٲمو پنٕنی شُری تمن کارن لاگی ییٚتہِ ٲمِن اڈٕ پھٹٕن گلابن اتھس کیٚتھ قلمہ تہٕ کتابہٕ بدلہٕ، دوگُر، ٹکر تہٕ قالینہٕ کھوٗری تھاوِکھ۔ اتھ ساٲرِسے کرمےٚ کوم تہٕ گرمس پننہِ آیہِ وضاحت، زیادٕ تمہِ وِزِ ییٚلہِ یہِ جذباتن اندر پرٕ گژھتھ یہِ وٕنِس مجبوٗر گوٚس۔

''کوتاہ چھُ وأنجہِ تمہِ وِزِتٕرٕ ووتھان یِیلہِ یِژھن محفلن اندر تمےٚ سیأسی، یا سمأجی ٹھیکہٕ دٲر چھِہ واویلا کران۔ یٔہنٛدٕ ن کارخانن تہٕ فیکٹری ین اندر یِمے معصوٗم گُلالہٕ نظرِ چھِہ گژھان، یِمن أچھن ہُنٛد گاش تہٕ رگن ہُنٛد خوٗن چھُ، یِمن سرمایہِ دارن ہنٛدی گرٕ کھالان دزان۔ تمےٚ لُکھ دِنا اتھ قانوٗنس پرٕ وٕہرٕنہٕ۔ یوٗ تأنی نہٕ گوڑٕ تمے عوأمی غیض وٕ غضبکی شِکار سپدن توٗ تام یِمن محفلن ہُنٛد اہتمام کرٕن گوٚو آب منٛدٕن''۔

مےٚ ہیوٚت أے تمہِ وِزِ یوٗ ژُئمٹ یِیلہِ ایوانِ صدارتس اندر بہتھ تس سیأسی نمائندس کُن نظر پییم یَس سانے بستی ہتی اکھ قالینہٕ فیکٹری چھِہ یِیتہٕ ہتہٕ پیٹھی کُٹ کیٛو کوٗرِ ٹینڈی موٗزوٗری چھِہ کران، یُس خشمہٕ ہوٚت تٔلی ٹارِ مےٚ وُچھان اوس۔ پوٚز تہِ اوس گوٚمُت نیرِ تھ۔ أخرس کوٚر تعلیمی زوٗنکی سر براہن پژھِن ہُنٛد تہِ تہٕ شُرکاہن ہُنٛد تہِ شُکریہ۔ أتھی ہتی وأژ محفل انٛد۔ سأری أس خوش۔ مگر بہٕ اوٚسُس پننہِ جایہِ خبر کیٛاہ کیٛاہ سوٗنچان تہٕ عجیب رأیہِ آسم ووتھان۔ سأری دزاے پانس پانس۔

صُبحس یِیلہِ سکوٗل ووٚتُس سأری أسم مرحبا کران تہٕ شاباشی دِوان۔ بہٕ اوٚسُس پننہِ جایہِ مطمئن۔ کلاسس ژاس تہٕ روٗدُس پرٕ ناونس ہتی آوٗر۔ اکھ أس بجنس تیار تہٕ چپرأسی آم......

''ہیڈ ماسٹر صاب حض چھوٗ یاد کران''۔

مےٚ تٕر ووکلاس أتی تہٕ ژاس ہیڈ ماسٹر صأبنس چیمبرس منٛز۔ تموٗ پلہٕ نووٕ مے

لِفافہٕ پتہٕ وۄنُن "گنڈِ وڈیرٕ"۔ مےٚ یام لِفافہٕ کھوٚل پٲتم شَہہ گوم پتھ پتہٕ بڑٕ وُنٹھم بڑٕ وُنھہ۔ پٔتۍ کٔنۍ دزٕنم أکی سأ تھٔین زپر تہٕ وۄتھُم ......

"پۄز چھُ ٹیوٚٹھ، یلتہٕ چھُ امیُک زہرأنٛدری چۄن تہٕ پٔنٛنۍ Conscience اڈٕ مار گرِتھ وقتس سٕتۍ پکُن تہٕ ییٚلہِ چھکارٕ دِموس تیٚلہِ چھُ پزٕ ٹیُگ ٹھہرٕ تہٕ تیٚہہ برداشت کرٕنۍ"۔



# ڈرٛیس کوڈ

بہٕ دِژاس از وار یاہہ کالِگ شکیل صابس ستی سُہ فنکشن Attend کرنہٕ، ییمیُک مےٚ آرِ غور اوس۔ بہٕ چھس پانہٕ تہٕ اکھ NGO چلاوان، ییمہِ کِنہِ مےٚ یِژھن فنکشنن پیٹھ گژھنُک شوق ہمیشہٕ مجبور چھ کران۔ کالجُک لان اوس منڈوٕ پینوٕ ستی برِتھ۔ کاتیٚ سکالر، ادیب، دانشور تہٕ سماجی کارکُن اُسی اندر اَژنہٕ خاطرٕ جامہٕ تلاشی کرن والین کُن پکان۔ بہٕ تہٕ شکیل تہٕ اُسی وارِ پژاران۔ تام گوٚو مائیکہِ پیٹھ اعلان زِ مہمانِ خصوصی چھِ کینژ کالی پتےٚ تشریف انن والی۔ تمام پژھن چھےٚ گذٲرِش یِوان کرنہٕ، تمہٕ اَنن صفہٕ ساعمین اندر تشریف، یُتھ کاروائی ہُند باضابطہٕ پاٹھی آغاز ییہِ کرنہٕ۔ لانس منزٕ گیہِ ہلچل ہِش پٲدٕ......سٲری چھِ ووٕنی کوٗشش کران ہالس اندر اَژنچ۔ مےٚ

دیُت شکیل صائبس نرِ دژسہ تہٕ واتنوُم جامہٕ تلاشی والین بڑ وٹھ گن۔ تام ژاے ہالس اندر۔ ہال اوس برِتھ آمُت تہٕ پتھ گن بنیہِ جاے تہٕ پٹھی کُرسِین پٹھ۔ تام بأ گرأ ویکھ پروگرام کا پیہِ۔ سأری گیہِ تھوٚ دؤ تھتھ تِکیاہ زِ مہمانِ خصوُصی ووت ڈائیسس پٹھ۔ سمینارُک سپُد آغاز۔ موضوٗع اوس ''سماجکی بدلوٚنی انہار تہٕ سون مستقبل''۔ ترٛےٚ مُدلّل تہٕ پُرمغز مقالہٕ آے گوڈنچہِ نشستہِ منز پرنہٕ۔ یِم بہلہِ پایہِ دأنشور تہٕ سکالرو أسی لیکھی متی۔

بحثُک آغاز سپُد۔ یوٚ دوٚے واریاہ ہوشر کاہو بحثس منز شرکت کر، اما پوٚزیُس رول زرینہ جی ہُند روٗدُسہ اوس تعریفن لایق۔ سُہ روٗز مباحثس پٹھ چھائوِتھ، تمہِ وِزِ باسیوٚ وزرینہ جی ہُند علمی سمندر برجوش یِوان۔ یِیلہِ ڈاکٹر ریاض الرحمان ہٕندِس مقالس پٹھ سوراے زنی کران أس۔ سأری روٗد یہِ پُرمغز تقریر غورٕ سان بوزان۔ مقالہٕ کھوتہٕ أسی زرینہ جی ہٕندی خیالات زیادٕ Informative تہٕ موضوٗعس مطأبق۔

سأری سامعین أسی زرینہ جی ہٕندین خیالاتن داد دِوان تہٕ مرحبا کران۔ یام سٹیج سیکریٹری یَن محسوٗس کوٚر حاضرینِ مجلسن ہُند داد دیُن، سُہ گوٚ ویکدم تھوٚ دؤ تھتھ تہٕ لوٚگ سامعین گن وَننہٕ:

''یہِ أس سانہِ ریاژچ مایہ ناز تہٕ تھکنٕی لایق سماجیاژچ پروفیسر محترمہ زرینہ جی مقالن پٹھ پننٕی راے ظأہر کران۔ اسہِ چھ یژھن ہستین پٹھ فخر''

وۄنی گیہِ دۄیم نِشست شروٗع یتھ صدارت ماہرِ اقتصادیات ڈاکٹر
ویشنو گُپت اُس کران۔ اتھ منز تہِ اُسی ترٛے مقالہٕ پرٕنی، یمن منز زرینہ جی
تہِ اوس اکھ مقالہ پرُن۔ یوٗ دوٚے سأری اُسی کنہٕ پھسراری کران، گوڈٕ
گرِتھ زرینہ جی پرٕنی، مگر سُہ ما اوس اسہِ بوزن والین تام۔ خأرٕ مقالہٕ بوٗزی،
بحث ندارد...... مقالہٕ موکلتھ یام مائیکہِ پیٹھ وننہٕ آو...... ''اگر کانٛسہِ مقالن
متعلق کینٛہہ وَنُن آسہِ سُہ اُنی تن ڈائیس پیٹھ تشریف''۔

بوزن والین ہنٛزٕ نظرِ آسہٕ یکدم زرینہ جی پیٹھ پھوان۔ یوسہٕ پانہٕ
ڈائیس پیٹھ پٔنُن مقالہ پرنہٕ خأطرِ موجوٗد اُس۔ یام سو مائیکہِ نزدیک واتٕ
تام وۄتھ ژرِ پٹی گرٕز ہالس اندر...... مقالہٕ برٛونٛہہ کُری زرینہ جی کینٛہہ
خیالات ظأہر۔ یوٗ دوٚے یمہٕ کتھٕ موضوٗع نبر آسہٕ، مگر صفِ سامعین منز
اوس صِرف کٔنن گرٕہان...... ''مرحبا...... مرحبا!!''

تام کوٚر زرینہ جی پٔنُن مقالہٕ شروٗع ییمٕیُک موضوٗع اوس ''روزمرٕ
بدعات تہٕ سون سماج''۔ مقالہٕ کوتاہ پُر مغز تہٕ معنہِ سوو اوس بہٕ ہیکہ نہٕ ؤنی تھٕ
۔ تمام شعبن سٕتی تعلق تھاون والین اُس امہِ خبر ہیٛرٕ مٕرٕ۔ تدارُک کرٕنکی
امکانات تہٕ محرکات اُسی تمہِ آیہِ وبٕرٕھناونہٕ آمتی، عقل اُس چکر کھوان۔

دۄیم نِشست وأژ اند تہٕ اُتھی سٕتی گیہٕ لنچ برٕیک۔ اسہِ اوس گوڈٕے
فأصلہٕ کوٚر مُت ازکر وہ تہٕ شکیل صاب گُنہِ ہوٹلس اندر لنچ۔ اُسی دِژاے اتہِ
تہٕ کینٛہہ زأنی کارِ وۄتھی اسہِ گُن......

"کوٚت ھُس، لنچُک انتظام چھُ ییٚتی"۔

أسی روٗ دی ہوٹلس گن پکان۔ پکان پکان تہٕ أس زرینہ جی زیرِ بحث۔ ہوٹلس اندر بیہانٕی ووٗتھ مےٚ شکیل صأب......

"ژےٚ چھیہِ زرینہٕ معلوٗم"؟

مےٚ کوٚر نٕکار...... تِکیاز مےٚ اوس نہٕ پتہٕ ہے

شکیل ووٗتھ دُبارٕ......

"یہِ گیہِ جناب عبیداللہ صأبنٕی کوٚر"

"ہاں!!...... یہِ چھا تہنزٕ ے کوٗر؟ خبر سہٕ نچوٗ تمی سُند کیاہ چھُ کران ازکل" مےٚ پرُژھمس یورٕ۔

"سہٕ جناب گیا وفارین بڑی...... تیأری کوٚرُن نیتھر تہٕ بنیاو تتہِ گےٚ شہری۔ عبیداللہ صأب چھُ گرِ آسان تالو پچہِ گنزران۔ اگر نہٕ زرینہ پھیرِتھ پیہِ ہیس، تس بچارس بنہِ ہے نہٕ چایہِ دام تہٕ"۔

"کیاہ مطلب...... زرینہ پھیرِتھ تہٕ...... یڑھ کورِ تہٕ اگر پارٕ پییہِ تیلہِ کیاہ روٗ دباتےٚ"

"مےٚ چھُ کالُک بتہٕ یاد"...... أتھی وننس ستی گٔر شکیل صأبن ژھوپہٕ۔ پہٕ ووٗتھس......

"ژھوپہٕ کیازِ گیےٚ، کلام تھاو جأری"۔ یہِ روٗ دونان۔

"ژیےٚ چھےٚ پانس تہِ پوٗرٕ پےٚ...... عبیداللہ اوس کمشنر سیکریٹری۔ تس

أس دولت پتہٕ پتہٕ پکان۔ تِمِہ دولت تہٕ جاداد تھوٗن سوٗمبرِ تھ یتھ نہٕ انٛد

شانٛدٕ ے اوس۔ نچیٚو کرٕنووٗن F.R.C.S تہٕ سُہ گوٚ وتیٚاَرِی Adjust۔ زٕرِینَن

کرِ یہِ پوسٹ گرٛیجویشن تہٕ پتہٕ P.H.D کیاہٕ وِ بیٚیہِ ڈِگری تہٕ اَنٛج ڈائریکٹ

کالج لیکچرار۔ یہِ اَس شُرِ پانہٕ پتھٕ سیٚوٗ دِتہٕ ساد۔ زانٛنِی توٚ درویش

صِفت۔ ہاوباوس تہٕ رِیاکاری ستی أسس سخ رِش، شاید آیہِ توٚ ے مائلس،

واپس ڈیکس مرنہٕ"

"ژٕ ونان کیاہ شکیل صاب۔ یہٕ زانٛن عبیداللہ صاب اصل پاٗٹھی۔

دوس اوسُم ...... مگر ژٕ ے أسی میانہِ کھوتہٕ زیادٕ خبر۔ ژٕ اوسکھ تِمَن گوڑٕ پتھٕ فیملی

ممبر ہیو"

"توٚ ے چھُسے ناونان۔ ژٕ ے أسی یاد خانٛ انٹرپرائیزٕ ز" یَس تِمَن

دوہن اوٚ ڈ درجن شوروٗم أسی تجارتی سینٹرٕن منٛز۔ یُس گوڑٕ ڈلگیہٕ اوس بسان

تہٕ پتہٕ روٗژن زمینہِ کنال داہ مرِنگینہٕ تہٕ لوٚگ تِتھی بسنہٕ"۔

اچھا! یَس " خانِ خانان" تہِ أسی ونان۔ شکیل صابس کوتاہ لالچی

اوس۔ دَولتہٕ بغار اوس نہٕ تس کہیں نظرِ یوان۔ سُہ ہا اوس عبیداللہ صابس پتہٕ

پتہٕ آسان پکان"۔

"توٚ ے بنے یَس Import Export لائسنز تہٕ زٕ تھر دوٗن کار

بیرٛونی مُلکن اندر۔ لالچ روٗزِس بڈان تہٕ موقعہٕ پرستی منٛز اوس سُہ مِثال۔

چاپلوٗسی تہٕ پوشہِ ہیس نہٕ کانٛہہ۔ اکہِ دوہہٕ روٗژن عُبید صابُن قریبی دوس رفیق

صأب تہٕ وولُن ناوِ، یہٕ ڈٕتھ زِ کانٛہہ وَتھاہ کڈتہٕ یہ کرٕ ہاپنٕس کنٕس نچوٗس عُبید صأبنہِ رشتہٕ۔ زرینہٕ اُس تمنٕے دوہن لیکچرار بنیمٕژ۔ رفیق صأبس تہِ خبر کوٗسہٕ کمزوٗری آیہِ، یہیمہِ کنہِ یہِ آمادٕ گوٚو رشتہٕچ کتھ ٹلنس، یِیلہِ زن تس خان صأب پوٗرٕ پأٹھی معلوٗم اوس۔

''توٚہہ چھُ پتہٕ زِ خان صأبس چھُ کُنے نچوٗ، یُس تمی ہنٛدِس ییٚتس کاروبارس چلاوان چھُ۔ اگر میٚون بوٗزی ہو، زرینہٕ لالُن رِشتہٕ کرٕ ہوٚتی''۔

یہِ وۄن رفیق صأبن عبیداللہ صأبس۔ گوڈٕ گیہِ عُبید صأبس ژھوپہٕ۔ پتہٕ یِیلہِ رفیق صأبن دُبارٕ تہِ وۄن۔ یورٕ وۄتھس درجواب ''وَلہٕ ساوٗچھو۔ کرَو اتھ پیٹھ صلاح مشورٕ، اگر بٔس منظوٗر اوس''۔

چھأکرس گوٚو رِشتہٕ طے۔ عُبید صأبن تہِ وُچھ نہٕ پتھ بڑٕ ژھہ خرچاونس۔ لچھن آوڈاس کرنہٕ۔ تہٕ تہِ ووت خان صأبُن گرٕ ژورِ ژھینپہٕ، یتھ نہٕ شُمارٕ ے اوس۔ خان صأب تہِ اوس یی یژھان۔ پوٚز زرینہٕ اُس کلس پیٹھ کنٕی ہتھ۔ مألِس نِش کیاہ چلہِ ہیس۔ ییٚنہِ وول سپُد بڑٕ چکہٕ چاوٕسان...... مگر تمہِ وِزِ تہٕ اُس زرینہٕ وِگس پیٹھ بیہتھ تہٕ ونان وبسن تہٕ رشتہٕ داربایِن......

''مالِ حرام بجایہِ حرام رفت''۔ کاش اباجان امہِ کھوتہٕ مےٚ کانٛسہِ غریبس دِیہ ہے، یِیتہِ مےٚ تہٕ تہٕ تس تہِ قدر والتہِ ہے۔ زانہٕ خدا! مأنٛلی ہنٛزِ یہِ مکر دولت مأنہِ میأنس لأنس کھر''

مےٚ وۄن مےٚ نا گوڈٕ ے یہِ اُس بچپن پیٹھے سادٕ طبیعت تہٕ درویش

صِفت کوٗر۔ زن اوس تمہٕ وِزِ أمس بوزنہٕ آمٕت۔ وأریاہ نیرنہٕ بڑ وٚنٹھے پھن آس مول بڑ وٚنہہ کُن تہٕ وٚنٕنس

''زرینہٕ لالا...... ژٕ چھکھاوٚنی مطمعین۔ کِنہٕ وُنہِ چھےٚ پرٕ گی کُنہِ رنگہٕ''

یورٕ وٚژھس زرینہٕ اطمنانہٕ سان......

''ابا جان! کیٛا مطمعین چھُ تہُنٛد مطلب۔ اصلی گژھ ہیٛرِم تسلی تہٕ تشفی عطا کرُن۔ اِدٕ ہیکہِ بنٛدٕ مطمعین أستھ۔ پتھ رٕوزٕ پرٕ گی، تمی سٕنٛز گژھ حفاظت تہٕ رفاقت شأمِلِ حال آسٕنۍ''۔

زریٛنُن یہِ جواب بوٗزِتھ گوٚو عُبید صأب زن غوطن...... تہٕ وٚنٕنس در جواب۔

''کوٗری! یہِ فلسفہٕ تژ اوٚکھناٛژ وُنہِ تہِ''؟

''کاش ابا جان!!...... یہِ خرچوٚتھ، اگر امیٛک ژوٗرِم حصےٚ أسہِ ہی موٚنٛڈن، مِسکینٛن، یتیمن تہٕ نادارن پٮٛٹھ خرچوٚمُت، تیٛلہِ کوسہٕ پرٕ گی روزِہے''

بہرحال زرینہٕ وأژ خان صأبن گرٕ نوش بٔنِتھ۔ گرُک نقشے بدلیاو دوہن منٛز۔ یٮٛتہِ صُبحس دہہ بجہِ أس نٛندرِ وِوتھان۔ تتہِ از زرینہٕ سحر وقتہٕ بڑ وٚنٹھ وٚوتھان۔ سوٗرے کٕچنس منٛز تیار گرِتھ تلاوت کران تہٕ پتھ کمرس منٛز Bed Tea واتناوان۔ تہِ گرِتھ تہٕ خان صأبنی خاندارٕنی بڑیڈی کڈان تہٕ ٹسنہٕ ژٹان۔ یورٕ زرینہٕ کنہٕ ڈول دِتھ پننہِ کامہِ سٟتی آوٕرروزان۔ دٕہن بجن تام دلیہٕ ہنٛدی پأٹھی کأم کارٕ گرِتھ کالج نیران۔ تورٕ واپس یِتھ برابر ژٕہن ژن کہن بجن

تام اُکی ہے زنگہِ پیٹھ رؤ زِتھ گرُک لوہ لنگر چلاوان۔

یوٗت گرِتھ تہِ اُس خان صائبنی خاندارِنی خاندارس ونان...... ''یہ لگہٕ ہانہٕ اَتھ چنڈال گیہِ، کتھ تاونس لاٗگتھ۔ یہِ منٛد چھاوَن بانہٕ اوٚتھن۔ پوٚژھ لوٚژھ چھُ یِوان تہٕ یہ بےٚ ڈول چھِ یِمنے پلوٗن منٛزلتس بڑ وُنٹھ گُن گرِژھتھ اسہِ منٛدٕ چھاوان۔ کھرٕ لیس چھُم تمہِ وِزِ وسان۔ رِشتہٕ دار باین گُن چھُس نہٕ بُتھ ہبکان دِتھ۔ اُمِس بلایہِ خدا ہس چھاڈربس کوڈ۔ یِیےٚ مٲکری جندٕ لاٗگتھ چھُم تمن بڑ وُنہہ گُن وَندنہِ یِوان''۔

خان صاٗب اوس یور کتہٕ چشمو تھلہِ تھلہِ وُچھان آسان۔ وُنتھ تہٕ کیٚاہ ہیکہِ ہے۔ اُمِس اُس امہِ ڈبکہٕ بجہٕ گوڈے گُنڈی لاکم تھاوِمٕژ دِتھ۔ خان صائبنی خاندارِنی اُس دوہس منٛز ترٛیہِ ژورِ پھِرٕ سوٗٹ بدلاوان۔ ہمسائے بایوَ اُس اُمِس ''گُڈی آپا'' رٕژھ تھاوِمٕژ۔ اُمی سُنٛد ڈربس وُچھتھ آسہٕ انٛہری شہِ کورِ تام منٛد چھان۔ مگر ہمسائے بایہِ آسہٕ زرینس النہٕ تہٕ ولنہٕ یِوان۔ اُمِس نِش بیہان تہٕ داہ کتھ ہیچھان۔ تِکیٚاز زرینُن اندازِ بیان، ماے تہٕ محبت اوس مِثالی۔ خان صائبنی آشنی اُس یہِ وُچھتھ دزان تہٕ یِمن ہمسائے باین بُتھ کھوان۔ ہروِزِ اُس زرینس گُن ونان......

''ژےٚ شِکس لدِنہِ کھاجہِ تھکھ یِمہٕ بچھِ زنہِ کلس، یِم کتہِ انہٕ ہن ستھ کلہٕ تہٕ ادٕ اژٕ ہن سانہِ گیٚٹہٕ اندر۔ ژےٚ فقرانہ واٗ جتھس یہ رٕبہِ اندر''۔

یورٕ اُس زرینہٕ بڈٕ نرمی سان ونان......

''ممی جی! تورِ نہ حض آونہٕ کانٛہہ بختاور یاِ شکس لدہٕنتھ۔ تورٕ حض آے ساٗری ٲنی تہٕ چھٮ۪نی۔ یورٕ گژھنہٕ وِزِ اگرٕ قسمت اوُسس تیٚلہِ وٲنس تمےٚ لٔتھ گز گژتام۔ تمےٚ امیرس تہٕ تمےٚ غریبس تہِ۔ اگر روزٕ وُن چھ کینٛہہ، سُہ چھ خدا صاٗبُن ناوتہٕ بٮ۪یہِ نیکہٕ بداہ''۔

یہ بوٗزِتھ اٗس خان صاٗنی گرِ واجینی تمبلہٕ ٹلان۔ مگر زرینہٕ اٗس یورٕ ژھوپہٕ دَم گرِتھ اٗمی ہٕندی ٹیف تہٕ ٹسنہٕ ژٹنی بوزان آسان۔ یہِ ژھوپہٕ زرٕینی اٗس خان صابنہِ ڈبکہٕ بجہِ پلوژٹہٕ ناوٕنس واتناوان۔ تیتھن موقن پیٹھ اٗس کُنہِ وِزِ اٗمس نرِتھپھ گرِتھ گیٹہٕ نبر کڈان۔ یورٕ اٗسس زرینہٕ اسان ونان......

''ممی جی! تُہند بن بخیلن کیاہ حض روو۔ مہ حض آس فضوٗل کتھن پیٹھ پانس شاٗستی کھالان۔ ڈاکٹرِ تہٕ چھو دوہےٚ اٗتھی پیٹھ ناراض گژھان تکِیا زیٖرٕ یشر چھو امہِ ستی شوٗٹ گژھان''۔

تمہِ دوہہٕ گوٚو عجیب ماحول۔ ییلہِ خان صاٗبس ببنتھرس کھاندراوس۔ کالہٕ پیٹھےٚ اٗسی خان صاٗنی گرِ واجینی منتھ آمژ تہٕ اٗس خانہٕ دارس تہٕ نچوٗس ونان......

''یہ گژھ سالس مگر یہِ چنڈٲج نمن نہٕ پانس ستی۔ یہِ چھےٚ منڈٕ چھاون بانہٕ۔ یِس نوشہِ کورِ ڈربس کوڈ آسہِ نہٕ تس چھنہٕ اٗزی کہِ وقتہٕ زِندٕ روزنُک کانٛہہ تھےٚ۔ یہِ نیرِ بم پگاہ مرٕ ہٕندی پاٗٹھی برٕونٛہہ بہٕ گژھہٕ نہٕ توٚے''۔

خان صاٗب ہیوٚک نہٕ اکھ کتھ تہٕ گرِتھ۔ پوٚز نچوٗ ووٗتھس......

''بوبا، اکھ کتھ تھاو یاد۔ زرینہٕ چھےٚ ییمہِ گرِچ نوش۔ ژےٚ پتہٕ

مأ لِک۔ أمِس کوسہٕ کمی چھےٚ، ژٕ نٕہَن نہٕ پانس ستیٖ''؟

زرینہٕ أس یہِ سورُے أچھوُ چھان تہٕ کنو بوزان تہٕ أسکھ أچھ پھِرِ پھِرِ یورٕ وُچھان۔

صُبحس پھوٚل گاش تہٕ بوبہٕ لالن ہیوٚت سکھرُن۔ خان صأبن وُنُس کنس تل کیاہ تام۔ یورٕ وُ ژٕ ھس بٕڈ تھ تہٕ بوٚلتھ......

''گرِ ژھن مگرمے ستیٖ نہٕ کیٛنہہ۔ اگر پننس مأ لی سنز اٰ سس ژٕ ونی ہاوس''

یورٕ آیہِ زرینہٕ تہٕ لٔج خان صأبس وننہٕ......

''اباجان! بہٕ نہٕ ھض گژھ نہٕ سالس، اسہِ ھض چھ کالجہِ ورکشاپ چلان''۔

''اہن ساگو برا، مے چھنا بنتھ اٰ ھرس خاندر، تور کتہِ گژھو''

یہِ بوٚزی تھےٚ لأ گی دوان زرینَن پلوتہٕ وُنُن خان صأبس......

''اباجان! بہٕ ھض چھس رٔڈی (Ready)''

تام آو زرینُن خاندار تہٕ تجُن کارِ منز تہٕ ژٔ اوُن کھاندرس پیٹھ۔ بوبہٕ لالس گوٚ وسخ أندری نیٚچوٚی سُنٛد تہٕ لوگُن ہکمہٕ نہٕ گژھنہٕ موجوٗب۔ خان صأبس انٛہن رتہٕ موچھ تہٕ أخرس دژ لیہِ شامس خان صأبس ستیٖ۔

زرینہٕ أس کاجہِ بڑوٚتھےٚ خاندارن اتہِ ژٔ اومُت۔ نُونوش آسنہٕ سببہٕ کوٚرُکھ زرینس سخ آو بھگت۔ سأری سمیہِ أمِس أندی أندی تہٕ میٹھیہِ کٔتھن۔ زرینُن طرزِ کلام، لول تہٕ مامے بأ گرُن اوس مِثأ لی۔ یێمہِ کِنی گژھن تام گأ ٹھنہٕ منز زرینہٕ اٰمی گرِ چ کوٚ رأس باسان۔ عادتہٕ مطأبق لٔج اتہٕ کأم کرنہٕ۔ یام بوبہٕ

لالہٕ شامس آیہ تتہٕ وُچھِن ساری زرپنس لولہٕ مَتہٕ لاے کران۔ اُمس پھٹہٕ ہے رگ، پوٗزیہ زہر ژوپن أندری تہٕ أژ رِشتہٕ دار باین ستی اورٕ چ یورٕ چ کتھا کرنہٕ۔ یورٕ وَژھس سارے یک زبان۔

''آپہ لالا............ ژٕ کأژاہ بختہٕ بڈ چھکھ یہ لل دبد چھے ژےٚ باگہٕ آمژ۔ اگر ہے سأرِ سے دُنیا ہس پھیرٕ ویتھ لالہٕ پھوٗل کتہٕ بنہٕ''۔

یہ بوٗزِتھ کھوٚت بوبہٕ لالس رَتہٕ بُتھ تہٕ أژِھ وَنہٕ نہٕ......

''تلو بدلہٕ کتھا۔ کس چنڈاجہٕ ہنز کتھ چھو کران۔ یہ چھِ سانہٕ خأطرٕ منڈ چھاون بانہٕ۔ وُچھ توس نالی کیاہ چھُس لوٗگمُت۔ یا گوپلو دٕلورٕ نگی کأنہہ کمی أسس۔ یہ چھُس فقرانہٕ پتاہ زِلأ زِم دارجایہٕ چھُم گرژھن۔ اِدوُ چھ توٗ''

کینژٕ وأردیاژم بایوٚتر وویہ بوٗزِتھ اُسن۔ بوبہٕ لالس آیہ گرٕژکھ......

''یا گوٚ وأنی کأنی چھس، کس چھ میوٗن ہیوٗ آسُن تہٕ لسُن بسُن۔ اگر کنو پپٹھٕ ہٹس تام لأ گتھ سوٗن بازرکڈٕ......ساری ہمو مٔلی تہٕ پتہٕ چھکوٗ دٕرِیاوس''۔

''آپہ لالہٕ! أسی چھےٚ پنٕنی کتھا باتھاہ کران، سُتہٕ سبزٕ رٕچ پرٕزٕرٕچ، مہٕ سَن یور۔ ؤٕں گوٚ وژےٚ کیاہ چھی پانس چھی اسہٕ کُس شوٗف ترٕ''۔

بوبس گیہ بولتی بند۔ گلن دِتھ وٕژھ، سبہ دوہہٕ صُبحأے تہٕ ژایہ الگ کمرس منز۔ پُشہ تھوٗون خان صأب تہٕ گُٹھس منز پانسے ستی بند۔ نیبرٕم گاش تہٕ دُپٹنس نہٕ وُچھنہٕ۔ دٕوِیمہ دوہہٕ صُبحس یِیلہِ گرٕ گُن نیرٕنچ سکھر گرٕکھ۔ نچوٗ اوٗنُن بُلأ وِتھ خان صأب تہٕ زرینہٕ تہٕ اُس أتی وودٕنی۔ أژ بڈٕ ہٹہٕ نچوٗس ونہٕ

نہِ............

''کن کھۄلتھ بوز طارق صابا...... یہِ میٔون فأصلہٕ اُسی تہٕ چھی گُنہِ تہٕ حالہٕ منظۄر کرُن۔ نتہٕ وُچھکھ شامس میٔانی لاش''

طارق گۄو یہِ بۄزِتھ کۄل تہٕ تہٕ زۄرتہٕ۔ اۄ تام سمیہِ سأری رِشتہٕ دار یمن رخصت دِنہٕ خأطرٕ۔ مگر بوبہٕ لالہٕ اُس توتہٕ بار بارونان زِ ''میٔون فأصلہٕ چھی گُنہِ حالس اندر مانُن''۔ یورٕ ژٕٹ خان صأبن یہِ وٕنتھ کتھ...... ''اِدچھایہِ اسہِ پیٹھے''۔

زرینس اوس نہٕ کہیں فِکرٕ تران تہٕ نہٕ اُس اُتھ سنان، یم کیٛاہ حملہٕ دِل چھہِ ماجہِ پۄتھر کران۔ خان صأب دژاو پننہِ کارِ مشرٕ گنےٚ زۄن۔ خان صأبنی خاندارنی تہٕ زرینہٕ دژاے طارق صأبس عتی۔ نیرأنی وۄن ماجہِ نچٕوس......

''گوڈٕ گرژھو عُبید صأبُن تہٕ پتہٕ گرٕ''۔

یہِ بۄزِتھ کڈ زرینن وۄٹھ ہش تہٕ خوش گرِھتھ وۄنُن......

''ممی جی! ازحض گیٛس بہٕ سبٹھاہ شاد زِ توہہِ وۄنوٕ گوڈٕ گرژھو عُبید صأبُن۔ مےٚ تہِ حض اوس ابا جانُن سخ لول آمُت۔ مےٚ گونہٕ حض واریاہ کال تس وُچھنہٕ''۔

یورٕ وۄژھ بوبہٕ لالہٕ طنزن...... ''آ مےٚ تہِ چھےٚ نِنہٕ ردٕ زہر تُمی''۔

یام طارق صأب عُبید صأبنس مین گیٛٹس نش ووت تہٕ یۄن وٕستھ کرٕنی بملہٕ۔ اُمس نچٕارِس ماأس پتاہ زِ تس پیٛیہِ ننہ نبہٕ ترٕتھ۔ بمل کرنس عتی دژاو اورٕ

باغوان تہٕ لتس ژٔج گُنی کرٕ بکھ نیرِ تھ...... ''صحب جی! خان صاۂنی بی بی جی تہٕ دِی دِی حض''

عُبید صاأب اوس ورَنڈاہس پیٹھ میگزین پرنس ستی مَس۔ یام أمی باغوانہٕ سنٛز آواز بوٗز، سہٕ آو دوران دوران گیٹس کُن مہمانن استقبالس۔ یورٕ وٕژھ خان صاۂنی خاندار ینٛی تہٕ مُژرُن کارِ ہُنٛد درواز ہکہٕ تہٕ زرینس دِژن نرِ زورٕ تھپھ تہٕ کُنٔے کش کوٚڈنَس عُبید صاأبس کُن۔ سو آیہِ وُکراونہٕ۔ عُبید صاأب نمیا وزرینس تھوٚد تُلنہٕ خاطرٕ۔ تہٕ یورٕ وۄن خان صاأبنہِ گرٕ واجنہِ بڈٕ ہٹہِ......

''رٹُن یہِ بےٚ صِفت چنڈأج۔ أمی فقرانہِ منٛد چھاأوی أسی''

عُبید صاأب وُچھان زرینس تہٕ زرینہٕ وُچھان یورٕ تہٕ بوبہٕ لالن دیُت نیٛچوس کُنٔے دکہٕ تہٕ بیٛہنووُن سِٹایرِ نگہِ پیٹھ تہٕ دژ ایہِ ونان ونان......

''لیس نوشہِ کورِ ڈربس کوڈ پتہٕ آسہِ نہٕ لتس چھنہٕ میأنس گرس منٛز کانٛہہ جاے''



# پرٕژھیوٚن

ازٕ ٲس واریاہِ کالٕ پتہٕ انٛدٕ ژھوپہٕ دَم۔ بہٕ دٕژاس لانٛس منٛز تہٕ رٔژ دُس اَزٕچ اخبار پران۔ سوٚ ژتاپہٕ ہن ٲس خوش کران۔ شُربوتہِ اوس پھرٛ کھہیوٚ تژووُمت۔ تِکیاژِ پٔتی موٚ ژوروٚدہ ہَو پیٹھٕ أندرٕ کنہِ روزنہٕ پتہٕ اوس ازٕ نٮ۪برٮ۪م گاش وُچھمُت۔ یِمن دوٚہن اوس أندری کاژ گوٚمُت۔ دأرتہِ ٲس نہٕ ترٛاوِنی بنان ادا ووٚٹہِ منٛز نبر نیرُن۔ گوڈٕ گوٚ دیہِ تاوَن، پٔتی موٚ دوٚیوٚ ڈٔہی لوٚ پیٹھٕ ووت یِی وُچھان۔ ؤں چھَنہٕ سانہِ خأطرٕ یہِ کانٛہہ نۆکتھا۔ زٕ دوٚہ بژؤہم واقعہٕ تِیچ پوٚرٕ تفصیل أزی کَس اخبارٕ کس ترٛیمس صفس پیٹھ درج ٲس۔ اوُسس پران تہٕ پران ٲسم وأنج ژھیٚنان۔ تہٕ سوٚنچان اوُسس کمہٕ خانہٕ مألکہ تہٕ ذِی گُلی چھِ پھولنہٕ بژونٛھے برٕ گژھان۔ أمی ورزٕ داون تھوونہٕ کانٛہہ اکھا سارٕ سفٔری۔ پژتھ فردس تہٕ پژتھ گرس تھووُن للہٕ وُن...... أتھی حالس منٛز یِرٕ گژھتھ اوُسس کُرسی پیٹھ اورٕ یورٕ ژھرٕ ٹھ دِوان۔ تمہِ وِزِ گٔیم وٚہہ ؤستھ ییلہِ

شمہٕ لالہٕ آیہٕ دوران دوران............

''پاپا......پاپا دپان ہا......''

امہِ پتہٕ گیس زن زبونہٕ نگلتھ۔ یہٕ وۄتھس یورٕ بڈٕ ہٹہٕ......

''کہے دپان......ونان کونہٕ چھکھ''

اورٕ وۄزٕ ژھم اَڈٕ کجہِ زبانٕی ......''دپان ہا شریف انٕکل چھُ ایکسچینج روڈس پیٹھ زخمی گومُت''۔

یہٕ بوزانٕی پھٹ مےٚ ژٕر۔ یکدم دوریاس گیٹس کُن۔ نبر نیرتھ دِژٕم اورٕ یورنظراہ۔ پتہٕ ہے کالس اندراوس سُہ ژھوپہٕ ہُنٛد عالم پنہٕ پنہٕ گومُت۔ پرٕتھ انٛدٕ ژلہٕ لار، کانٛہہ نہٕ کانٛسہِ کُن سنان۔ سأری ژلان تہٕ شُری تام وُچھم شرٕ وکنن ژاہتی۔ وٕں کس پرٕ ژٕھ ہا، یہٕ تہِ ژاس واپس تہٕ چھُس شمہٕ لالس آلو دِوان۔ اورٕ آیم تمی سٕنز موج تہٕ لٕج ونہٕ......

''ژیےٚ تمی سُنٛد پتہٕ ہےٕ چھے......تمہِ ترٕوۄ پرٕ اُوی دارِ برٕ تہٕ چھےٚ أندرٕ کنہِ ودان''۔

مےٚ ونتہٕ ساشریف دِینٛنٛہ یہٕ خبرٕ کمی أنٕ۔

یہٕ وۄزٕ ژھم اورٕ......

''یاگوٚ و بوزان چھکھ نہٕ، اورٕ ےٚ گُنےٚ ہیوٚی رود چھُ......دپان ہسایمن اوس کمی تام فون کوٚرمُت۔ یہٕ تہِ آیس پتٕی مہِ برٕ ودٕنی اورٕ ے''۔

یوٚ دوٚےٚ شریف صأبُن مکانہٕ سأنس مکانس پتہٕ کنہِ گرٕ تام قدمےٕ دوٗر

اوس پۆ زمے اوس زنگن زن ڈنگ لگان اور گُن پکنہٕ۔ زورٕ زارٕ کٕڈم کیٛنْہہ قدم کوچہِ أندٕرۍ تہٕ اورٕ وُچھُم اکھ ہمسایہِ لڑکہٕ یِوان۔ أمۍ وِڈن اورے......

''دپان حض تتہِ چھِ وار یاہ وتہٕ گژھ چھوکہٕ دأوِی ٕمتی۔ وُنہٕ آونہٕ تورٕ کہٕنۍ، البتہٕ کٔمی تام اوس فون کۆرمُت''

مےٚ گیہِ زنگہٕ رٕہتھ تہٕ نہٕ چھُس اور ہٕکان پکِتھ تہٕ نہٕ یور۔ کلہٕ گیوٚ روٗتھم تہٕ وارٕ وارٕ پھیوٚرُس واپس تہٕ ژاس بیٚہہِ گرٕ۔ لانس منز بیٚہاٖنٕی آم یٕوٚ صُبحُک سورُے حال بڑ وٕنہہ گُن۔ یٖیلہِ أسی صُبحأے مشیدِ منزٕ نیران نیران سمکھی تہٕ لۆگُم وَننہٕ......

''ژیٚنے ہیوٚ گرِژھ بوے آسُن۔ نظرٕ ے دی زِ ہے پتہٕ زانْہہ۔ پتہٕ وُچھکھ ہٕ کمن تتہِ پٔترن چھُس لۆگمُت۔ ازتۆ رُم فِکرِ پننہِ بیٹھا کہٕ پٹھ نیرِتھ کیاہ کیاہ چھُ وُچھُن پیوان۔ گوڈٕ یمن کالنی یَن منزٕ گُس گس ٕستی چھُ رلان یا کأنسہِ ہٕندِس حالس سنان۔ وٕں گۆ وجانٕے''

گرٕ گُن نیران نیران دِتُن پۆت آلو......

''پنا بھایامیأنِس وٕنِس گُن گرِژھکھ۔ یہٕ سورُے چھُم توقع وَنہٕ ناوان''

پۆزبہٕ گوس پننہِ جایہِ رَس۔ کسرٕ تہٕ أندٕری لۆگُس پانس ملامت کرنہٕ۔ پٕژی پأٹھی پزٕ ہے مےٚ اور منزٕی منزٕی نظر دِنٕی۔ اوترٕ أسِس کورِ گلثوم لالس دوہ گنٛڈنی تہٕ داہ دوہ بڑ وٕنہہ پرٕژھنَم۔ یٖیلہِ زن پننین قریبی رشتہٕ دارن اوسُن نہٕ تۆتام کُنِن تہٕ کۆرمُت۔ پننہِ جایہِ اوسُس پشیمان۔ یہٕ اوس دٕوٚرِ روٚ زِتھ مےٚ

نظرِ تہٕ بہٕ اوسُس شرمندگی ہیتھ یورٕ روٗبوٗ ڈزن۔ أتھی منز ڈِیُن بیٛیہٕ آلو ......

'' ہتا بھابیہٕ میانہٕ !! کمن غوطن گوکھ۔ أزی کہِ وقتہٕ کس چھےٚ فرصت آسان۔ مأنی تونہٕ کأم تہٕ نہٕ فُرصت۔ ازگِژھ نہٕ ملالےٚ گرٕژھن۔ پزٕتھ کانٛہہ چھُ پنٕن پننہِ حالہٕ پریشان تہٕ حالہِ حأران''۔

أمی ونہٕ نَن زأ جنم زیٚادٕ وأنج تہٕ ؤژھم آمہٕ تأوی دَگ۔ أندری لوٚگُس پانس پانےٚ دِلاسہٕ دِنہٕ زِ أمِس چھُ بیہٕ سورُے بھروسہٕ ونہٕ ناوان۔ مےٚ پزِ أمِس معأفی منگٕنہٕ تہٕ پننہِ غلطی مأنٕنی۔ تِکیازِ بیہٕ چھُ مےٚ بوےٚ وہنٛدان۔ بڈِ پایہٕ چھُ بیہٕ زیرِنظر تھاوُن زِ أسی چھِ یتھ کالنی منز طرفاتن ہنٛدی۔ یوٚ تأنی نہٕ أسی اکھ أکِس اکاربکار یموتہٕ اَتھ شیٚھلاو، دوہ کتھٕ نیرِ۔ بہٕ اوسُس وُنہِ یی سونٛچان تہٕ پھیکِس زیرِلگأنی گیٚم آواز کنن ......

''ژکونہٕ حض گرِژن نیران''

بیہٕ اوس شریف الدین یُس شاید برابر ییٚتِس کالس مےٚ مُدَّ ے گنٛڈِتھ چھُ اوسمت وُچھان۔ مےٚ ژوٗل بےٚ فُرصت نیرتھ......

''وُنہِ چھُمہٕ حض کینٛہہ پرٕ......مےٚ حض مأنیٚ پننہِ غلطی تہٕ توےٚ چھُس پشیمان''

میوٗن ییٚتےٚ وَنُن تہٕ بیہٕ آوٚ مےٚ بِلکُل نزدیک۔ ڈیٚکِس گرمس نظراہ۔ گمہٕ سُری، زنتہٕ اوس أمی کانٛہہ اَثرٕ کوٚرمُت۔ أمی سُند شریف تہٕ سیٚوٗن آسُن یوٚ دوٚے مےٚ بڑوٚنٛٹھے پےٚ اوس، پوٚز ازگوس زیٚادٕ حأران۔ یٔت تہٕ گژھ نہٕ شریف آسُن۔ پزٕتھ کُنہٕ چھُ حدآسان۔ بہٕ گوس تمہٕ وِزِہے بنٛگہٕ ییٚلہٕ

أمي مے ببيہ اورُ ے ليزمي سان وڈن......

"مے نہ حض پڑ ہے ہتھ پاٹھي توہہ وَنُن مگر مجبوٗر گوس۔ راتھ أسے پنہٕ ني بينہِ ونان زِ نظام صائبن ہوونہٕ پتہٕ بُتھے...... ہتھ مشوٗر چھِ آسان کرٕني۔ کوٗر کڈٕني ماچھِ رِگندٕ وٗنيا...... دوٚپُن سمکھُن گژھہم"!!۔ اتہِ کیٚاہ اوس میٚون جواب۔ گوڈٕ چُھے ژٕے میانہِ کھوتہٕ زيادٕ تجرُبہٕ کالني منز روزنُک۔ مے گٔے أژتام دوہے گامہٕ پیٚٹھٕ يور بسنہِ وُٹھي مٕتِس۔ تژ اوٚوٗل پٔتم سورُے، يہِ وٕنتم آتھوارِ دوہہٕ ماچھے گُن پرٛوگرام؟"

"ہتھ کُنٕ نہٕ وُنہِ کینٛہہ" مے وڈن يورٕ......

اورٕ وڈتھ اسہٕ وُنہِ چانٹہِ......"تیٚلہِ گوٚ وجانٕے۔ تمی دوہہٕ کروسأنسے غريب خانس پیٚٹھ درباراہ۔ تِکیٚازِ وٗں ہیٚتِن دوہ نزديک واتنٛ۔ وٗں ہیٚنہٕ مُشتھے گژھي"۔

أتھي وٕنَس ہتی دژ اوسُتہِ تيز تيز قدم تژ اوان تہٕ بہٕ تہِ دژ اس منٛدٕ چھ منٛدٕ چھ گرٕگُن۔ پانسے ہتی اوسُس سونٛچان مے پزٕ ہے مٔنزٕ مٔنزٕ اور نظر دِنٕي۔

......☆......

شريف صائبن اوس پٔتٕ مہِ وٗ رِيہِ، يہِ مکان مٔلی ہیوٚ تمت تہٕ اوس وڈ تھمُت گامہٕ پیٚٹھٕ يور بسنہِ۔ مے چھُ سہٕ دوہ بار بار ياد پیوان ییٚلہِ مے گوڈنچہِ لٹہِ کاندروانہٕ پیٹھٕ ژوٗٹ رٹان سمکھ تہٕ کُر پانہٕ وأنٕي نوٚ وناوے۔ يہِ وڈ تھُم......

"میون مکانہٕ حٕض چھُ تہٕندِس مکانس پتِہ مہِ سائڈٕ۔ بہٕ حٕض اوسس یژھان توہہِ سٟتؠ مُلاقات کرُن، پوٗز تار اوسس نہٕ زانان۔ واریاہہِ پھرِ پیوٗ مےٚ دفتر نیرنہٕ وِزِ بُتھِ تہٕ۔ پوٗز سلام تہٕ اوسس نہٕ ہبکان کٔرتھ۔ ازز ونٛم غنیمت ییتہٕ نَس مُلاقات کرُن"۔

پتہٕ رٔو داسہِ دوہ دِشی صُبحاٗے مُلاقات سپدان تہٕ یہِ کینژھاہٕ اُمس گدریامُت اوس تہٕ رٔو دُم بوزٕ ناوان۔

کمن حالاتن منزٕ اوس بچارٕ گامہٕ زُو بچاوان ژٔو لمُت۔ اُہندِ وَننہٕ چھُ تتہٕ یہِ پننہِ جایہِ بادشاہ اوسمُت۔ کارخانہٕ، زمین زِراعت تہٕ باغ۔ کارخانہٕ کِنو موٗہنِ ہوتہٕ گرِنوکر وواتنو واتھ دِشایہِ۔ تمہٕ گٔیہِ غاٸب کینژس کالس تہٕ پتہٕ گٔے نموٗدار۔ کمہِ تتہٕ وأٔلی چھِہس گرِیمتی۔ یہِ چھُ اُمی سُنٛدٕ ے بترُ بٔیا کھ آسہِ ہے مالہِ جانہٕ گوٗمُت۔

اکہِ دوہہِ وٕنٔمس۔ "جان گوٗو پزٕ ٔن ووٗل مُشراوُن تہٕ نوِ سرٕ کمر گنڈُن"۔ یہِ وٕنٔتھ اورٕ......

"یتُے یوت نہٕ حٕض...... نہٕ رٔو دُنہِ مکانہٕ تہٕ نہٕ گرِچ گرٕ وبٔتھ، سأرِ ہے گوٗو ڈُبہٕ ڈاس زن نہٕ اوسے کینٛہہ"۔

برٕ ژھونہِ ہٹہِ وٕنٔن تہٕ مےٚ گوٗو کیاہتام یہِ بوٗزِتھ، پوٗز گٔرتھ تہٕ کیاہ کیہٕ ہا۔ یہِ بچارٕ اوس وٕتھکی ورزٕ داون سوٗرس پٹھ بیہنو وُمت۔ پننہِ جایہِ سو ژُھم خبر کأتی آسن شریف صاٸبس ہوی دُنہِ تہٕ گرِ گرِ تہٕ برٕ برٕ پھیران۔

"پننہِ حض دِپکھ یہِ اوُسس تِتھےُ۔ میانہِ گرِحض اوس لنگر آسان تہٕ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھٕ اَسی بوٗچھ ہٕتی میون گرِ مالٕ رٕچھتھ یوان۔ اِدیَس یہِ قسمتس اوس آسان سہ اوس خوش پاٹھۍ کھبتھ چیتھ نیران ۔سےُ بنیاو وجہ میانہِ خاطرِ، تیمی یہِ یتھ ازمایشہِ منز تر وونس"۔

یِم اَسی شریف صاۓنۍ الفاظ، یِمو میون وجوٗ دزن وٕلگو و۔ پوٗز سہ اوس توتہِ اَتھ رَبّ سنز مہربأنی بار بار ونان۔ اتھ صبرس شوٗبہِ پزۍ پاٹھۍ مرحبا۔ پرٛتھ دوہہِ کتھٕ پوٗراہ کرنک اوس ووٗں سون معموٗل بنیامُت۔

یہِ چھُ پرٛانین ہُند دوٗپ "تھانس چھُ مول وانس پیٹھ"۔ یئتہِ کُس زانہِ اُمس پننہِ وقتہِ کس بادشاہس۔ یئتہِ پرژھیوٗن، نہٕ پتہٕ تہٕ نہ کانہہ برٛونٹھ"۔ یہٕ گوس یِمنے خیالن اندرِیرِ تہٕ گرِواتتھ اوُسس سوٗنچان زِ......

"یہِ تہِ گیِہ نہٕ زِندگی!!۔مےٚ آو یکدم زیوٗ پیٹھ ...... مِٹھٕ لالن کوٗ رنم یوٗرِ آلو......

"پاپاژ کیاہ ونان پانسے ستی ......" یتہِ گیِہ نہٕ زندگی"

مےٚ ژٕٹ یکدم کتھ

"رِکہیں ناگوٗ برا"

اورٕ وٕژھم ......"پاپا ژوٗٹ اَنی تھا، ژیرہا گوٗ و۔ اسہِ چھُنا ازسُلی سکوٗل گوٗ ھن"۔

"اہنسا گوٗ برا۔ از گوٗ ورژھ کھنڈ ژیرے گرِ واتنس۔ اتہِ اَس نہٕ کانٛدرس

نِشہٕ وأری یِوان''۔

مےٚ کوٚرژوچہٕ لِفافس کُن اشارٕ۔ کلہٕ اوٗسُم گیران۔ گرٕ واجنہٕ ژرٕژ میٲنٛی

حالت تہٕ سوٚ آیہٕ یکدم مےٚ بڑونٛہہ کُن۔

''خاٗرٕ ے چھا!! ژٕ چھُکھ نہٕ ٹھیک باسان''

مےٚ ژوٚل وۄش نیرِ تھ...... کہیں نہٕ، یوں ہی اوٗسُس خبر کتھ سوٚنچس منٛز۔

تُہی چیٚیو چاے، یِمن شُربن چھُنا سکوٗل نیرُن''۔

اور ژٕ ژھم...... ''اورٕ اوسا خاٗرٕ ے ژٕ ریکیا زِ گوٚو گرٕ ینٛس''

''اہن ساخاٗرٕ ے اوس، وۄنۍ تُلتم خدایہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ تھ۔ مےٚ تہِ چھُنا دفتر

نیرٕ نٕچ تیاری کرنۍ''۔

میٲنۍ یِتے وَنُن تہٕ یہٕ گیٚم اورا گادِ۔

''ژٕ زانکھ نہٕ زانہہ تہٕ پاٹھی بُتھِ لگُن۔ خبر از ما چھُکھ مزأری پیٚٹھی آمت،

سیوٚ دکتھِ پیٚٹھ وۄتھُکھ کھیٚنہٕ''۔

مےٚ پھوٚر وَنُن...... ''تلہٕ ساکر خُداے خُداے تہٕ مےٚ تراوٕ پینٛس حالس

پیٚٹھ۔ گوڑ اوس مُشید نیرنہٕ پیٚٹھے یہِ تھر پھرِ تھ ژٕندرٕ مےٚ کھوٚتمت۔ ژے چھی نہٕ اکھ

رژھ تہِ خطا''۔

میٲنۍ یِتے وَنُن تہٕ یہِ وولیہٕ تہٕ اَج خبر کیٚاہ وَنہٕ نہِ۔ پوٚز بہٕ...... یورٕ ژھوپہٕ

دَم گرِ تھ۔

یہ دَم پھُٹی حالوٗ وچھِتھ زن گابر یے یہٕ تہٕ اَج ووٚل بڈٕ لیزمی سان پرٕ ژھنہٕ

"خُدلیہ ءِسنٛدِ پلسہٕ ونتہٕ کیاہ ڈلیل چھِ"؟

"رِ کہیں نہٕ...... یہِ چھُنا شریف صأب یُس اسہِ پتہٕ کنہِ چھُ روزان، یوٚہے سمکھُم کاندرولنہٕ پیٚٹھٕ۔ تہٕ اُسی اوٚرِ چ یوٚرِ چ کتھا کران"۔

لتہِ اوٚر دِتُن نہٕ مےٚ ونہٕ نےٚ کینٛہہ تہٕ ژٕٹن میٲنۍ کتھ تہٕ ئُج بڈِ ہٹہِ ونہٕ نہِ......"اِدِ تمی کیاہ وٚونےٚ؟ وُنہِ گوٚس نہٕ اکھ رتھ تہِ یوٚر بسنہِ آمتِس تہٕ سُہ لوٚگہٕ اُزی کہِ پیٹھے خصلتھ ہاونہٕ"۔

بہٕ گوٚس یوٚرِ لاجواب وَنہٕ ہلتہِ کیاہ اُمس ہنگوروٚس بلایہ۔ یہِ کوٚت واٚ ژمےٚ کھوٚت شرارتھ تہٕ وٚنمس......

"لتہِ اورمہٕ مُژرزبان، گوڈٕ گژھہ پوٚرِ کتھ بوزٕنی تہٕ اِدٕ گژھن تُمبلہٕ ٹلنہِ اُمس گوٚ ودَم...... تہٕ لجم دم دِتھ بیٚیہِ پرٛ ژھنہٕ۔

"کیاہ شریف صأب؟"

"رِکہیں نسا، مےٚ ترٛ اوتہٕ پنٛنِس حالس پیٹھ"۔

یوٚرِ اوس یہِ میوٚن جواب۔ مگر یہِ کتھ ٹلہِ ہیم تھف تہٕ گوٚس مجبوٗر زبان کھولنہٕ باپتھ۔

"یہے ہسا شُریف صأب کمہٕ تتہٕ واٚلی چھس گامہٕ گٲمتۍ تہٕ آمت چھُ زوٗ بچاوان بچاوان یوٚر۔ نہٕ چھس روٗ دُمت کُنہِ مکانہٕ تہٕ نہٕ گھرِ چ گھرِ ویٹھ۔ سوٗرےٚ چھس نارٕ بُزِ گوٚمُت۔ نالی پلوٚ چھکھ نہٕ دژاٲتۍ۔ بیٚیہِ پتہٕ الزام ترٛاٲشی۔ کیاہ کیاہ چھس وُچھن پیوٚمُت"......

میٲنۍ کتھ ژٹان وٕژھم اوٕر ......

"اِژ کتھ بنیامُت حُسنہِ غمخوار۔ ہوٚپ تہٕ دۄپ ہبتھ چھکھ اسہِ پریشان

کران۔ نار چھُ لگہٕ وۄنۍ آسان۔ اتھ پتھ کیاہ چھ تاثیٖ کوٚرُے زِٹھراوُن۔

پیٚتے بجلی شاٹہٕ سٕتی محلن ہنٛدی محلہٕ تہٕ بازرن ہنٛدی بازر چھِ اَچھ ٹیٚنٛڈِ منٛز سوٗری

گژھان، وُں کتھ ژیوٗت پریشان گوٚمُت"۔

یہِ فضوٗل کلامہٕ بوٗزِتھ وٕژھ مےٚ ربہہ تہٕ وۄنمس:

"تلہٕ سا کرکھنا مہربٲنی۔ ییتہِ نَس نیرِ کھ"

سُہ کتھ ملنہِ ہے۔ تِکیازِ تمی سُند بُتھ اوس یہِ باس دِوان زِتس چھ اَندرِ کُس تام

طوٗفان یہِ وَننس مجبوٗر کران۔ میوٗن ازٕ یُک خلافِ عادت وطیرٕ اوس شاید اُمس خبر

کمہ کمہٕ خیال وہ تلاوان۔ بہٕ روٗدُس ژھوپہٕ دَم گٔرتھ۔ پوٚز یہِ کتھ تلہِ ہیم تھف تہٕ

اُلجم پزٕ ژھنہٕ۔

"ژےٚ چھسےٚ وَنان ژکونہٕ اوٕر جواب دِوان؟"

مےٚ کیاہ اوس وَنُن لایق تہٕ یہِ وَنہٕ ہس۔ بلسیام لمہِ ژرُژ کیاہ تام تہٕ یکدم

بدلووامہِ پزٕ ژھ گارِ ہُند وطیرٕ۔ یہِ وٕژھ وُں بڈٕ نرمی سان مےٚ کُن ......

"نہ میٲنۍ دِزٕ ےٚ چھےٚ، ژ کیازِ از بخیلن یوٗت پریشان"؟

لمہِ سُند یتھ پاٹھی سوال کرُن تہٕ میٲنۍ ژھوپہ ...... زٕ مُتضاد ذہنی کیفیژ۔ یمہ

ہکبن کانہہ تہٕ موڑا اختیار گٔرتھ۔ توٚے زوٚنم غنیمتھ زبوٗ مُژراوٕنی ہمتہٕ وۄنمس ......

"یاگوٚ وگوڈ یوٗرک بوزُن پوٗر پاٹھی تہٕ پتہٕ گژھن کوڈ کڈنہٕ۔ ییلہِ نہٕ یوٗرک

پۆر پاٹھی بۆزتھے تہٕ اور چھکبھ تہٕ ونان ییمہٕ ستی وأنج چھے دزان"۔

بڑ لیزمی سان وڈنن......

"اڑ ساوَن ؤن"

یہٕ ناسون پتہٕ کنیگ ہمسلیہٕ شریف الدین۔ یہٕ ڈٕپ زِ تہٕ گامہٕ پیٹھ ژٕلتھ یور چھپنہٕ آمُت، کمہٕ طوٗفان چھس تتہٕ وُچھنہٕ پیمتی۔ نہ کُنہٕ پینڈ پُرن نہ کُنہٕ زمین زِراعت نہ باغ رۆ دمُت۔ زٕو بچاوان بچاوان آمُت نچار۔

اور ؤڑھم......"یتھ پاٹھی چھ بڑ حلیم تہٕ نرم باسان۔ خبر کیاہ راہ آسہٕ ہس کھولمُت"۔

"نساتہٕ چھنہٕ کتھ"......یہٕ وۆتھس یور۔

سو ؤڑھم تور......"اڑ کیاہ"؟

"أمی ہساوس گوڈٕ گوڈٕ واریاہ برداشت کۆرمُت۔ پتہٕ ییلہٕ مکانہٕ ٹھینٹھ مینٹھ ہیتھ نار بُزی کۆرہس تہٕ زُوَن لُجِھ لار لار، پتہٕ لۆگس نہٕ کانہہ چارٕ تتہٕ ژلنس، تہٕ لۆگ یور"

"خبر نار کمو اوسہٕ ہَس دیُت مُت۔ تمہٕ أسی ناپانہٕ گھرٕ وأل۔ تمن آو ناعارتہٕ أمِس نچاری ہنٛدِ خام عیالُک"

"کتھ ییہٕ ہیکھ عار، تمہٕ چھِ بےٚ عار۔ تمن گۆو نہٕ ییمن چیزن ہُنٛد پرواے"۔

"أسی کمہٕ"......یہٕ ؤڑھم اور بڑتھ تہٕ بۆلتھ۔

''اتھ کیاہ سا۔ دپان ہمہ آس تہٕ پیٹھس ہیوٚر کھسِتھ۔ نوٚمن اُجس رِکتھ تائٕ پاٹھی پےٚ تہٕ اُے، ساٗرِے سےٚ نیوٚکھ ہمہ ہتھ ڈُبہٕ ڈاس گرِتھ۔ وُمرِ سوٚ مبراٗ وہٕ ژھینٹھ مینٹھ گیہِ نارٕ بُزی۔ نالی پلو دزا کھنہٕ۔ وُنہِ اوس یہ پتنس حالس پیٹھ ماتم کرانےٚ تہٕ تام آس تمہٕ تہٕ وۄنہس...... ''یہ سوٗرِے کرٕنوٚوتھ ژےٚ...... وُن تھاو یاد یہ پییی سبٹھاہ دزٕ وُگ''۔

ونان ونان آس اوٗش بکہٕ۔ مےٚ گوٚو ترٕدُ تہٕ پھٕٹم ترٕ۔ پننہِ جایہ اوسُس سوٗنچان کیاہ کیاہ چھُ ازکل سرُن پیوان۔ اُمس پھیرِ سوٗنٛژ ژھٹھ تہٕ باکہٕ ژھٹان وۄنُتھ مےٚ کُن:

''یِیلہِ زُوَن تہٕ اُچ لارِ۔ ژٕےٚ ونتہٕ حض مےٚ کوسہٕ وَتھ اُس۔ ژٕر ژوٗر گرِتھ گرٕم کُنی چلِم زمینس، باغس بیترِ تہٕ کھوٚتُن دیارن اِکنتھ آس یور زوٗ بچاوان بچاوان۔ اگر ہمن پےٚ لگہِ ہے کانٛسہِ دِہن نہٕ یہ ہبنہٕ۔ راتک کیاہ تہٕ پوٚز اُز ژیک پرٕ ژھیوٚن تہٕ لاچار چھُس ژےٚ بزٕ وۄنُھٕ کنہِ''۔

مےٚ گوٚو اُندرٕ کیا ہتام تہٕ وۄنمس......

''شریف صابا! ژٕ مازان پنُن پان پرٕ ژھیوٚن تہٕ بے یار و مددگار۔ بہٕ گوس چون ادنیٰ نوکر...... صِرف اُسی زبم بوےٚ زاٗنتھ حکُم کڈان، کانٛہہ فرق گژھہ نہٕ زانٛنہٕ''۔

''حکُم...... ہتہٕ حض کمہ کتھہٕ چھو کران، بہٕ گوس تابعدار''۔ شریف صابُن یہ جواب بوٗزِتھ گوس بہٕ حارٕتن۔ کوتاہ شریف تہٕ نرم طبیعت۔ توٚےٚ چھنہٕ اُمی سُند تہٕ دوہ کڈُن اُمی سُند بن پاٗلی ہتین نمک حرامن خوش او سمت یِوان۔

مےٚ کریٚیہِ پننہِ کنہِ سبٹھاہ کوٗشش اُمس دِلاسہٕ دِنٕچ۔ پوٚز اُچھوٚ کنہِ وسہٕ وُن ڈ رِیاوگوٚونہٕ توتہٕ بند ستہٕ ووٗتھم اورےٚ:

"اِژھن نیرٕئں، یورٕ مارِیہِ کانٛہہ، تمہٕ سوٗنچن خبر کیٛاہ کیٛاہ۔ ژٕ بوے زاُنٛتھ لوٗژ روٗدم بوس"

بہٕ روٗدُس اُمس وُچھان تیٛتِس کالس۔ یوٚتامٕ یہِ کوچہِ کنہِ گھرٕ ژاو تہٕ بہٕ تہِ روٗدُس گھرٕ کُن پکان۔ اُمی سِندِس بنٕنس تہٕ گٔژھنس اوٚسُس اَندری سام ہیوٚان۔ "تہٕ گھرٕ واتانہٕ روٗٹ تھٔس ژےٚ پرٕ ژھ گارِ"......ووٗنم خاندارنہِ کُن۔

مےٚ تُجہِ اَچھ خاندارنہِ کُن تہٕ یِتہِ وُچھم دم ہیتھ اوٚش ہاران......

......☆......

تمہٕ وِزِ گیہِ مےٚ کُنی لرن تہٕ مٔژراوم اَچھ۔ یِیلہِ خاندارنہِ زیرٕ دِتھ آلو دیُت:

"ووتھ گژھ کھنااور...... شکیل احمد تہِ آو گرٕ"

"یتھ حالس منٛز بہٕ پرٕاوٚسُس تتہٕ تہِ اَہم پیٚتےٚ تہٕ وُنی کینبس تہِ چھُم پیٚتےٚ"

"ژٕ کیٛاہ وولہٕ دولہٕ ہیوٚ ونان۔ دوٚپےٚ شریف صابٕن لڑکہٕ شکیل احمد آو گھرٕ، اوٚتامٕ گژھ تہٕ، اَسی تہٕ آسہٕ ماجہِ کورِ دوٚہی دوٚہس اَتھی تہٕ ووٚنی آےٚ گھرٕ"۔

بہٕ دژاس پوٚت دروازٕ تہٕ ووٗتُس شریف صابٕنس آنگنس اندر تہٕ ہورٕ دژلیہِ گُلثوٗم لالہٕ باکہٕ ژھٹان تہٕ روٗدنس نالہٕ مَتہٕ۔

"انکل جی اَسی کیٛاہ اِژھن کرو...... ڈیڈی اِژھن چھُ سخ زخمی گومُت"

یہ اور وَدان تہٕ بہٕ یوٚر ژھوپہ دَم گرِتھ اوٚش هاران۔ تتھٕ وُں تتھٕ ژاس اندر۔ شکیل احمد آم بڑ وٚنہہ کُن۔ اُمس کُن نظر پہوٚ اُنی وُٗ ژھم زن شرٛاکھ۔ سُہ حال اوس اُمی سُند، کُس اَسہٕ وُن شکیلہٕ تہٕ از غمگین تہٕ ستم زدٕ بتھ۔ پریشان تہٕ پراکنٕدٕ مے پرٛژھمس...... ''گوٚبراکیاہ حال چھ شریف صابٕن''۔

''انکل تمن حض چھ وار یاہ Blood Loss گوٚمُت۔ تم آے نہٕ جلدٕ ہسپتال واتناوِنہٕ، تکیاز گرینیڈ گرٛ ھنہٕ پتہٕ اوس گوٚلین ہُند تبادلہٕ وار یاہس کالس جأری۔ زخمی اُسی تیتی رتہٕ دأوی، تہنز دستی پچھان کرٕنی تہٕ اُس نہٕ ممکن۔ اُسی تہٕ ییمہٕ ساتہٕ ہسپتال وأتی، قریبن لوٚگ اکھ گأنٹہٕ تمن نشہٕ واتنس۔ تکیاز درجن واد وَتہٕ گِتھ اُسی زخمی گمتی۔ پتھٕ چھنہٕ حض لوٚکھ تہٕ تیتی آنتہٕ لاگان، ییمہٕ کنٕ طبعی عملس پننی فرائض انجام دِنس تھوس پھّے یوان''۔

یہٕ حال اوس شکیل احمد بڑ اطمنانہٕ سان ونان۔ شاید بینہ کلثوم لأٹن دِل رچھنہٕ باپتھ۔ نتہٕ اوس یہ تہٕ باکہٕ ژھٹنس تیاریہٕ زن اُمی سُندٕ بتھٹیک حال اوس باوان۔ مےٗ ژٹ کتھ تہٕ پرٛژھمس......

''بیٹا ییلہٕ ژٕ ہسپتالہٕ دڑ اکھ تمہٕ وِزِ کیاہ پوزیشن اُس؟'' توٗر وٚنُم......

''بس حض خدا صابٕن فضل۔ تِمس حض چھِ کینہہ شَل کلس تہٕ بیٚیہ کمرس آمتی۔ ڈاکٹرَ وٕدِیت First Aid تہٕ تھوٗکھ I.C.U ہَس منزتہٕ وٚنُکھ ''صُبحن وُچھو آپریشن کرکروس''۔ تہٕ اُتھی ستی رٛوٗدنہٕ اُمس پانس تام تہٕ ژٕ جِس ودن باکھ نیرتھ۔ نوٕ سرٕ وٚتھ ہے رٛوٗدتہٕ وُں چھنہٕ اُسی ژھوپہ کرٕناونس کُن واتان۔ ودان ودان

وۆتھ شکیلہٕ مےٚ گُن ......

''ژےٚ نہٕ حض چھےٚ نہٕ خبر، یێمہِ وٲری حض گیہِ ڈیڈی یَس مُصیبتیٚ مُصیبت وُچھان۔ وٲں حض اٚسی دپان یور شِفٹ گٲرتھ ما گژھہ فرق، پۆز ییٚتہِ تہٕ چھُ سُہ منحوٗس سایہِ پتےٚ زن''۔

''گۆبر اپُشر اور بٚ کاینہ تس، سُہ کرِ سہل تہٕ احسان ییٚتہِ یور'' ......

مےٚ وۆنُس یورٕ خبر گٲہنٕز زبٲنی۔ تِکیاز مےٚ تہٕ اوس شریف صابُن حال اٚچھن تل بار بارِ یوان۔

تہٕ وۆتھُس شکیل صابس گُن۔

''صُبحس گٲری زِ گۆبُر مےٚ تہِ آلو ییٚلہِ ہسپتال نیرَ کھ''۔ تہٕ اٚتھی سٟتی دژاس۔ شکیلن دِیُتنم پۆت آلو یہٕ وٲنتھ ......

''اَنکل اورٕ سۆزِ نہٕ بون آنٹی تہٕ Brother Ji یورٕ''۔ بہٕ اوسُس وُنہِ نیرٲنی اورٕ وُچھم گرٕ واجی تہٕ ژنٹہِ کیا ہتام بانہٕ ہنتھ اژان۔ بہٕ گوس خوش اِکنہ زِ یِمو ترٛ وونہٕ مےٚ پیٹھ رَ کھنٕی۔ پٔنٕنی عقلہِ چھِ ہمسایہِ گری ہُند حق نکھِ والان۔

...... ☆ ......

گرٕ واٚتتھ کتھ حالس ییہِ ہمہٕ ہنٕد رٕ بےٚ قرٲری منٛز اوسُس لرِ پھِرٕ نی دِوان۔ عجیب رلیہِ چھٕم وۆتھان، گرا شریف صابنٕس پۆت کالس اندر ییر گژھان تہٕ گاہے از کالس منٛز۔ اکھ اکھ کتھ تمی ہٕنٛز چھمٕ یاد پیوان تہٕ اکھ اکھ قیامت چھم

گژھان۔ أتی کورِ خاندرس واٹھ دِوان تہٕ أتی أمی ہٕسندِس زخمی گژھنس پٹھ واویلا کران تہٕ أتی صحت یاب گژھنہٕ خاطرٕ اللہ تعالیٰ ہَس منٛگان"

صُبحس دژاس مسجِد۔ تتہٕ تہٕ اوس یوٚہے حال گنٛزرنہٕ یِوان۔ نماز پرٕتھ دژاس تہٕ ووٚتُس برابر تتھی جایہ ییٚتہٕ نَس یوٚ صُبحٲے ونیاٚنم آتھوارِ دوہہٕ چھُسے پژاران کینٛہہ اہم مشورٕ چھِم کرٕنی !!۔ مگر آتھوارِ بژ وٕنہے ووت ہسپتالس اندر۔ زنٛگن لوٚگُم زن ڈنٛگ۔ پھُٹہِ متوٚ کوٹھوٚ ووٚتُس گرٕ۔ اژٕوُنےٚ وٕتھُم نٕتہٕ...... "پاپا شکیل صأب اوسُے ژھانڈان"۔

جلدی منٛز چوم چایہِ پیٛالا تہٕ دژاس پوٚت درواز شریف صأبُن۔ اورٕ أسِم گرِ واٚجتی سماوار ہیتھ نیران تہٕ وٕنٛنم......

"یِموٚ چیٚیہِ چاے...... ژٕ ےٚ چوٚتھاہ چایہِ پیٛالا"۔مےٚ کوٚر کلہٕ ستی آنٛکار تہٕ ژاس شریف صأبُن۔ شکیل احمدس أس نٕنہٕ چایہِ کیٚتل تہٕ ژوچہِ لِفافہٕ اتھس کیتھ تہٕ اژٕوُنےٚ وٕتھ مےٚ کُن......

"انٛکل ! بہٕ حض چھُس توٚہی پژاران۔ اکھ ہُےٚ چھُم موٹر سائیکل تہِ نمبر کڈِتھ تھوٚومُت"۔

أسی دژاے...... پوٚز عجیب خیال أسم ذہنس منٛز گاہے ووتلان تہٕ گاہے پوٚڈان۔ تام دِژٕ شکیل صأبن بژیک تہٕ جھٹکہٕ لگٲنی گوس زن مژٕ نندرِ ہُشیار۔ نظر دِژٕم تہٕ أسی أسی ہسپتال گیٹس نِشہِ تہٕ تام گٔھتی I.C.U ہَس کُن۔ وُنہٕ أسی یوٚٹ کڈٲنی تہٕ تام گیم کنٛن ودٕنی آواز......

''بأے گاشا، تاون ہاپیوم، وُں کیاہ کرٕ''۔

یہ اُس شریف صأبنۍ خاندارۍنۍ۔ اُچھو ٚکنۍ خۄنہٕ باران ہاران۔ مےٚ کرٕ یہ سۄبٹھاہ کوٗشش اُمِس دِلاسہٕ دِنچ، مگر سُہ کتھ حالس مانہٕ ہے۔ اُمِس بِچارِ چھ بُنتھ آمُت۔

''بأے گاشا!!! اُمِس حٔض گیہٕ الہٕ پلہٕ یِمہٕ وُہ وٕری مُصیبتھے مُصیبت وُچھان۔ وُں آیے یہ چھپنہٕ یور، یێتہٕ تہٕ لُج زُوَن لار...... اوترٕ حٔض وۄنُن چانِس بأیِس گرٕ مےٚ گژ اوٗ اَتھوارا تہٕ وُں یہ آتھوارِ دوہ یۄ رِ۔ اِد اتھ آتھوارِ اوس عیدٕ ہندِس ژٔندرس زن نظرِ۔ یہ ماأس زانتھ یہ سُہلاب یِیہ''۔

یہ ونان ونان اُسی شریف صأبنہٕ گرِ واجنہٕ ہکی لگان۔

بہٕ اوُسس وُں شریف صأبس شانٛدس ٔستی بٔڈس اتھٕ دِتھ...... اُچھ بند، نہٕ ستھ تہٕ نہٕ صداو۔ کلس بنٛڈیج گنٛڈِتھ۔ یام مےٚ اُمِس کھورٕ شانٛد نظر کرٕ، سوُرے حال آم اُچھن تل۔ زورٕ روٗٹُم وَدُن، پۆز اوٗش اوس دَدرا یہٕ وسان۔ تام گیہٕ وارڈس منٛز سأری بیمار کیاہ تیمار دار الرٹ، تِکیاز ڈاکٹرٕ و کوٚرراوٗنڈ شروٗع۔ یام شریف صأبس نِش وٗاتی تہٕ لگی پانہٕ وأنی لو تہٕ لو تہٕ کتھ کرنہٕ۔ بہٕ اوُسس ژرژان یہُنٛد وَنُن۔ کمرِس نظر دِوان وۄنُکھ...... ''شُل چھِ سأرِے دژاہتی، پۆز سپائنل کارڈُک ہکوٚ نہٕ وُنِہ کہیں وٕنتھ''۔ کلس نظر دِتھ وُچھکھ سِکینگ رپورٹ تہٕ دژاے۔ بہٕ دژاس یمن پتہٕ کیس ڈائری ہێتھ تہٕ روٗٹُم اکھ ڈاکٹر صأب تہٕ وۄنمس بڑٕ اِنکسأری سان......

''ڈاکٹر صاب تیمِس بیمارٕ سُند کیاہ حال چھ''

ڈاکٹر صاب وۆتھُم بڈٕ نرمی سان...... ''یہ حض چُھ سورُے اللہ تعالیٰ ہَس اتھِ۔ؤں گۆو ٲسی چھِ پننہٕ اَنڈٕ کوٗشش کران۔ انشاء اللہ خدا کرِ رُتے۔ سے اُمید چھےٚ تھاوٕنی، البتہٕ وقت لگہِ یہ ٹھیک گژھنس''۔

''توتہِ کوتاہ ٹایم ہیکہِ لگتھ؟''......اورٕ وۆتھُم ''کینژھہ تہِ چھ ممکن''

ڈاکٹر صابنہِ جوابن ترٛ وۆس یہ عجیب دولابس منٛز۔ لفظِ ''کینژھہ تہِ چھ ممکن'' اوسُم ٲتی وَہہ والان تہٕ ٲتی ٲسی رٕژرٕچ آش ژٕوان۔

......☆......

ؤں اوس الہٕ پلہٕ شریف صابٕنس ڈوڈ رٕبتھ ہسپتالس منٛز گوٚمُت۔ اکھ آپریشن اوس کوٚرمُت تہٕ دۆیمس ٲسی پژاران۔ مےٚ اوس معمول بنوومُت صُبحس ڈیوٹی نیرنہٕ وِزِ تہٕ تہِ واپسی پتھٕ تہٕ ہسپتال گژھنگ تہٕ گرٕ وٲتِتھ پلو بدلٲوِتھ شریف صابُن گرٕ...... اتھ دوران سپدٕ مےٚ ٲمی سٕندِ بن انگن ٲشناوان ہِتی پۆرٕ پاٹھی کتھ کرنٕک موقعہٕ تہِ حاصل۔ یہ یہ ییمن نِشہِ شریف صابٕنس متعلق بوزان اوسُس تمہِ تلہٕ اوس مےٚ یہ فرشتہٕ صِفت آدم باسان۔ پوٚز پننوٚ چھُہس گرٕ منٛز پننہِ وقتہٕ لارتہٕ پردٕ بن نہٕ تو گمُت پرٕز ناوُن تہٕ وقتہٕ کبوٚ کرٕ تچھرٕ وپرٕ ژھیوٚن تہٕ لِژھ کوٚرمُت۔ ازتہِ اوسُس حسبِ معمول ہسپتالسےٚ منٛز شریف صابٕنس شانٛدس پتھ لتس کلس پتھ اتھِ تھاوِتھ خبر کمن دولابن اندر

پر۔ اَتھی ستی پیٚیم گرِ کُن نظر شام اوس تیار۔ مےٚ ہیوٚت نیرُن تہٕ تُلم شریف صأبنہٕ ڈبکہٕ پیٹھہٕ اتھہٕ۔ أمی ترٛأو مےٚ کُن آرٕ برٛزٕو چشمو نظراہ۔ مےٚ وٚنُس ...... ''ژٕ پرٕ حض گوٚو''۔ اورٕ ووٚتھُم تامتھ ٹھٔہریوٚکتھ چھم کرٕنی۔ اَتھی ستی ژٕجس کُنی ودن باکھ نیرِتھ تہٕ لوٚگ وَننہٕ:

''گلثوم لالس چھسم مأنز تام أنتھ تھأوِمژ...... سو چھسم دوہس راتس برٛونٹھہٕ کنہٕ گلِی دأرِتھ آسان۔ ڈاکٹر صاب تہٕ چھنہٕ وُنہٕ کہیں وٕنتھ ہکان''۔

یورٕ ترٛأوس مےٚ ہیرِ بون نظراہ تہٕ ڈاکٹر صأبُن وَنُن آم ذِہنس منز ووتلتھ ''کینٛہہ تہٕ چھُ ممکن''۔ تہٕ دِل دوٚرکٕرِتھ دژاس گرِ کُن یی سونچان سونچان۔



# لأنی کوس

صابہٕ دبد اُس صُبحٕ یے گاش پھولنٕس ستی گرٕ شُپ تہٕ لرٕ ژھل ہتھ نیران تہٕ بڈٕ بن گرن گوڈٕ ڈُوان ڈالان تہٕ پتہٕ تومُل ژھٕٹتھ گرِ یوان۔ گھرٕ واتہٕ وُنی اُس شُر بن چھلان چھوکان تہٕ چایہٕ داماہ چاوِتھ سکوٗل کڈان تہٕ پتہٕ کورِ اتھس تھپھ کٔرِتھ پانس ستی تُلان تہٕ دوگہٕ مزوٗری کران۔ تِتھے پاٹھ اُس گرُک لوہ لنگر چلاوان تہٕ دوہ گُذاران۔

ازٕ اُسی برابر ترٕ ے دوہ گمتی صابہٕ دیدِ یمو وتو پکنس تہٕ سارِی گرٕ والی اُسی دپان "بچارِ خأرٕ ے گوٗ ژھس آسُن، نتہٕ روزِنہٕ ژٕ ہنٕے ہنگہٕ منگہٕ گرٕ"۔

یہٕ اُس دوٗلت دبد تمن ہمسأے باین ونان، یم ڈیپھوٗ رٕ گٔرِتھ سڑکہٕ پیٹھ کس نلکس تل جمع آسہٕ۔ ہمسایہٕ باین منٛز آسہٕ تم گرٕ گرٕ اکنہٕ زیادٕ ے پریشان تہٕ فِکر مند یٔہنٛدٕ بن گرن منٛز صابہٕ دبد ٹینٛڈی مزوٗری اُس کران۔ تتھ اوس وجہ یمن اوس صابہٕ دیدِ ہنٛدِ ینہٕ گژھنہٕ پتہٕ ڈوٗن ڈالُن مُشتھے گومُت۔

یم سارِ ینے آسہٕ یُہے دٔلوازٕ ژل ہتھ گرا بڈِ بڈٕ کتھٕ کران تہٕ گرا کلس ستی

کلہٕ رلاٖوِتھ خبر کیٛاہ کیٛاہ اٚنزراوان گنزراوان۔ دربار اوس تمہٕ وِزِ طیٛس پٹھ ییٚلہِ یوٚر عزیز میر درٛاو۔ یام درباری واتنہٕ اٚمس گٔن نظر پییہ، ییٚمن اٚچھ گٔنی چھگ تہٕ گٔیہِ چھنایہِ چھیٛری۔ مگر عزیز میر ما اوس کانہہ کوٚمل مٔری دیٛادِ ما، ییٚس لحاظہٕ کھیٛیہِ ہے تمی لاٚے دوٗرِ گٔنی کرٛیکھ............

"ہے بختی! تٔہی کیٛاہ آسوٚ ساریٚے جمع گرِٛھتھ اٚنزراوان، توہہِ چھنا کانٛہہ کاٚم ماہ کاراہ۔ اگر کانٛہہ وو پر گامُک یپاٚری نیرِ تہٕ وُچھو توہہِ کلہٕ تہٕ کلہٕ رلاٖوِتھ...... سُہ کیٛاہ ونہِ؟ سُہ سونٛچہِ نا...... دراصل چھُنہٕ ییٚتہٕ کانٛہہ زِٹھا ییٚس ییٚمن شرم داٖری ہیچھِ ناوِ ہے"۔

بٔخت ژٔج۔ پوٚت نظر تہِ دِژن نہٕ...... ساریٚے زنہِ گٔیہ رسہٕ رکسرِ پننہٕ جایہِ ...... گٔنی دَو کڈٕکھ۔ مگر دوٗلت دبہٕ پھیر پوٚت تہٕ بُتھ دوٗر گرِتھ ووٚننس......

"یہ ہاجو آسہٕ صابہٕ دیٛدِ ہُند ونان۔ تِمس ہاجُو گٔے برابر ترٛیے دوہ یور پٮ۪نس۔ تی اُسی ونان، بچارِ خاٚرے گوٚژھس آسُن نتہٕ کرِنہٕ یوٚت تاب"۔

"پٔزی پاٹھی چھُنہٕ تِمس موٗنڈِ بچارِ امہِ بغاٚر کانٛہہ آسرا، نتہٕ ما آسہٕ گٔن گُمرٛش"

یہِ اوس عزیز میرٕن وٕنُن، ییٚس اتہِ محلہٕ زِٹھُ تہِ اوس۔ اٚمس تہٕ اٚس اٚمس بچارِ ہنٛز سخ ہمدردی۔ اٚمی تہٕ کریہِ کوٚشش سُلہٕ ڈارنہِ مارٕ گرٛھنہٕ وِزِ پنٛنی رِکنی، لرٛان آسمانس آب۔ پوٚز ییٚتہٕ ظاٖلمن ہُند راج آسہِ تتہِ کیٛاہ کرِ ہے

عزیز میر بچار۔

ووٚنی اُسی برابر سٟتھ دوہ گٕمتی صابہٕ دیٚدِ کاٮ۪نسہٕ ہُنٛد گرٕ پنس ۔ توٚے آسہٕ

محلہٕ واجنہٕ ازسارِیے سٟمتھ پن پننہٕ جایہٕ سوٚنچان۔

کاٮ۪نہہ اکھاہ اُس ونان ''خبر بمار ما آسہٕ''۔ کاٮ۪نہہ اُس ونان ''خبر گُن ما

چھےٚ گٔمٕژ''۔ کیٚنہہ آسہٕ ونان ''خبر کاٮ۪نسہٕ محلہٕ واجنہٕ ماچھُنس تیز کیٚنہہ ووٚنمت''۔

عجیب خیال تہٕ رایہٕ آسہٕ ووتھان ہمسأے باین پانہٕ وأنی۔ اُتھی منٛز ووٚژھ

دوٚلت دبہ یمن گُن......

''صابہٕ اُس پننہٕ وقتہٕ پانس وَنہٕ ناوان۔ ڈبکہٕ نےٚ راوِ ہس سو کتہٕ لگہٕ

ہے گرٕ گرٕ پھیرِتھ ڈوٚنس ڈالنس تہٕ لگہٕ رژھن روزِ ہے اتھ داران''

رَحم دیٚدِ ژٹ اُمی ہنٛز کتھ تہٕ ووٚژھ......

''نہٕ دِی، یاگوٚ وزانون نہٕ۔ ساننہٕ نےٚ اُچھن ڈیشمانےٚ پرٛتھیہٕ''۔

''نہٕ دِی، رَحم دیٚدی سو چھُنہٕ کتھ۔ یمہٕ ییٚتہٕ نوٚ نوشہٕ کورِ خدایس حوالہٕ

چھےٚ یمن کتہٕ آسہٕ پتہٕ یمن آسہٕ پننہٕ جایہٕ خیال یہٕ چھےٚ دوہے شکس لد

اُسمٕژ''۔

سارِوے زنوٚ گرٕ ژھوپہٕ مگر دوٚلت دبہ گیا ژھوپہٕ کرِن واجنوٚ منٛزٕ۔ سو

ووٚژھ تھوٚد......

''تاوَن نےٚ پیٚیہٕ ہے سُبحان نو دوٚلتس، تیٚمی ہنٛدی نیچوٚی صابہٕ ہُنٛد خانہٕ

دار پننس موٹرس تل ژُھن۔ گامن کرٕیا وِیکٕت پوٚز گٔژھی کھوٚرَو تہٕ اتھ زیٚٹھوٚ

حأ رکموٗ کرتل دۆ بری تہٕ سُرِ بنہِ وۆ تھنہٕ کاوتہٕ ''۔

''دۆلت موجی...... ییتہٕ یوت نہٕ، ژےٚ چھےٚ خبر ییلہٕ عزیز جُو تام سبحان نوٚ دۆلتی سوز اوصابس تہٕ ونیا نس......

''ووٚنی نیرِ نہٕ عدالت وانو تہٕ دفتر پتہٕ دفتر پھیر نہٕ منزٕ کہنی۔ ووٚنی رٔٹھ تہٕ نومہٕ روپیس ترٕہ ساس تہٕ بناوتکھ یمہٕ معصوٗم دوٕ ہڈر گنہِ لایق۔ امہِ تلیٚ تمہٕ روپیس ترٕہ ساس تہٕ لاٚ ینکھ بتھِس یہٕ ؤنتھ......

''مےٚ کیاہ تار دِن یم کھوٚٹی پوٗنسہٕ تہٕ نٛدری ...... مےٚ رووآ دن بوج...... مےٚ رووکمایہِ کُل...... مےٚ رووسایہِ...... یہٕ گیٚس بےٚ سایہِ۔ یپاٚری اووتیپاٚری نیرِ و۔ مےٚ متہٕ ہاوی توشالی تارکھ''۔

یم ساری گیہ شووزدہوی تمہٕ وِزِ تہٕ تھوٚ دتہِ توٚ گُکھ نہٕ ووتھُن۔ نیرٕ وُن دِژِنکھ کرٕبکھ......

''یہٕ یا میأنی دردِل باٚ ےنیٚ پوٗشِس۔ میوٗن خدا صاب تہٕ پیرِ کامِل کتہِ ترٕ اوبس''...... یہٕ ونان ونان اوس رحم دیدِ اوٗش وسان۔

صابہٕ چھِ سبٹھاہ خوددار، عاقِل تہٕ سونچن وأجنی زٕنی۔ تمہِ ہیٚژ نہٕ أزی کس دمس تام کأنسہِ ہنٛز ہرِ ژھٹھ۔ یتھ تہِ گرس منز کامہِ ہن کوٚچہِ ہن اُس کران تتہِ اُس سو مجنتانہٕ رٹان، نہٕ کہِ خاٚراتھ۔ ووٚنی اگر کانٛہہ اتھِ تِلتھ کینٛہہ دِیہِ ہیس تتھ اُس بڈٕ ہٹہِ یہٕ ؤنتھ انکار کران......

''یہٕ یا گوٚو نرِ رنگہِ چھبس گمٕژ، تہٕ لوٗنٛٹھ دارِ یا خاٚراتھ رٹہٕ''۔

صاحبٕہ اَس سبٕتھاہ نرم مزاج، مٕژھج تہٕ پڑتھ کانٛسہٕ ستی رلہٕ وٕنی ۔ پوٚز زہر کی تہٕ خوددأری تہٕ أسس نہٕ کینٛہہ کمی ۔ ڈیکہٕ لون نے راوِہس یہِ ماپٔیہِ ہس وُچھن ۔ پننہٕ وِزِ اوسُس نہٕ کہنٛی ٹارِ کھسان ۔ یٔیلہِ خانہٕ دار رحمتِ حق گوس تمہِ وِزِ اَس باسان مانٛزِ مہرٕنٛی زن ۔ دِل دوٚر گرِتھ پیٛوس یمن معصوٗمن ہنٛدِ باپتھ شُسترٕ کمر گنٛڈُن تہٕ روٗز پرٛتھ محاذس پیٹھ لڑان ۔ از سوٗے تمہِ وٕقتچ پھنٛڈر، زردیاٖمژ تہٕ سوسہٕ نیاٖمژ ہی تھُر ۔

تنہٕ بڈٕیہِ صانٛزٕ قدر زیاد ٕ ے تہٕ سأری لکس مٹہٕ مٹہٕ دِنہٕ تہٕ حوصلہٕ بڑاونہٕ یٔیلہِ جنٛگلٕچ ٹھیکہٕ درپٕئن نیچوٚ تہٕ زامترٕ ہتھ پنہٕ نِسے موٹرس منٛز جوٚمہٕ اوس تران گرٕ کُن ڈٕگہٕ ڈولس نشہِ گیگھ گاڈی بون ۔ نیچوٚ موٗدُس موقسے پیٹھ تہٕ پانس پیٛیس دٕچھنٕ زنگ ژٕٹنٕ تہٕ زامترٕ گوس ہمیشہِ خاطرٕ بےٚ کار ۔

تمہِ وِزِ کھیوٚ وسارِ وٕ ے گامہٕ والہِ ژ اس تہٕ سأری لگی ونہٕ...... "صابُن سُہ صبر تہٕ دُعاچھ شاید خداتعالیٰ ہن قبوٗل کوٚرمُت یٔیلہِ تمہِ وِزِ بہٕ بانگہِ دوٚہُل تمہِ وٕون......

"بہٕ یامیٔانٛی دردِل بأ ے نے پوٚشِس ۔ میوٗن خداصاب تہٕ پیرِ کأمل کتہٕ ترٛاوِس"...... یہٕ ونان ونان اوس رحم دیدٕ وَدُن یوان ۔

دوٗلت موجی یأ ژنہٕ بلکہِ آسہٕ سارٕیے محلہٕ واجنہٕ رحم دیدٕ ہُنٛد بوزان تہٕ سارٕیے آسہٕ ووٚشِس پیٹھ ووٚش ترٛأوِتھ رحم دیدٕ ہنٛدِس چانٛٹِس نظرِ......

محلہٕ چہٕ نوٚ پٕیہٕ ہنٛز نوشہٕ آسہٕ یہٕ داستان دھیان دِتھ بوزان تہٕ کانٛسہٕ

کأنٛسہِ اوس اۄش پھیوٚ را پھیوٚ راتہِ وسان تہٕ رحم دیدِ آسہٕ مُدَے گٔنڈِتھ۔

کمہِ تام ڈبکہٕ بجہِ دِژ مٲژی کرٕ یکھ......

''تلے رحم دیدی !!......ژے ہے چھے میانِہِ کُلنی دِژِ ے، ژٕ نےٚ ونکھ تمہِ دوہک ،ییلہِ بابن صابس موچھِ مژ کیا ہتام پلہ نو وتہٕ ستی دۄ پنس کوٗری ژٕ چھہم اُچھن ہُند گاش ،ییمہِ وِزِتہِ کینٛہہ ضروٗرت پیٚیی ،مےٚ مأیلس گرٕتھ وُنن ،پِنا گوٚ براکأنٛسہِ اَتھِ دارَکھ......

تورٕ ژٕ ہس صابہ بڈ تھ تہٕ بولتھ......

''نبہ چاچا! ژٕ چھکھ مےٚ مول مگر یہِ تھاو یاد، چأنی کوٗرنا چھنہٕ تیژ بےٚ غأرت تہٕ بےٚ شرم زِ ژےٚ ہِوس مأیلی سُند رٹہِ یا کأنٛسہِ دارِ اتھٕ۔ ژٕ نہٕ ییم لفظ واپس تہٕ یہِ کینٛژھا موچھِ مژ چھے تہِ تھاو چنٛدس تہٕ کأنٛسہِ موتا جس دِکھ۔ بارِ دُبارٕ پِنا یژھ ہمدردی مےٚ ہاوَکھ......چانہِ دہانہٕ ناگوٚ ژھنہٕ یہِ نیرُن''۔

یِی ونان ژٕج صابس کُنی ودن باکھ نیرتھ۔ ودان ودان تُلن اتھٕ تہٕ اُج منگنہِ......

''پروردِگارِ کریما! ژےٚ نےٚ بانہٕ زانیا تھم، ییم کتھٕ ماپییہِ ہنٛم بوزنہِ،......وٕنی چھکھ ژٕ ے تہٕ ژٕ ے کرُم پننی حفاظت تہٕ رفاقت۔ دِم ہمّت، یُتھ ییمہِ رگردابہٕ مژ عزتہٕ تہٕ وقارٕ سان نیرٕ تہٕ سارِنے ہنٛدی اُس گرٕ ھن بنٛد''۔

یِی ونان ونان درٕ اِیہٕ نبہٕ چاچنہِ آنگنہٕ مژ۔ تمہِ وِزِتہِ آیہٕ نہٕ واریا ہن

دوہن مجلس منز...... خبر ازتہٕ ماچھِ ترٛژھے کانٛہہ کتھا گمژ۔

یہِ اُس رحم دید یمن نوشن کورہن ونان...... یمن نہٕ نوٗرٕ موجوٗب صابس متعلق یوٗت پےٚ اوس۔ تم بچارِ آسہٕ دَم ہیتھ یہِ سورے بوزان تہٕ منٛزی منٛزی اکھ اَکس کُن نظر ترٛاوِتھ آسہٕ وشلان۔ وُٹھ پٹھ آسہٕ نہٕ وُٹھ ٹِلتھ ہیکان۔ پرٛتھ انٛدٕ گیہِ ژھوپہ۔

پوٚز دوٗلت دید ماگیہِ ژھوپہٕ کرن واجینٛز۔ سوچھےٚ پننہِ موٚ درِ تہٕ اسہٕ وُنہِ چانٛٹہِ لبن تہٕ زبوانان تہٕ لَج وَننہِ......

''میانیو ڈیکہٕ بجیو، صانٛہِ زندگی ہاچھےٚ تُہنٛدِ خاطرٕ اکھ سبق، اکھ نصیحت۔ پننےٚ ڈیٚپو صابن کیاہ ہارزانٛہہ ہمّت یا پننہِ ننگ ترٛاوِن پتھر۔ تمۍ سُنٛد حوصلہٕ، صبر تہٕ برداشت چھُ اسہِ برٛونٛہہ کنہِ۔ تمہِ گرٕ محنت، خوٗن کوٚڈن پانس تہٕ پوٗلن خام شُری بوٚک۔ تس چھِ خدایس حوالہٕ زِگولاب، یم پران چھِ تہٕ اکھ کورِ ہن، یس پانسے ستۍ پکناوان چھےٚ۔ خدا لاسوِنس تمن، سانٛہن سان''

رحم دیدِ ژٹ دوٗلت دیدِ ہنٛز کتھ منٛزے تہٕ وٕژھ......

''وقت روٗد ژلان تہٕ صانٛہِ زِ لڑکہٕ روٗدی پران تہٕ کوٗر روٗز بالغ گژھان۔ موج روٗزِ کھ گھرٕ گھرٕ ڈُوان ڈالان تہٕ کوٗر روٗزس چھلان چھوکان۔ یمن گھرن منٛز صابُن یُن گوٚھن تہٕ کوم کوٚٹ کرُن اوس تم لگی اُمِس برابر گھرٕ باٗژزانٛتھ قدر کران تہٕ رَچھان۔ اگنس دو گنہٕ محنتنہٕ دِتھ اَمۍ سُنٛد دِل رٔنٛزناوان۔ وونی اَس اَمۍ ہنٛدی گھرٕ اخراجات پوٗرٕ گوٚھنس ستۍ ستۍ

پوٚنسہٕ ٹوٚنک تہٕ پتھ گُن گژھان''۔

ازاوس صابُن حاےٚ بدل...... یوٚنک نِچوٚ وِقاراوس ہُم جماعت پاس گٔرِتھ انٹرنس دِنچ تیأری کران تہٕ دوٚیِم نِچوٚ اشرف اوس نٔومہِ جمأژ پران۔ کوٗر نِگہت أس گٔہس ؤرِیس منز۔ صابہٕ أس ووٗنی أندری ئژ کران تہٕ روٗشن مُستقبِلکۍ خاب وُچھان۔ باغ اوس تیار گژھان تہٕ موٚج ووٗمیدوأری أس صابس پتٕ مِن کرٕ تچھرن تہٕ شخٚین میٹھ راوان۔

کتھ أس ووٗنی اوٚ تام وأژمٕژ زِ وقاراوس پھرِ پھرِ ماجہِ صابس ونان......

''موجی! ووٗنی ہےٚ ہکو أسی بأے بارٕنی موٚزوٗرۍ تہِ گٔرِتھ تہٕ پٔرِتھ تہِ۔ أزی کہِ وقتہٕ نےٚ چھنہٕ کارن ژھبن''۔

یوٚر أسکھ موج ونان......

''خداصأب تھأوِنو وارٕ وَتہِ۔ یہٕ ہا أسس دپان میانہِ أچھ گژھنہٕ تُہندِ بن معصوٗم شانن پیٹھ بوٗر کھسان وُچھنہِ، بلکہِ گژھس وُچھنۍ پننۍ جگر کھأنٹۍ تھزِن گٔرسین پیٹھ۔ یہِ تھأوِو زِ بو یاد ییتس کالس تُہنزِ ماجہِ گٔرژو منز زُدپچھ تیتس کالس دِموٗنہٕ قلمہِ بغأر رٔکھنۍ تہِ اتھس کیتھ ٹلنہٕ...... مےٚ کتہِ پییہِ أچھن میٚو تہٕ تُہندِ بن مأرۍ مَند بن پھیکین کھسہِ بوٗر''۔

''نأے موجی! ازنےٚ چھنہٕ پھیکۍ موٚزوٗری یأژ کینہہ، بلکہِ ازہےٚ چھِ تِم کامہِ تہٕ کاریِم أسی آرامہٕ سان ہکو گٔرِتھ تہٕ پٔرِتھ تہِ''......

یہِ وۄن یوٗرِ وِقارن بڑٕ اطمنانہٕ سان۔

یہِ جواب بوٗزِتھ ژٕج صابس اوٗش ددراے نیرِتھ تہٕ رۄٹُن نالہٕ متہٕ تہٕ دۄپنَس......

''کرٕ ژٕ گوڑٕ امتحان پاس پتہٕ وُچھو کیاہ آسہِ تس منظوٗر، تیٚمی یتھ آزمائیشہِ اندر ترٚاوی''۔

وِقار گوٚو ماجہِ ہُنٛد یہِ بوٗزِتھ سبٹھاہ مغموٗم تہٕ لوٗگ کیاہتام أندری سونٛچنہِ...... تِکیازِ وِقار اوس شُری پانہٕ پیٹھے سبٹھاہ سنجیدٕ تہٕ سونٛچن وول۔ أمِس اوس ماجہِ ہُنٛد گھر پتہٕ گھرِ پھیرُن پننہِ جایہ أندری گژھان۔ پوٚز یِتہٕ اوس زأنتھ زِ امہِ بغأر چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ تہِ۔ یہِ اوس نہٕ یژھ کتھ زِ یوٚ پیٹھ تہِ ہکان أنتھ۔ البتہٕ اوس کُنہِ بے شونٛکی پأٹھی بأیس کُن ونان آسان زِ

''موج گاٚج سأنی شرن۔ کِتِس کالس روزَو أسۍ أمِس بورٕ بٔنِتھ کلس پیٹھ''۔ کُنہِ آسہِ یژھ کتھِ صأبس تہِ کَن گژھان۔ سوٚ أس کُلِس ڈوٗل لاگان، مگر پننہِ جایہ أس ژُرژان آسان، پوٚز باس أس نہٕ دِوان۔ صابنٛن کتھن منٛز تہِ اوس یِہنٛد بن سوالن ہُنٛد جواب اشارن منٛز آسان۔

اکہِ دوہہ گوٚو وِقار مجبوٗر ماجہِ وَننہٕ خأطرٕ...... ''موجی تلے وونی ترٚاو تہٕ گھرِ پتہٕ گھرِ پھیرُن۔ أسۍ ہے ہکو وونی کینٛہہ تہِ کٔرِتھ گھرِ پکناونہٕ خأطرٕ۔ وُنیکتام ہے کوٚرُتھ سبٹھاہ سانہِ باپتھ۔ وونی دِتے اسہِ تہٕ موقعہٕ خدمت کرنک''

یورِ تژٲ ونس صابنؠ بتھس کُن نظراہ تہٕ ٲئِج سوٗنچنہٕ پؠٹھ کتھ وِقارنہٕ زیوٗ

نیرٕ نی چھنہٕ خٲلی ازمعنہٕ۔ یکدم مژٕ رصابن زبان......

"گوٚ برا یمو گھرٕ و مےٚ موٗنڈ گژھتھ ہمّت بڑٲو، حوصلہٕ دیٛت تہٕ

حالاتن ستی مقابلہٕ کرنس منژٲتھٕ روٗٹ کوٚرتہٕ عزتٕچ موٚزوٗری کرِتھ روٗدی میانہٕ

باپتھ رُت کانٛچھان تہٕ اگنس دوگنہٕ منجتنانہٕ دِتھ میانٛی ضروٗرت پوٗرٕ کران۔

مےٚ تہٕ میانہٕ معصوٗم کورِ گھرٕ بٲژزٲنتھ قدر کران۔ نتہٕ کوٚس شیاہ یا آشنا ٲسم پتہٕ

کنہٕ، یتھ بہٕ گھرٕ تہٕ چلاوٕ ہاتہٕ تہٕ تہٕ پرناوٕ ہو"۔

"نا ے موجی مےٚ نےٚ چھنہٕ تہٕ مطلب"۔

ٲجسے ناوس، اِدٕ کیاہ چھ چون مطلب"...... یورِ وٗژھس موج

"یہٕ نےٚ چھنہٕ ووٗنی جان کتھا چانہٕ خاطرٕ تہٕ نہٕ سانہٕ خاطرٕ چون وٗں

گھرٕ گھرٕ پھیرُن"۔

وِقارٕ نی یم لفظ بوٗزِتھ گوٚنڈُن صابنؠ ٲندری جلاو۔ پوٚز وٲنجہٕ تھوٗوُن

پل تہٕ وٗژھ یورِ......

"گوٚ براوُنہٕ چھِ چانٛس داے دِنس سُل...... وُنہٕ گوکھ گژھی گژھی تہٕ

شرٕ ے۔ لِگو وار کارٕ بال بچھ پتہٕ وُچھو"۔

یہٕ اوس صابُن جواب...... یوسہٕ ٲندری لشہٕ ہنٛدی پاٹھی دزان ٲس

تہٕ سوٗنچان ٲس......

"یہٕ چھنہٕ وِقارٕ نی پننٕ زبان۔ یہٕ چھُ کُمی تام بدخواہن ٲمِس آپہٕ

رودمُت ۔ نتہٕ چھُیی نہٕ تمہٕ ؤ ژہنُد شُر‘‘۔

یام وِقارن ماجہِ ہنٛدِس ڈیکس دِژ ہہ ہش وُ چھ کھسان اُمس آے ودن بگہٕ...... موج گیہٕ اُخر موجی...... صابس باسیٚو وِقارس گوٚ واُندری تہٕ پانسے ستی وۄنُن......

’’اُخر چھُ وُنہٕ شُرے‘‘...... تہٕ وۄنُن نِکسؔ کُن......

’’تلےٚ گوٚ برٚی دِکھنامےٚ چایہِ پیالا ۔ مےٚ ہے کلس ژران ہش‘‘۔

وِقار گوٚ و ماجہِ ہُنٛد کلس ژرُن بۄزِتھے تھوٚ د ؤتھتھ تہٕ آو ماجہِ نِشہِ تہٕ کوٚتھن پیٹھ کلہٕ ترٛاُوِتھ وۄنُنس مایہ برٛ ژِ آوازِ منٛز......

’’موجی بہٕ ہےٚ انےٚ تیلہِ نیٚبرٕ دوا اگر کلس دود چھُی‘‘۔

’’ نا گوٚ برا پانےٚ ہا گژھم فرق...... مےٚ کتہٕ چھُ تِتھ کُنٛی دوا بنان کھیٚون ۔ سو جواُنی کتہٕ روٗز‘‘۔

یہٕ ماجہِ ہُنٛد وۄنُن تہٕ گوٚ وِقارس پننہٕ جایہِ سخ تہٕ لوٗگ ماجہِ کُن وننہٕ......

’’موجی مےٚ نےٚ پزٕ ہے تہٕ پاٗٹھی ژےٚ ستی زبان رلاوٕنی ...... مگر!! مگر بہٕ ہےٚ گوٚس مجبوٗر‘‘۔

’’ژِجیا موج ؤنٛدتھ ، سہٕ نا چھُنہٕ کتھے ۔ چاٗنی موج نا گیہٕ نہٕ کاٗنسہِ ہنٛز ہرِ ژھٹھ ہیٚنہٕ واجینٛی ۔ سہٕ ہا گیہٕ پانس خوٗن کڈان واجینٛی ۔ نرِ موٚ زوٗری کرِتھ سوٗرےلوہ لنگر چلاون واجینٛی ۔ بہٕ چھُبس محنت کرِتھ دوہ گزارن واجینٛی ۔ توہہٕ نادِیہ نہٕ کاٗنہہ پام موج چھوٚ بیچھان ۔ سارِنے ہا چھےٚ میاٗنی پےٚ‘‘۔

وِقارس ژٕج وَدن باکھ نیرِتھ تہٕ وۄتھنس......

''موجی وَنی کرتےَ بس۔ گیم ہے غلطی، دُبارٕ نے ونےَ نہٕ بہٕ کہنہٕ تہٕ''

سارِ ے بُزرگ تہٕ اَڈ وٕر محلہٕ واجنہٕ کیٚو نوِ نوشہِ کورِ آسہٕ دۄلت ویٚدِ تہٕ رحم

دیٚدِ ہُند صابس متعلق کتھ، دِل دِتھ بوزان تہٕ آسہٕ صابنس ہمتس، خوددأری

تہٕ حوصلہٕ مندی پن پننہِ جایہِ داد دِوان۔ وِقارن اوس اِنٹرنس تہٕ پاس کۄر مُت

تہٕ وۄنی اوسُس صِرف رِزلٹ باقٕے۔ تَمہِ وِزِ تہٕ آسہٕ سارِ ے محلہٕ واجنہٕ ہتھ

دۄلت دیٚدِ ہِندِس آنگنس منز صابس مرحبا تہٕ مُبارک کران یِیلہِ سو مِٹھأے

اُس اتھ خوشی منز بأگران۔

ازتہِ اوس تِتھی دۄلت دیٚدِ ہِندِس آنگنس منز صابس یور نہٕ پنس پٹھ

دَل یِوان دِنہٕ۔ اُتھی منز گۄو نبر چاچہِ ظأہر تہٕ لۄگ یِمن محلہٕ واجنن

پرٕژھنہِ......

''کیٛاہ سا بَو......صابہٕ دیٚدِ ہُند مادر اوکانہہ پےَ پتہٕ ہا؟''

یورٕ وۄن سارِ وے یک زبان...... ''نہ جو، وُنہِ نہٕ کہنہٕ''۔

''مأنو نا میٚون، تیٚلہِ گرٕھ دۄلت تہٕ رحم، سأنس فاروقس ستی تہٕ وُچھن

کیٛاہ ذٔلیل چھےٚ''۔

''نبہٕ چاچا، چون وَنُن حق چھ بلکل ٹھیک''۔ یورٕ وَژھس سارِ ے

نوشہِ کورِ در جواب......

''صابُن گھرٕ اوس محلہٕ دۄر زٕ ڈاے کلو میٹر تہٕ دۄلت دبد اُس اور کُنہِ

کُنہِ یوان گژھان تہِ''۔

''تلےَ فاروقس کرِو آلو۔ تیلہِ ہےَ نیرِ و...... وُنہِ ہےَ چھِ سُل پھۄنس''......تہٕ دژ ایہِ صابُن گھرٕ کُن۔

صابہٕ آس تمہِ وِزِ گھرِ لبہ تلٕ دِیان، ییلہِ رحم دبہ تہٕ دۄلت دبہ تھٔنڈِس آنگنس منز وٲتتھ پیٚیہِ۔ یام صابن دۄلت دبہ وُچھ، سو آیہ بہرٕ ہٕنڈی پاٹھی لاران لاران تہٕ ژٕٹن نالہ متہٕ تہٕ رحم دبہٕ نُجس ڈیکس مونہِ تہٕ مِٹھی کرنہِ۔

اندرٕ اژنس ستی وُژھس دۄلت دبہ اسان اسان......

''صابو! ژےٚ رٕ کھیزٕ مُشر اوتھ اُسی۔ بہٕ ہےَ اٲسس پننہِ جایہ سونچان، خبر ژےٚ ماکوٚ رُتھ اسہِ بغأرے خاندرنتہٕ ماکوٚ رہےَ شُر بوٚٹھا کھتو رِٹنس''۔

''دۄلت ماسی سہٕ نےَ چھنہٕ کتھے۔مےٚ ہےَ کوٚر پانس پننہٕ نیٚوے اتھو وَر۔یہِ نہٕ وُنن لایقٕ چھُ''۔

دۄلت دیٚدِ کڈ ووٹھ ہش......''رٕ کھے ور؟''

''رٕ کھنی نےَ ماسی''......

یورٕ وُژھس صابہ بڈٕ معصوم اندازس منز۔ اُشی ٹارِی اُسس ، پوٚز دۄلت دبہ کتہِ تڑاوِہیس۔ آخر گیہِ صابہ مجبور رونس......

''ماسی !بہٕ ہےَ آیس از ژورِ دوہی گھرٕ''

''اسکھ کتہِ یمن ژون دوہن؟''......رحم دیٚدِ ژٹ کتھ۔

''کیاہ ونے۔ ٹھگ ہے پیوم۔سہٕ ہےَ چھ اکس منسٹر صابس ستی

ووتھان بیہان۔ اکہِ دوہ آم گرِ تہٕ وۄننم ''ژ دِہ روپیہِ لچھ، وِقار کرِناون بہٕ ڈاکٹرٹرینگ خاطرِ سِلکٹ۔ مےٚ ہےَ ونیا مس موغڈن نشہِ کم دیا رچھِ آسان تہٕ بہٕ دِمےَ...... تھفِ نےَ تجن، یوٗ تائنی نہٕ ناوِ وأجنس۔ روپیہِ روپیہِ أسم روپیس ڈہاٹھ ساس سوٗمبراوی ٕمتی یمن شرٕبن ہنٛدِ دادِ تہٕ ژوٗلم تمےَ ہتھ۔ سےٚ ژھانڈان ژھانڈان ہےَ ژھینس پتہٕ مین ترٕبن دوہن تہٕ أخرس روٗٹم شہرٕ۔ یام وۄنمس تام گوٚ وژاپل ہوٗنی ہنٛدی پاٹھی اگادِ۔ بہٕ تہٕ کتہٕ ترٛاوہن۔ مےٚ ترٛاومس نالس تھچھ۔ واریاہ لوٗکھ گےٚ جمع۔ یام تموٚ لیل بوٗزتہٕ گرہس تھوکھ لعنت۔ أخرس وۄنُن ترٕبن دوہن اندر اندر دِمےَ پونسےَ واپس۔ سُہ کتہٕ گیاو!!۔ وَنہٕ کس تہٕ گُس بوزِ غریب مونڈِ ہُنٛد، تکیازِ انصاف چھُن تیلی رٕٹتھ نمت...... أمی یارن ہےَ کرٕکٲم، أمی کرٕنوکستام صحبس اتھِ پولیس فون تہٕ ٹلہٕ نوونم وِقار صأب۔ وُنہِ ترٛووہم نہٕ کینٛہہ۔ تتہٕ تہٕ وۄننم أکی نفرن ''ژتجی ساس روپیہِ ہیکہٕ کھادِتھ بہٕ ترٛاوِ ناوَنےَ''...... وٕنی وٕنی توٚ گُس تاون ژھنہٕ پانس۔ شرٕبن واتا کِنہٕ وقتہٕ کنِن کھرٕبن دِمہٕ انٛد بوٚر۔

أتھی وَنس ہتی اوس أمی ہنٛز وچشمو منٛزٕ دٕریاو وَسان۔ یورِ أس دوٗلت، رحم تہٕ فاروق یہٕ حال بوٗزِتھ ونان...... ''کیاہ اوس أمس بچارِ لأنس کھر''۔

☆☆

# مے مَشہِ نہٕ زانٛہہ

میکٲنِکل انجینیٖرِنگ ہٕنز ڈِگری حاصل کرنہٕ پتہٕ کوٚر مشتاق احمدن Business Management کورُس تہِ نیٚبرٕ ے۔ تیٚپٲری بنیٚیس Job تہِ تہٕ روٗدِ مختلف فرمن اندر جان عُہدن پیٹھ کام کران۔ اٰخرس گوٚو گلفَس اندر اصل پأٹھۍ Adjust، ییٚتہِ اُمِس گوٚتچ اکہِ انٹرنیشنل کمپنی گوڈٕ اسِسٹنٹ ڈائریکٹر عُہدس پیٹھ کام کرنُک موقعہٕ دیُت۔ وُنی کٲنٛسَن تہِ چھُ تِتھۍ کمپنی اندر بحیثیتِ منیجنگ ڈائریکٹر۔ یِمن وُہن پنٛژٕہَن ؤرِین ہیوٚتُن نہٕ یوٗرُک ناوٕ ے۔

اوترٕ ییٚلہِ سُہ واریاہہِ کالٕ گرٕ ووت، حق ہمسایہٕ تہٕ رشتہٕ دار آے ژٕسِتھ تہٕ آے مشتاق احمدس اکنہٕ تہٕ وَلنہٕ۔ نِوپُیہِ اوس نہٕ وَنی البتہٕ ناواوسُکھ بوٗزمُت۔ اُمِس تہِ اوسنہٕ ووٚنی خاص وۄنا روٗدمُت۔ البتہٕ نظام الدین صأب اوس اُمی ہےٕ نِشہِ پنہٕ وِزِ پیٹھٕ ڈیرٕ دِتھ۔ تِکیٛازِ تس اوس پنہٕ نوٚ تمام شاگردَومنٛزٕ یہِ سخ ٹوٹھ۔ دۄیِمہِ دوہہٕ صُبحٲے اوس مسجد شریف کہِ لاوڈسپیکرٕ پیٹھٕ اعلانہٕ گژھان

زِ سأری جوان کیٛاۄ بُزرگ نیرن فورن تہٕ گرٛھن پنچایت گرٕ کس مأ دانس اندر جمع۔ اعلانہٕ بوٗ زِ تھے ڈٔجہِ نظام الدین صأبس خبر کیٛاز اُنگہٕ۔ یوٗ دوٚے سارِنٕے اوس پتاہ کیٛاہ چھ کرُن، پوٗز مشتاق احمد اوس امہِ نِشہِ بےٚ خبر۔

سأری لوٗکھ گےٚ اُچھ ٹینڈِ منز جمع۔ نظام الدین ترٛوٕوےٚ نہٕ مشتاق احمد تہٕ رۄٹُن پانسےٚ نِشہِ لتہِ تہٕ۔ کیٛاہتام چھِ ونان، پوٗز نہٕ چھُم سمجھ یِوان کینٛہہ تہٕ نہٕ چھس بےٚ سنان یام کرٛ یکھ گرٛھان تام نظام صأب کن تکراوان تہٕ ہوٚان بُتھ وۄشلُن۔ خوشِک زیوٗ وُٹھو پیٹھی پھرٕوان تہٕ مشتاقس کُن آرٕ برٕزو چشموٗ چھان تہٕ ونان......

''ژٕ تہٕ ووتھ مےٚ ستی''

یہِ اوس تمی سُند وَنُن۔ پوٗز یورٕ اوس مشتاق سارِنٕے کُن نظراہ ترٛاوان تہٕ سوٗنچان۔ زِ بستی ہندی لوٗکی کیٛاۄ بڈٕ ی چھِنٕہ کلہٕ ہیٚکان تھوٗ دتُلتھ۔ بُتھین نظر ترٛاوٕنی چھُم کینٛہہ خوفہٕ ستی دَم پھُٹے، کینٛہہ اُچھ پھری پھری اکھا کس کُن تلی ٹارِ وٗ چھان تہٕ کیٛاہتام وَنُن یژھان پوٗز خبر کیٛاز نہٕ وٕنتھ ہیٚکان۔ اُڈی مےٚ وٗ چھِتھ کنہٕ پھسرایہِ کران تہٕ معلوٗم یژھان کرُن یہِ کمہِ انڈک چھ مگر پزٕ ژِھتھ نہٕ ہیٚکان۔ یہٕ اوُسس یہِ سورُے اُندری ژرژان۔ مےٚ باسیاو زنتہٕ محشرُن مأدان ییٚتہِ صِرف پانیو پانیو چھُ۔ اعلانہٕ چھُ گرٛھان تہٕ نظام صأبس چھِ زن تُلہِ تأج۔ صِرف چھُم ونان۔

''ژٕ تہٕ ووتھ تیٛلہِ''۔ مےٚ دِژاو کنہٕ ڈول زنتہٕ مےٚ کھیں بوٗ زنہٕ۔ سہٕ کنتھ

مانہِ ہے تہٕ دِیُتنم نرِ گنٔے درٕ سہٕ...... ''دۄپےٚ ژٕ نے چھسےٚ وَنان !!''

أتھۍ منٛز آوا کھ آرمی افسر اَشمہٕ ہۄت، یُس موچہِ گوٚنٛڑھ کرِتھ تہٕ بتھِ مچھِ ٹیٚچل اوس۔ چھرِ ہستی دِتُن گامہٕ زِ ٹھس دَ کہٕ تہٕ لۄگُس وننہِ......

''ہے مُکھیا!! ژٕ ےچھی ناوَنان کتہِ چھی یہِ مأ لکِ مکان؟ گوڈٕ چھُوتوہۍ سأری حرام نمک تہٕ کمین۔ مہٕ کرسون وقت ضایہٕ''۔

زِ یتُھ آ و دوران نظہٕ صأبس نش تہٕ لۄگُس بڈٕ ہٹہِ وننہِ

''ژٕ ےچھِیہِ کنن زر۔ کأتیاہ پھِرِ وۄنۍ۔ کِنہٕ پانس چھےٚ بے قدری کرناوٕنی؟ وۄتھ پھٹا پھٹ''۔

نظہٕ صأبس أس گوڈے گلہِ زۄ گمژ، تہٕ کۄرُن مےٚ قمیضہِ کنٔے درٕ ہستی پکنہٕ باپتھ۔ بہٕ اوُسس أندری گلان۔ مےٚ کیاہ چھُ کرُن؟ بہٕ وۄتھُس أمِس یورٕ۔

''مےٚ وننہٕ حضن مےٚ کیاہ چھُ کرُن۔ مےٚ چھِنہٕ کُنہٕ رنگہٕ کانٛہہ خبرا''۔

أتھۍ منٛز گیہِ کُنی دور۔ یہِ مچھِ ٹیٚچل افسر آو تہٕ چھُ اشارٕ ہأوِتھ جوانن جوانن تھۄدتُلان۔ قریبن تُلکھ جوان پنداہ مرٕ تہٕ نیکھ لۄکہٕ ارساتہٕ منٛز ہکہٕ وان ہکہٕ وان کتھ تام اَندِس۔

مردن دۄرے پھن آسہٕ زَنہٕ جمع، یمہٕ کژ یک ڈاوٕنہٕ نبر آسہٕ، تموتُل امہِ وِزِ کُنٔے ہے رٕ ود۔ بہٕ گابریاس، گوس پتھر بہتھ۔ نظہٕ صأبن دیُت نم بیٚیہِ سوال ہستی ییٚنہٕ موکھ۔ یورٕ آو نمبردار تہٕ کینٛہہ سپاہ تہٕ نیٚو کھ کھکھرِ۔ نہٕ روٗز کُنہٕ تس ٹۄپۍ تہٕ نہٕ کھورن کھور بانہٕ۔

مےٚ آو چارتہٕ لاریٚوس یمنٕے پتہٕ۔ وُنہِ دوٚریاس نہٕ اکھ جریب تہِ، پٮ۪تۍ کنٛز گیٚیم قہرٕ برٕژ کرٕکھ...... "کہاں؟ پھٹا پھٹ واپس موڑو!!"

یہٕ گوس روٗزِتھ، پتھ کُن ترٛاوِم نظر، اورٕ وُچھم ہلکارٕ ہوٗنی ہوِ آرمی جوان مےٚ پتہٕ دوران تہٕ پنجأبی پاٹھۍ میانہِ ناوٕ ناسزا پران۔ یمو منٛزٕ آوا کھ جوان ہکہٕ تہٕ لأیِن مےٚ کُنی چپاتھ۔ مےٚ گوٚو نہٕ برداشت تہٕ ترٛاومس نالس تھپھ۔ یورٕ آے باقٕے سِپاہ تہٕ پووٕہَس پتھرٕ تہٕ کوٚرہم دٛگہٕ مار۔ یمو تُلہَس ڈول پوش گٔرِتھ تہٕ لِگم خبر کتھ کُن پکناونہِ۔ یہٕ چھس ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹ کران مگر یم ظأیلم چھم نہٕ حرکت تہِ دِوان کرنہٕ۔ تام واتنوہَس یمو مارٕ واتلوتتھ جایہِ ییٚتہِ واریاہ آرمی گارٕڈ جمع آسہٕ۔ أکس چیسی منٛزٕ اوس یِہنٛد کُستام بوٚڈ افسر، یس نظر پییہِ تہٕ بُلأوِن یم سِپاہ۔ شاید پرٕژھنگھ یہِ کُس چھوٗن تہٕ پکناوان۔ تِکیاہ زِ أکۍ سِتارٕ وألی وۄنِنس یورٕ بڈٕ ہٹہِ......

"سر لگتا ہے یہ سالا اُوگروادی ہے۔ اس نے ہم پر حملہ کیا"۔

أتھی ستی آوا افسر چیسی منٛزٕ بون وٕستھ تہٕ آو مےٚ کُن

انگریزی پاٹھۍ چھ بیٚیس سِتارٕ وألس ونان......

"مےٚ چھ باسان یہِ چھنہٕ ییٚتیُک، نہٕ چھس پتاہ ییٚتہِ کیاہ چھ سپدان۔ تہٕ نہٕ ہیکہِ یہِ شوٗرِش پسند اُستھ"۔

یِی ونان گٔرِن مےٚ أکی پرٛأژ واریاہ سوال...... "ژٕ کتہِ چھکھ روزان؟ کیاہ چھکھ کران؟ یورٕ کتھٕ پاٹھۍ لوٚگکھ تہٕ ییٚتہِ کیاہ اوسے کرُن؟"۔

بہٕ گوس یلہٕ تہٕ لوٚگس یوٚر تہٕ انگریزی پاٹھی ونن......" سر بہٕ اوٚسس یژھانی کانٛہہ ذمہٕ دار آفیسرا وُچھُن تہٕ وَنُن یوٚرے یمن سوالن ہُنٛد جواب۔ تِکیازِ یُس حال بدمےٚ صُبحن پیٹھ گوٚو وُچھان، بہٕ اوٚسس سوٚنچان پننہٕ جایہ، بہٕ کتھ شہرِ ناپرسانس اندر چھُس ہینہٕ آمُت؟"۔

"مطلیچ کتھ کٔرِو۔ اسہِ چھُنہٕ تیوٚت وقت زِ أسی بوزو چأنی دناسپر مےٚ ووٚنُس یوٚر بڈٕ اطمنانہٕ سان......

"توہہِ کیاہ پےٚ یوتیلہ ضروٗرت پیٚتی سوال مےٚ اکی ساعتہٕ پرٛژھنچ؟"

اوٚر ووٚتھُم ......"تِکیازِ وقت چھُ کم"۔

أتھی منٛز گوٚو بستی اندر کٔنیٚ دھماکہٕ۔ سوٚرے اوٚنٛد پوٚکھ لرزِیاو۔ وائرلیس سٹن پیٹھ چھ یمن آوازِ یوان۔

"مارٹر شل داگا اُس مکان پر۔ پورے علاقے کو شدید ناکہ بندی ہے"

یوٚر اوس جواب......"Carry On"۔

یمن وُچھم انگہٕ ڈلان تہٕ آفیسرن ووٚن یمن کیاہ تام ینہٕ مےٚ بوٚزے۔ بہٕ تُلہَس تہٕ أچھن پٔٹ دِتھ تھوٚوہَس گاڈِ منٛز۔ یتھ دوہا تتھ دوہا پچھےٚ صرف گولین ہنٛز آواز کنن گژھان۔ کُس چھُ لایان تہٕ کُس چھِ لایان تہٕ چھم نہٕ پتاہ۔ وُں بہٕ کینٛژھا چھُ سپدان تہٕ چھُس بہٕ یاتأنی کتھِ نتہٕ تأنی بوٚتہٕ دپھرایہٕ ستی ژینان۔ ژلہِ لارتہٕ دِوٕ دوہِش باسیم۔ أتھی منٛز گیم وائرلیس سیٹچ آواز کنن......

''سر لگتا ہے تین سے زیادہ ہیں''

یورٕ اوس جواب...... ''Be care ful & Carry on''

تہٕ چھس سوٗنچان ''پانا! کتھ مصیبتس منز آکھ ہیٚنہٕ''۔ أتھۍ ستی گوٚو دوٚیم

ٹوٚ ڈبار دھماکہٕ تہٕ گولین ہُندر روٗدتہٕ اوس جأری۔ سِگنل آیکھ...... ''دوسرا مکان

بھی گیا''۔ ؤں أس پرتھ طرفہٕ ٹاسرٕ ہارٕ ے کنن گژھان۔ أتھۍ ستی گیہ

سیٹس پیٹھ بڑٕ شورٕ سان آواز، ییس نہٕ مےٚ سمجھے آیہٕ۔ تہٕ یورٕ دِژ ہکھ

سِگنل......۔

''گیرٕ کرِ وتنگ۔ سیکنڈ لائن بڑ اٚیِو...... Bravo''

یم تہٕ گاڑِ لتہٕ آسہٕ، تم کر بکھ یکدم سٹارٹ تہٕ لجہٕ کوٚت تام گُن نیرنہٕ۔ یتھ

گاڑِ منز بہٕ اوٗسس اتھ منزٕ تہٕ کھٔتی سپاہ تہٕ دژ لیہ۔ ؤں چھنہٕ مےٚ فکرِ تران زِ

مےٚ کوٚت چھِ نوان تہٕ میوٗن انجام کیاہ ہیکہٕ أستھ؟ تکیازِ یہٕ اوس میانہٕ باپتھ

گوڈنیک کریک ڈاوٗن۔ بہٕ اوٗسس امہٕ کنہٕ لوأ زِماتن تہٕ مُشکلا تو نشہٕ بلکُل

انزأنی، یمہٕ کِنۍ نہٕ مےٚ کہیں چھ خوف یا ڈر۔ البتہٕ انتقامک جذبہٕ چھم گرِ

کھوتہٕ گرِ بڑان۔

خبر کتھ جایہٕ کوٚر گاڑِ ٹھہراو۔ نہٕ چھِ ؤں وائیر لیس سِگنلہٕ تہٕ نہٕ گولین ہنز

آوازٕ ے کنن گژھان۔ باسیام زنتہٕ ؤں گنہٕ دوٗر جایہٕ چھِ گاڑی رُکتھ۔

رُکنہٕ پتہٕ منٹ داہ مرٕ گوٚھتھ وولہٕ ہٚس کوٚمہٕ تہٕ لویہٕ ہٚس کتھ تام انٛدرس کُن

تہٕ تژ وٕہم کیاہ تام پلوا پیٹھ۔ باسیام واریاہ ژیر چھُ گوٚمُت۔ پانہٕ چھس نہٕ

اندازٕ ہبکان گرِتھ وق کیٛاہ آسہِ۔ راتھ چھا کِنہٕ دوہ۔ نزدیکھے ہیٚوٗن کتھ کتھ گژھنیٛ، یِم نہٕ سمجھ آسم یِوان۔ اندازٕ کوٚرُم نصف راتھ آسہِ، تِکیاز کتھن تہٕ اُس کمی گمژ، صِرف آسہٕ وۄ نگہٕ ہش گژھان۔ گاڑی رُکنٕچ گیم آواز کنن تہٕ ڈالہٕ تژاونک ٹاس گوٚو...... بہٕ گوس یکدم الرٹ یہٕ سوٚنچتھ زِ یِنہٕ بہٕ بیٚیتہٕ نَس تژووہس کُنہِ انٛدٕ اوس نہٕ رِتھا ستھا۔ ؤٗل چھ اٰے تہٕ وأے آوازٕ وأنٛج کوٚران۔ اُتھی ستی گوٚو کُنیٛ دژ پھ تہٕ لوٚیکھ کُستام مے کُن گیٚلہِ۔ سُہ اوس ودان ودان ونان......

"پانو کیٛاہ اوسے قسمتس، یہٕ تنہٕ پوٗز اپُز گرِتھ سوٚمبرووُمت اوسے تتھ گےٚ ڈاس، بیٚہنیٛ جاے تہٕ روٗزٕ ے نہٕ"۔ اُتھی منزٕ گوٚو کُنیٛ لورِ دب تہٕ کمی تام وۄن ......"سالا چپ ہوجاؤ......ورنہ!!"

مے رودنہٕ پانس تام تہٕ دِژم بڑ کرٕ بکھ ......"ورنہ کیا کروگے؟"

یہِ لوٚگ ؤٗل ووکرٕ دِنہِ تہٕ تہٕ تہٕ بکنہِ بیٚیتہٕ انسانیت منٛد چھان پھےٚ۔ مے کوٚرُن صحی لتہٕ کرٕ ماتہٕ دژاوونان ونان......"صبح آپکو سبق سکھاؤں گا"۔

شاید اوس نہٕ ؤٗل کانہہ سِپاہ اسہِ نزدیک، تِکیاز ژھوپہٕ اُس پرٕ تھ طرفہٕ۔ اُتھی ستی گیہِ مے لوٚتی کنہٕ پھسرا ے کنن، شاید اوس مے کُن ونان۔ "گوٚبرا ! توہہِ جوانن ناچھنہٕ وُنہِ تہٕ ژۄک تل واتان۔ یِم ہا چھِ رامہٕ ہوٗنیٛ۔ ژےٚ کیٛاہ ضروٗرت پیٛے یِمن ظالمن ستی بتھی لاگےَ کرٕنیٛ۔ ؤٗل گےٚ اسہِ کالہٕ کاجہِ پنداہ وٗری یہِ طوٗفان وُچھان، یہِ ظلم تہٕ قہر سران۔ بیٚیتہِ گس اُکی سُنٛد عزت، عیال تہٕ

مال وجاداد چھُ محفوظ"۔

یہ بوٗزِتھ گوس بہٕ پرا کنہٕ۔ تِکیازِ مےٚ چھُنہٕ پتیٚ ممّن پنہٕ ہن وُہن وٕرِین ہنٛز کانْہہ خبراپیٚچ۔ یوٚ دوٚے کُنہٕ کُنہٕ اوٗسُس تتہِ اخبارن اندر پران تہٕ باقٕے میڈیا ذٕریعہِ زانکاٗری لبان پوٚز تتہِ اوٗسُم تیوٚت آوٕریار زِ مےٚ اُس نہٕ کُنہٕ سَنٛس فُرصتھٕے یِوان۔ وُنہِ اُسِم نہٕ اکھ راتھ تہِ یور آمتِس گمٕژ، یٔیتہِ چھُم پرٛتھ طرفہٕ قہرٕ ے قہر نظرِ گژھان۔ کُنہِ نہٕ انصاف تہٕ نہٕ انسانٕیت۔ خونِ ناحق ارزان ملکُلِ موت یٔیتہِ تھپھ دِتھ نٕنِکلِتھ ژھنان۔ بہٕ اوٗسُس یِمنٕے حاٗری ثاتن پھِیُر دِوان تہٕ ژٕ چھِنہِ طرفہٕ گوم وَدُن کنِن۔ دگہِ سِتی ژھرٗ ٹہٕ ژھرٗ ٹھ کران تہٕ کرٛکہٕ دِوان۔ دپان چھس اُمِس کرِ ہادِل تسلّی مگر کتھ حالس۔ اُچھن چھم پٹ تہٕ زبن گنڈ۔ ووٚنی وٕژھ لتہِ اُہنٛز ارٗے، ساٗری دگ للہٕ وان تہٕ زاٹھی ووٚش ترٛاوان۔

مےٚ اوس وٗل الہٕ پلہٕ اکھ ہفتہٕ گوٚمُت یہِ طوٗفان سران تہٕ ایذا ژالان اُتھی زِندانس منٛز۔ صُبحٕ ے آو ہلکاٗرک ہوٚن ہیوٗ بدمزاج تہٕ بدذات سِپاہ تہٕ دِژن مےٚ لتھ یہ وٕنِتھ......

"چلو صاحب کے پاس، وہ آپ کو بُلاتا ہے۔ مگر ایک بات یاد رکھنا، جو کچھ ہوا، زبان بند رکھنا......ورنہ"!!

یہ لفظ "ورنہ"...... "ورنہ" بوٗزِتھ اُسی میانٛی کنٛن وٕن تھکٕ متہٕ۔ خاٗرمےٚ دوٗپ وُچھو ژھوپہِ منٛز کیاہ نیرِ۔ پوٚز اُندری چھس زہر ژاپان۔ انتقامُک نار چھم

أندری وُہان۔ رزِ تھپھ کرِتھ کوٚ ڈہَس نبر۔ نیران نیران وۄنمگھ...... ''زرا میری پٹی کھولو''۔

''ابھی نہیں''...... یہِ اوس یہُند جواب۔ یِم أسی مےٚ رز کرِتھ پکناوان، یوٚ تام کتھ تام بارکہِ نِشہِ وأتی۔ یِمو مُژ رمےٚ أچھن پٹ، مےٚ ترٛ أوژو پأری نظر۔ قریباً آسہِ صُبحچہِ ساڑ داہ بجے ٹائم تہٕ کوٚرہس آفیسرس برٛونٛہہ کنہِ حأضر۔ یہِ اوس سُے حأکم یُس تمہِ وِزِ مےٚ سوالن پیٹھ سوال اوس کران۔ یام أمی مےٚ کُن نظر ترٛ أوتہٕ کوٚرُن گوڈنیُک سوال...... ''کیا سمجھا''؟

یہِ بوزِ أنِتھ مےٚ أنٛدرِمس زہرِ ہلالہٕ یُس سئدرس کُنی گژھ۔ وُٹھن پیٹھ آم سُہ اسن کھنٛگالہٕ یتھ اندر زہر تہٕ قہرلہٕ اوس۔ حأکمس کھٕژ ڈیکس شرارتہٕ برٛژ درٛژ ہہ۔ یہِ اوسُس حأرأنی تہٕ حسرت یُس آوِلنس اندر یِر۔ أمی آفیسرن ترٛووکلہٕ بوٚن کُن، ہونگنہِ اتھ دِتھ اوس خبر کیاہ سونچان۔ أتھی سٕتی ژوٚلُس بےٚ فُرصتھِے انگریزی پأٹھی نیرِتھ......

''Duty is duty''

یہِ بوٗزِتھ آیہِ مےٚ گژھ تہٕ لوٚگُس یورِ تہٕ انگریزی پأٹھی أمِس لفظِ ''ڈیوٹی'' وبژھناوان۔

''کاش! اتھ تُلنہٕ برٛونٛہہ، زبان کھولنہٕ یا کانٛہہ قدم تُلنہٕ برٛونٛتھ کمہٕ تقاضہٕ چھِ لفظِ ''ڈیوٹی'' کران، تمیُک یییہ ہے خیال تھاونہٕ۔ ناانصأفی ظُلم تہٕ جبر کتھ مذہبی، قانوٗنی تہٕ انسأنی حقوقن ہٕنزِ کتابہِ اندر چھِ جأیز آمٕتی قرار دِنہٕ''۔

"اچھا بُھول جاوٕ یہ سب" ...... ونہٕ نٕسے ہتٕ لوٗگ تمے سوال کرنہٕ۔ کتہٕ چھُکھ روزان؟ کتہٕ پیٹھ آکھ، یور کیٛاہ کأم أسے؟"

بہٕ وۄتھُس درجواب...... "بہٕ چھُس کأشُر، کٔشیرِ ہُنٛد بسکین۔ انجینیرِنگ ڈگری کٔرِتھ کوٚرُم بزنس منیجمینٹس اندر ڈِپلوماتہٕ تیٛأری رودُس مختلف کمپنی ین اندر کأم کران تہٕ أخرس گوس گلفس اندر اصل پاٚٹھی Adjust۔ وُنی کینٛہہ بس چھُس گُویتس اندر أکِس انٹرنیشنل کمپنی اندر بحیثیتِ منیجنگ ڈائریکٹر۔ پنداہہ وٕہری آیاس اوترٕ گرٕ، اکے راتھ گٔذأرِتھ لوٗگُس تہنٛد بن اتھن تل۔ یمن دوٕہن کیٛاہ سپُد مے ہتٕ تتہٕ چھےٚ انسأنیت شرمان۔ ضمیرِ ے چھُم نہٕ اجازت دِوان سُہ قہر باوُنس، یمیُک بہٕ شِکار آس بناونہٕ۔ خأر......"

یہِ بوزان گیہِ أمِس ظأہری طور شاید شرمندٕ گی...... أندرِم حال زانہٕ سُہ پانے۔ أمی کوٚر اشارٕ أکِس سِٹارو ألِس کُن...... "میجر پرمار کو بُلاو"۔

تام آو اکھ رٕکرٕ ہُن کٕتہٕ کال ہیوٗ، تیمِس شانن پیٹھ اکہِ سِٹارٕ علاوٕ اشوکا تہٕ اوس۔ وۄنُن أمِس لوٗتی کیٛاہتام۔ یہِ کالہٕ بتھ میجر پھیوٗر مے کُن تہٕ وۄنُن......

"ڈِلو، پکو مے ہتی"۔

مے ترٕ وونٕ یوٗٹھ ووشاتہٕ دٕراس أمی ہسے پتہٕ پتہٕ۔ ہُہ افسر وۄتھ أمِس......

"آفٹر نون میں ملوں گا"۔

کتھِ تلہٕ باسیام یوٗت یوٗت میجر پرمار بُتھِ سیاہ چھ تیوٗت باسیام منہٕ پوٚ زتہٕ

صاف گو۔ پکان پکان کرِ اسہٕ واریاہ کتھ پانہٕ وأنی۔ أمی سُند طرزِ کلام تہٕ وۄہار وُچھِتھ گوس حأران۔ أتی سوچُم ...... "یہ ہیکہِ مکارتہٕ أستھ"۔

"چلو میرے کمرے میں"۔ یام أمی ہٕندِس کمرس منز ژاس تام وأژ چاے کیاہ ہٕ جوٗس۔ یۄ دوَے مے بوچھِ ہٕتی وأنج أس ژھینان، پۄز مے کوٗر میجرس کینٛہہ کھنبس اِنکار، یہ وٕنتھ زِ بہٕ آس تہٕ کھیاونہٕ ییمہِ ہٕتی مے مأہلے موٗش۔

میجر گوٚو پریشان تہٕ لۄگ مے کینٛہہ کھبنہٕ خاطرٕ مجبوٗر کرنہٕ۔ بہٕ روٗدس خبر کیاہ زِ بھِد۔ صِرف کوٚرمس اِلتجا تتھ جایہِ واتناونہٕ خاطرٕ ییٚتہٕ أکِس ہفتس مُصیبتس اندر اوسُس۔ یہ وۄتھ اور بڈٕ نرمی سان...... "Please forget that"

بہٕ کوٚت ماننہٕ ہا۔ أمی کوٚر سیٖہن آلو...... "چلو آگے آگے"۔ وٕں آسہٕ مے أچھ یلہٕ مگر وُچھان أسم زن پھٹرٕ أوِتھ۔ یمو ہوو ہم اِشارٕ......

"اکھ ٹینہٕ شڈ، فرش سیمٹک، ییٚتہٕ زِ ژور نفر کملن تل أسی، أمے تہٕ وأمے کران تہٕ دَگ لٕلہٕ وان۔ مے یام یمن کُن ہیوٚت گوٚوھن، تام آس رُکاونہٕ یہِ وٕنتھ ...... "اجازت نہیں ہے"۔ بہٕ وۄتھس میجرس کُن......

"میجر صاحب، شاید اوسُس بہٕ ییٚتہٕ نَس ستن دوہن أچھن پٹ تہٕ نربن گنڈ کٕرِتھ۔ کیاہ قصوٗر اوس میوٗن۔ اکہِ ہفتہٕ پتہٕ وُچھ مے دُنی یِہک گاش۔ میانہِ خاطرٕ چھُ بہتر ووٚنی توٚمن مصیبت زدن ہٕتی ییٚتی روزُن۔ میجرس ژوٚل اُسن نیرِتھ تہٕ وۄنُن...... "أزی آسکھ گرِ پٔنہٕ"۔

بہٕ گوس حأران یہ بوٗزِتھ، پۄز انتقامُک نار چھُم أندری وُہان۔ بہٕ وۄتھس

یوڑ...... ''اگر تہٕ یۆت مہربان چھِو، تیلہِ وُچھہکھ نۆمہٕ دگ للہٕ ون وٲلی

اُچھوٗ''۔

اُمی ہووُ اِشارٕ تہٕ مےٚ تُج اَکِس بُتھِ پٹھٕ کمل۔ سوٗرے رتہٕ پھُٹ مگر زانن

ما!!۔ اُمی تژ آوے مےٚ کُن نظراہ تہٕ اۆشس لُجس کُنی دار۔ یام دۆیمس مےٚ وُرن

تل، یہِ باسیام زن بےٚ خود۔ مےٚ دِژ اُمس زپر۔ مےٚ ژٔج کھور وتلہٕ زمین،

ییلہِ مےٚ نظام صائبس کُن نظر پییہِ۔ یہِ اوٚر وِدان تہٕ بہ یوٚر۔ بہ نمیاس تہٕ لۆگس

اُمس ڈیکس میۆٹھ کٔرتھ دِلاسہٕ دِنہِ۔ میجر آو تہٕ لۆگ مےٚ پھکِیس مٹہِ مٹہِ

دِوان ونہِ......

''چلو صاحب سے ملنے کا وقت ہو گیا''۔

مےٚ وۆن ودان ودان میجرس...... ''صاحب! یہِ چھِ میون ٹوٹھ ووستاد۔

اُمی ہٕندے برکتہٕ گوٚو مےٚ یہِ مقام حاصل!!''۔

نظام صائب وۆتھُم...... ''گوٚ براسوٗرے مکان کیاہ جاید اد گوٚو مارٹر شلو ستی

سوٗری''۔ یہِ بوٗزِتھ نِیوٚہس درٕ دِتھ تہٕ وۆتھا کھ جواناہ...... ''اس حرام نمک کے

گھر میں اُگروادی چھپے تھے''۔

- جبرن کوٚڈ ہس تہٕ واتنو ہس صحبس نشہِ۔ یہِ لۆگ مےٚ تسلی دِنہِ یہِ ؤنتھ

''اسہِ کیاہ پتاہ چھِ زِکَس کیاہ ہیکہِ اَستھ۔ توٚ کٔنی چھِ اَسی شرمندٕ''۔

پہٕ ونہٕ ہا یوٚرِ مےٚ کیاہ خطا اوس کوٚر مُت، یتھ مےٚ یہِ معاوضہٕ توٚر، مگر کتھےٚ

کھیم......

خارٕ اُٹھمِہ دوہہٕ ووُتس دوپہرٕ پتےٚ گرٕ۔ تتہٕ اوس شادِیانہٕ تمہِ وِزِ۔ مےٚ
پُرٛژھ یمن یہِ خوٗشی کتھ پٮ۪ٹھ...... یامےٚ آیہِ یمن دوہن رنگہٕ رنگہٕ اپز اتہٕ سختی
واتناونہٕ"۔

اورٕ ووٗتھُم اکھ بُزرگاہ گرُک......"شُکر کرٕ زِندٕ آکھ واپس، ییٚتہٕ گےٚ ساسہٕ واد
خانہٕ مائلی جوان تہٕ بُزرگ یم ییٚتہِ نیگھ تہٕ تورٕ آے نہٕ واپسے پتہٕ۔ مےٚ گرٕن
سائرِسے پانس کُنی تھاریٮ۪لہِ یہِ حال بوزان چھس۔ موچھِ وچھم تہٕ ژوٗلس۔ اِدٕ
تنہٕ چھس ووٗرٕ ووٗرٕ وتھان۔ مےٚ کتہِ مشن تم ترٛاگ تہٕ داغ۔ تنہٕ رودُس
واوس تہٕ کاوس نظرِ پوٚز..........!!



# خٲجِل زدی

مَتہِ ربتہٕ کالُک گرٛشمہٕ ژٔنجہِ آوُٹمُت دُوپہر چھُم وُنہِ أچھنٕے تل ییٚلہِ تٲمی گاڑی کٔڈ تہٕ دژاو کتھ تام جایہِ گژھنہٕ باپتھ۔ مےٚ پیٚٹھ پیٚیَس نظر تہٕ اشارٕ کوٚر نم گاڑِ کھسنُگ۔ دأرگیہِ یٔلہٕ تہٕ بہٕ گوس سوار۔ گاڈی لٔج پننِس مقامس کُن دَونہِ، مےٚ أس نہٕ توٚتأنی خبر اَسہِ کوٚت چھُ گژھن۔ گاڈی ٹھٔہر اوِتھ کوٚرُن مےٚ اشارٕ بون وَسنہٕ باپتھ۔ یہِ دژاو برٛونٛہہ برٛونٛہہ تہٕ بہٕ اوُسس أمِس پتہٕ پتہٕ پکان۔ ییٚلہِ باغہٕ منٛزٕ نیرِتھ جھیلہٕ بٹھِس کُن ہیوٚت نیرُن تہٕ ہیرِ وٕستھ دژا ے تھ بونہِ تل شیٚہجار کرنہِ، یتھ گوڈس تل پچھِمن ہُنٛد چبوٗترٕ اوس تہٕ سیٚدِ سیوٚ دأس سأرِسے جھیلس پیٚٹھ نظر پیوان۔ واہٕ رِنگہٕ آسہٕ آبہٕ ملرَ وٕستی دوتھان تہٕ گرٛشمہٕ آوِڈ متمن وجوٗدن آسہِ وِیوٗرپچ دعوت دِوان۔ بونہِ گوڈس نِشہِ واتأنی گوٚو سُہ ہنگہٕ منگہٕ رُکتھ گلس پھش پھش دِوان۔ وٗنُن مےٚ کُن......

''چھکھ ساوٗ چھان۔ یہِ ہَسا گوٗ وتاوَن !!''۔

مےٚ کٔر اوٚر یور نظراہ تہٕ اَتھ چھوٚترس پیٹھ اَسی زٕ جوان مس ہٕند رِ کھٕر وکھ کڈان۔ اکھ اوس بیٚیہِ ہٕسٕز زنگہٕ شانٛد دِتھ۔ تس اوس زِیوٚٹھ ہِگار اوٗ ننگجن منٛز دزان تہٕ سۄراوس سےٚ منٛز اتھس پیٹھ پھوان۔ مگر سُہ مَس ہٕند رِ منٛز...... مےٚ وۄن......

''پکھ حض، اسہِ کیاہ اتھ منٛز سۄنُن، کُس کیاہ کرِ''!!

میون ییٚتےٚ وَنُن تہٕ اَمی کٔرٕ ژَ کھِ سان مےٚ گُن نظراہ......

''ژےٚ چھےٚ نا خبر یہِ لۄڑکہٕ کہُند چھُ''؟۔مےٚ کیاہ چھےٚ خبر۔مےٚ کوٚر کلہٕ ہٕتی نکار......اوٚر وۄتھُم......

''ژےٚ مایتھ دِہس کینٛہہ مُشک یِوان''۔مےٚ کوٚر آنٛکار تہٕ وۄنمس ......''اسہِ کیاہ حض کُس کیاہ کرِ''۔مےٚ کوٚر یہِ مجبوٗرنا وِ وَسنس۔مگر شرارتہٕ ہٕتی چھُنہٕ وٕں اَمِس پکنٕے تگان۔ اَتھی منٛز دِ ژٕم ناوِ وٲلِس کرٕ بکھ......ناو بال رٹنہٕ باپتھ۔ناو آیہِ بال تہٕ وٕتھی اَسی دۄشوٕے ناوِ منٛز تہٕ لگی کھلہٕ وٕتھرن تہٕ پمپوشن ہِگنٛدنہٕ۔ صاف تہٕ شفاف آبس نظارٕ ٹلنہٕ۔ پوٗرٕ جھیلُک سٲل کٔرِتھ وۄن ہانٛزس......

''رٹھ سائٕنی ناو بال''۔ اَسی کھٔتی بٔٹھس پیٹھ تہٕ اَمی کوٚر بیٚیہِ اِرادٕ بوٗنہٕ گوڈس تل تھکھ کڈنک۔ نزدیک وٲتتھ وُچھ سےٚ جوان تَمی آیہِ خوفتہٕ تہٕ دۄیم جوان اوس ژۄلُمت۔یہِ لوٗگ اَکھمہٕ ژاپنہٕ۔یوٗ دوٕےمےٚ کرے

کنہٕ ڈول دِنٕچ کوٗشش مگر کتھ حالس ۔ مےٚ گٔن ووٗنُن بیٚیہٕ......

''گوٚ ویہ زانہٕ ہن نہٕ ژٕ ؟''

''نہ بِلکل نہٕ'' ......یہِ اوس یورٕ میٚون جواب۔

یہٕ گوٚ وشریف صاٗبُن فرزندِ ارجمند یُس شہرٕ کالجہِ چھُ پران۔ یہِ بوٗ زِتھ لٔج مےٚ سائرِ ہیے پانس ہٕسَر......

''شریف صاٗب لوٗکن دِوان دائے مگر پانس وُنیمژٕ'' ۔

أمی کوٚڈ چنٛدٕ منٛزٕ موبایل تہٕ کوٚرُن شریف صاٗبس فون تہٕ ووٗننس...... ''مےٚ ھٔس گٔیہِ گاڈی خراب۔ یہِ ما اَتہٕ بیٹہٕ بیکہِ پٔٹھ ییہ ہے تہٕ اتھ دِیہِ ہے نظر، تِکیاز سُہ چھُ اتھ منٛز ماہٕر'' ۔

اورُک جواب بوٗ زِتھ گوٚ ویہِ روبوٗ دِ زَن...... ''کیاہ ھٔس ووٗنُن'' ۔

مےٚ پُرٕ ژُھس۔ سُہ ہسا چھُ ونان ...... ''سُہ چھُ کالج گوٚمُت، سُہ چھُ تورٕ سبٛٹھاہ ژیٛری یِوان'' ۔ ''اتھ کیاہ وَنو؟'' ...... أمی کوٚر سونٛچا......شامہٕ ژھیٚمبرٕ آسہٕ رٔلنس تیارتہٕ کوٚرُن پارکہِ ہٕنٛدِس باغوانس آلو......

''تلا گوٚبرٕ یوٗرِ یِتہٕ۔ اسہِ کرتہٕ یہِ گاڈِ تأنی واتناونس مدد'' ۔ باغوان ووٗتھس اورٕ......

''ژےٚ چھےَ نہٕ ھٔس بیٚیہِ کانٛہہ کأما۔ یمہٕ ھٔس چھِ کینٛہہ لٔڑکہٕ دوہےَ یوٚت یِتھ خبر کیاہ بلاے چھوان تہٕ پتہٕ چھِ خرن ہٕنٛدی پأٹھی پھوان۔ أسی تہِ چھِنہٕ وُٗں یمن رٕکھیں ونان یہ زأنِتھ خبر مأرِتھ ماژٕھنن۔ شامہٕ پتہٕ چھُ یمن شبنم نشہٕ

وألتھ ہُشیار کران تہٕ چھِ نیران پار کہِ منزٕ شوز دھوی ۔ متہٕ ھض سُنٛ تو اَتھ "۔

باغوان سُند یہِ جواب بوٗزِتھ گوٚو سہ ہے بنگہٕ تہٕ دوٗ پنٛس "یہِ ہا چھم جگرا باتھر "۔ "نہ ھض تٔرٛھ چھنہٕ کتھے "...... باغوانن ژٹ یہِ وٗنتھ کتھ ...... مگر سائیٔ ونہٕ نن کوٚر یہِ مجبوٗر تہٕ ژُل اوشلہِ کوشلہِ تہٕ بوٚر گاڑِ اندر ۔ یہِ اوس اورٕ بےٚ خودی منزٕ ونان "مےٚ کوٚت چھوٗ نوان"۔ اَسی دوشوے روٗدی ژھو پہ گرِتھ ۔ گرٕ نزدیک واتانٛی آو اَمس کم زیادٕ ہوش ۔ یام نظر پییَس اسلم صأبس پٔتھ تہٕ لوٚگ برٛژھنہِ ۔ اسلم صأبن کوٚر نہٕ بلکُل اَمس کُن غور تہٕ روٗد گاڑی چلاوان ۔ بہٕ ووٗتس گرٕ نزدیک تہٕ وٗنم اسلم صأبس ...... "مےٚ ترٛاوھض "۔

"کوٚت ، یہِ لاش واتناوون گوڈٕ گھاٹ تہٕ پتہٕ وُچھو "۔ شریف صأبنٛی فرزندن ژھنٛی مےٚ یہِ بوٗزِتھ کھورن تھپھ تہٕ وَدٕ ونہِ چانٹہِ لوٚگ عاجزی کرنہِ ...... "مےٚ ترٛاوی تو ھض پیٚتی ، بہٕ گژھ ہا پانے گرٕ "۔ مگر اسلم صأب کتھ مانہِ ہیس ۔ اسلم صأب ووت شریف صأبنس گیٹس پٔٹھ تہٕ آواز دِنہٕ ہے ستی دڑاو شرایٔف صأبُن دوٚیم فرزنداورٕ تہٕ وٗنُن ...... "انکل اَژِو ھض "۔

اسلم صأبن وٗننس "اگر شریف صأب گرِ آسہِ تیلہِ اَژِو "۔ "اہن ھض گری چھ ۔ سہ ھض چھ نماز پران تہی اَژِو "۔ اَتھی ستی دڑاو اَندرٕ شریف صأب ...... "کیاہ دٔلیل اَس گاڈِ "۔

"رِکہیں نہٕ ھض ، کنکشن اکھ اوس لوٗز گوٚمُت تہٕ قُدرتی اوس بیٹہٕ صأب تیأری تہٕ اَمی کوٚر نس کیاہتام "۔ اسلم صأبن وٗنُس یورٕ ۔

''اژھ ھض اسلم صاب۔ اِدِ ژ کونہٕ اندر اژان''۔

''نہٕ ھض مےٚ چھاوہ پرأز کینٛہہ'' ...... شریف صأبن کوٚر مجبوٗر اسلم صاب تہٕ ژوٗنُن زورٕ اندر۔ مےٚ ہیٚژ اونیرُن، پوٚز اسلم صأبن دوٚپنَم ......

''کوٚت۔ یِیٚتہٕ نیرِتھ تر اوتھ بہٕ گرِ''۔

مےٚ لوٚگ نہٕ کانٛہہ چارٕ تہٕ ژاس شریف صأبُن گرٕ۔ پتھر بیہأنی وأژ چاے مگر کُس زہر چیٚمہٕ ہو۔ مےٚ آسہٕ رایہِ گژھان۔ اسلم صأبن کوٚر شریف صأبنس دوٗیمس نیٚچوٗس اِشارٕ نبر نیرنہٕ باپتھ تہٕ لگٕی یمہٕ دوٚشوے گنہٕ پھِسرا ے کرنہِ۔ تہٕ منٛزی ہوونُس مےٚ کُن اشارٕ زِ اَمس تہِ پرٕژھ تہٕ۔

مےٚ ترٛاو شریف صأبنس ڈیکس کُن نظرِ۔ تمِس اوس گمہٕ سرٛان گوٚمُت تہٕ پننی اتھٕ اوس ژاپان۔ شرمندگی ہنٛدی آثار أسی ٹاکارٕ۔ پوٚز وَنہِ ہے کیاہ۔ تمی کٕر کرٕ یکھ پننس دوٗیمس نیٚچوِس تہٕ ووٚننس ...... ''رَب لُزوٗم، کانٛسہِ بُتھ دِیُن لایق تھوٚوس نہٕ۔ بوز بأے ہنٛدی کارنامہٕ۔ یورٕ گژھان کالج تہٕ تتہِ آسان دربہٕ دَر'' ......

— —

شریف صأبنی خاندارِنی أس برس تل کن دِتھ یمہٕ کتھٕ بوزان۔

''لیکن ہُنٛد وَنُن گژھِ نہٕ بوزُن۔ مےٚ گوٚو واریاہ کال بٔہ صأبس پریشان تہٕ پراکندٕ حالس منٛز وُچھان۔ گراوُٹھ تہٕ گرامژھٕ آسان ژاپان۔ ہمسایِن چھُم نہٕ خوش یِوان یہِ چھُہَم بچور تعویز وتہٕ جادوٗ ستی اَوِ ٹھ تھووُمت۔ لُکہٕ کتھن متہٕ کرتہٕ پرٕژھ''۔

یہِ اُس شریف صاۂنِز خانداریِنی برس پپٹھ روٗزِتھ خاندارس کُن وَنان۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚو اسلم صاۂب پننہِ جایہِ شرمندٕ تہٕ لِکس کُنڈی زن تہٕ نیرنہٕ خاطرٕ لوٚگ سکھر کرنہِ۔

شریف صاۂبس توٚر فِکرِ زِ اسلم صاۂبس گوٚو اَنٛدری، توٚے چھ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ کران۔ اَتھۍ منٛز ژٹ کتھ لوٗکٹ ہوٚی نیچوٚی تہٕ لوٚگ ماۂلس وَننہِ......

"ڈیڈی مےٚ وُچھ ورایاہ پھِرِ، ییلہِ تہٕ اَمس پنٛنۍ یار دوس سمکھنہِ اَسی یوان تہٕ اَسِس پانس ستۍ کڈِتھ خبر کوٗت نوان۔ توٚرٕ تہٕ نااوس نہٕ یہِ پتنین جامن منٛز آسان"۔

مےٚ پُرٕژھ تہٕ اَمس واریاہ پھِرِ، توٚرٕ اوٚسُم جواب وَنان......

"ژےٚ کیاہ مےٚ ستۍ، گژھ پانس کرحبس"۔ بوٗبس تہٕ وَنیام گرِ گرِ "باۂے جانس ہےَ چھِ خراب کمپنی لگمژٕ" تہٕ سواۂسم اور پھِرِتھ پھِرن ژھنان۔ ڈیڈی ژےٚ چھُیا یاد ییلہِ باۂے جانس گرٕ ینٛس ژیر گوٚو تہٕ بہٕ سوٗزھس محمد اشرفس نِشہِ معلوٗم کرنہِ زِ سُہ اوسا کالج۔ تمۍ سُند جواب چھُیا یادٕ یےٚ ییلہِ تمۍ ووٚن......"مےٚ چھُنہٕ زاننہ سُہ کالجہِ نظرِ گوٚمُت۔ نہٕ چھُم خبر سُہ کیاہ چھُ کران تہٕ کتہِ چھُ آسان"۔

یہِ داۂدی کانٛگر بوٗزِتھ چھُس بہٕ اسلم صاۂبس اَتھوٚ تہٕ کھوٚرو نیرنہٕ خاطرٕ ہاوان۔ اَنٛدری چھُس سوٗنچان وقتہٕ کوٚزولانو کیاہ ہیچھناوِی اَزِکۍ معصوٗم دوٚدٕ ہبٕڈر۔ اَسۍ اَسۍ دُنہِ تھوٚدو تھنۍ نیرنہٕ باپتھ، نیبرٕ گیہِ خشمہٕ ہٕش کرٕ بکھ......

''کانْہہ ڈٲلی زبوٗنہٕ پٔننہٕ پٔننہٕ جایہِ''۔

أسی چھِ اکھأ کِس کُن وُچھان تہٕ آنن فانن منٛز گےٚ نفرتارٕ نقاب دِتھ تہٕ اکھ سِتارٕ وول وردی پوش کمرس منٛز أژِتھ۔ اکھ سِتارٕ وول لوٗگ بڑٕ ہٹہٕ شریف صأبس پرٛژھنہِ...... ''نثار احمد عُرف بٹہٕ چھا تُہنٛد ے فرزند''۔ شریف صأبن کوٗرُس آنٛکار۔ ''سُہ گرِ یوٗن حأضر پھٹا پھٹ''...... نقاب پوش پُلسہٕ وول وۄتھ......

شریف صأبنہِ خاندارنہِ وۄن...... ''سُہ نہٕ حٲض آو نہٕ وُنہِ''۔ پُلسہٕ افسر وۄتھ اسہِ کُن...... ''تُہنٛد تعارُف''۔

اسہِ وۄن یک زبان...... ''ہمسایہِ شریف صأبنۍ''۔

اوٕر وۄتھ...... ''یوٗت ژٕری کیاہ توٚہہِ یِتہِ کأم''۔

''ہمسایہِ گری تہٕ سُلہِ ژٕریس چھُننہٕ کانْہہ واتھ صحب جی''...... یہ اوس سون جواب۔ یِہ بوٗزِتھ دِژ کنہٕ تیٚہِجہٕ أمِس اکھ سِتاروألِس۔ یِہ ماوٕنہِ ہے اورٕ کینْہہ تیز۔ مےٚ ترٛوو چنٛدس اَتھہ تہٕ کوٚڈُم ''I.Card''۔ یام أمۍ وُچھ یہِ گوٚو الرٹ۔ یہِ وۄتھس یوٗرے

''تُہۍ کرِو پٔنُن فرض پوٗرٕ''۔

أتھی دوران اوس بٹہٕ ماجہٕ خبر کتہِ ژھایہ ہوٕل تھوومُت۔ پُلسہٕ پارٹی لٔج وۄنۍ نرمی ہش یِنہِ۔ مگر مےٚ دیُت یمن اِشارٕ یِنہِ...... ''تُہۍ کرِو کُنہِ رُکاوٹہٕ بغأرٕ پٔننۍ ڈیوٹی پوٗرٕ۔ توٚہہِ کیاہ چھُ کرُن تہٕ کرِو''۔ یمن گوٚو پٔننہِ جایہِ حوصلہِ ہیوٗ تہٕ لٔگ

وَنہٕ نہٕ......

''اسہِ حض چھے ثنارنس کمرس تلاشی کرٕنی یوٚ تام سہٕ پیہٕ''۔ أسی تہٕ کھاۓ لِکھ ہیوٚر پانس ستی۔ تمام چیزن دِژ کھاتہٕ دوشہٕ تہٕ بڈ، ڈژایرمنٛز دژاو اکھ لفافہٕ تہٕ ڈبہٕ تہٕ ہوٚ کھ اسہِ گُن۔ لفافہٕ منٛز روٗ کھ تتھ منٛز خبر کیاہ پھکبھ ہش۔ یہٕ وُچھتھے ہیرٕ پُلسہٕ افسرن گوٚشہٕ وُٹھنہٕ۔

''اچھا یہ بات ہے''

''Very Good''...... تام کھوٚلکھ ڈبہٕ، تمہِ منٛز دژاو لاکیٹ تہٕ ہارتہٕ پُلسہٕ افسرن ووٗن پننہٕن ساتھین مٹہِ مٹہِ دِوان......

''یہی وہ ہار اور لاکٹ ہے۔ جو موٹر سائیکل سوار نے بائی پاس پر اُس بیچاری سے زبردستی چھینا تھا''۔

أسی گیہِ پریشان تہٕ ووٗن یمن......

''اسہِ گوٚ وژیر، أسی نیرَو''۔ اورٕ اوس تنٛد لبھس منٛز جواب...... ''کہاں، پہلے فردِ ضبطی پر دستخط، پھر دیکھیں گے''۔ أخرس پیٹھ ووٗنکھ......

''پگاہ أٹھِ بجہِ صُبحس گرٕی زِ یوٚ تھانس پیٹھ رِپورٹ''۔ فردِ ضبطی ہیتکھ دستخط کرِتھ، تہٕ دژاے گیہٕ۔ نیران نیران ووٗن مے اسلم صأبس......

''حُسنِ غمخوار نےٚ لاگیہٕ ہکھ، أسی کتہِ لگہٕ ہَو یتھ تانس۔ وٕں گوٚ ژھ نہٕ عدالتہٕ وانن آسُن پھیرُن۔ سوچھے سانہِ باپتھ بڈٕ خجل زٕدی''۔

☆☆

# أندری ژوٗر

سوٗ آیہٕ شرارتہٕ ہٕژتہٕ ژٲیہ لایبریری منز۔ میزس پٮ۪ٹھ دِژن کتابہٕ دأرِتھ تہٕ أس أکھمہٕ ژٲپان۔ میزس پٮ۪ٹھ کھوٗنہٕ وٕٹھ ڈٕکھر أوِتھ دِتُن بُتھس اتھ۔ أمس کھوٗت تمہٕ وِزِزیا دٔے رتہٕ بُتھ ییٚلہٕ کٔن گوس......

"May I Come In"

یورٕ وٗژھ درجواب......

"Non Sence۔ یہاں بھی!!...... کمینہٕ...... ژٕلو میانوٕ أچھو دوٗر"۔

"Sorry، غلطی معاف...... مےٚ کیاہ خطا کوٗر...... سیٚوٗ دوٗنُم"

"آ...... ژےٚ سیٚوٗ دوٗنتھ...... تُہی لٔڑکہٕ چھوٕ جنگلی ڈٕرِندن تہٕ سرٕس"

یہِ وٕنِتھ یورٕ ٹسنہٕ آیہٕ

"Mention Not"...... یہٕ آس وٕںُ تُہندِس عدالتس بڑ ونٕتھٕ کنہٕ...... پانےٚ ننہٕ...... مےٚ...... مےٚ کیاہ کوٗرتیٚوٗت"۔

''دفع ذَلتھ...... ییٚہِ ونان مےٚ کیٛاہ کوٚر...... بے شرم...... شیطان کہیں کا!!...... شرافتٕک ناجائیز فائید چھوٗتُلان''۔

أتھی وٕنس ہِتی تِجہِ اَمہِ کتابہٕ شرارتہٕ ہٕژی تہٕ لاین پٔتھرِس پیٹھ۔ لائبریری اسِسٹنٹ گوٚ ویہِ وُچھتھ ہےٚ وُلاتہٕ لوٚگ نعیمس ونہٕ نہٕ......

''بہن جی...... کیٛاہ دلیل؟...... تُہی کیٛا زِ ییٚتِز وولیٛائِمٕتۍ...... مےٚ چُھنہٕ توہہِ نِش یہِ توٚقعٕے...... یِہ بہٕ از گوڈنچہِ پھِرِ وُچھان چُھس''۔

یوٗرِ یام نعیمن جواب ہیٚژ اوو وَنُن تام ژاواوٕرِ نذیر۔ سُہ لوٚگ اسان اسان وَننہِ......

''از کیٛاہ کتابہٕ پٔتھرِس پیٹھ چھکرأوِتھ۔ پرٕن والیٚن ماچھ ووٗنی پرٕنٕک تسلی گوٚمُت''...... نذیرُن یِتےٚ وَنُن تہٕ یوٗرٕ وٕژھ نعیمہٕ......

''شَٹ اَپ ڈیمپ فوٗل''

نعیمُن بُتھ اوس شرارتہٕ ہوٚت تہٕ أچھ آسہٕ نارٕ ژأنگی ہِشہِ۔ نذیرن ژٕرُژتہٕ یکدم ووٗتھ نعیمس کُن......

''Sorry''

''لفظِ Sorry تھاوِ گرٕ، تتہٕ تیٚہی درکار''

أتھی وٕنس ہِتی دژایہِ دزان دزان ہوسٹلس کُن...... یام پننِس کمرس نِشہِ واٚتہٕ ژتہٕ ہیوٚتُن دروازس ٹھٕک ٹھٕک دِیُن۔ اوٕرِ دژا ایس روٗم میٹ تبسُم۔ تس اوس أتھس کِبتھ نوٹ بُک۔ تِتھےٚ تمہِ نعیم نِس بُتھِس کُن نظر تٕرأو، تس تورِ فکرِ

ازتہِ چھُن خبر کیٚاہ فِتنہٕ زوٗ رمُت ۔ تہٕ ژھ نعیٖمس گُن......

"خاٗرے چھا...... ژےٚ ہےٚ چھی ازتہِ رتہٕ بتھ کھوٚتمت ۔ کیٚاہ دٔلیٖل ؟"

"تبسُم مےٚ ترٛاو گوڈٕ جاے......"

"اِدٕ اَژان کونہٕ چھکھ !! دروازٕ ترٛووناٚ"

یِمو دیُت دروازٕ تہٕ ورَنڈاہ پیٚٹھی دژ اونذیٖر گوبان گوبان:

گوٚو عشق پامال حُسنُن پان کھوٚٹ پردن اندر

دروازٕ یلہٕ سُے ترٛاوِنا روٗخسار اسہِ گُن ہاوِنا

نعیٖم تہٕ تبسُم لجہِ پانہٕ وأنی کتھ کرنہِ ۔ تبسُم اُس نوٹ بُک نعیٖمس نِشہِ ژوٗرٕ تھاوٕنچ کوٗشش کران ۔ گرا اورٕ چ تہٕ گرا یورٕ چ کتھ تُلِتھ نعیٖمُن توجہ اورٕ یور پھِران ۔ نعیٖمس گوٚو شک تہٕ لٔج بڈٕ ناراضگی ہندِس اندازس مژٕ وننہِ......

"مےٚ...... مےٚ پیٚٹھ کُس اکھاہ چھُ پژھ کران ۔ بےٚ پژھی ہندی عالمن ہِنٛزِ تِس کالس یتھ دِشایہِ واتنأونس ۔ تمہٕ تہِ اُسی دوہ یلہِ میانٮ۪ن ژھاین تہٕ گرٛاین اُس وُچھان آسان ۔ از میانہِ نےٚ ژھاین لتہٕ موٚنڈ گُرِتھ مےٚ آنٛچ ہوران ۔ از مےٚ نِش تبسُم تہِ پٔنٕنی راز ژوٗرٕ تھاوان" ۔ اُتھی ستی ترٛاوٕن گرِ گُن نظر......

"اوہ...... ژٕ بجیہِ، مےٚ ووت Period...... بہتر چھُ گوڈٕ کلاس Attend کرُن" ۔

یِی ونان دژ ایہِ کِمسٹری بُلا کہٕ کنہِ...... اُمس لٔج ہیرِ یون گُنی دِنٕن یلہِ

نیرِ وُنے ٹھونکر لگِتھ وُکراونہٕ آیہِ ...... تہٕ پَتۍ کَنۍ گَیس آواز کَن

"Sorry......Mention Not"

یہ اُس نذیر نۍ آواز یُس اُمس ہنا پتھے پھن پکان اوس۔ یام نعیمس اُمس کُن نظر پیٚیہِ ...... تس ؤُژھ زن تمبُر ...... بُرژ کھنڈ گرِھتھ شیٚہلو وُ نعیمن دَم ہیوٚ تہٕ وُٹھن پٹھ اُس کم کاسہٕ اسن تڑ اے ہش۔ نذیرآس ہنا نزدیک پھن تہٕ ہیرِ بون گرنس نظراہ تہٕ دڑ او پانس ...... پوٚز نیران نیران اوس پانسے ستۍ نعیمس بوزِ وُن ونان......

"اکہِ تنہٕ ...... دوٚیہِ تنہٕ، اُخر ژے لگُن چھے"

یہ بوٚزِتھ گیہ نعیمہٕ ناروِنار...... پوٚت پھیرِتھ اُجس وَننہٕ......

"چانٛۍ خوش قسمتی ...... اُزی اُسہٕ مے نرم سبنڈل لاگنۍ...... نتہٕ انہٕ ہے دوٚیہِ وِے چانٛٹو مغز ہوشہِ"۔

"Sorry----- Please Excuse me" ۔ یی ونان ونان دڑ او نذیر تیز تیز قدم تڑ اوان۔

کلاسس منز اژِ وُنے ...... یام اُمس وبسن ہنزِ نظر پیٚیہ خبر یہ کیانٛزِ وو شلیہِ زن۔ اکھ قریبی وبس ؤُژھس ...... "نعیمس چھ از موٗڈ آف۔ خبر تھس کیانٛزِ چھس وو شلُن ہیوٚ پھیوٚ رمُت۔ نتہٕ ماچھ کانٛسہِ شیمتھ اُسہٕ یُس بُتھ پیٚے"۔

پیٚتین سوالن اوس یورِ نعیمن کُنۍ جواب...... "طبیعت ٹھیک نہیں"۔

یورِ کوٚ روبسو یکہِ وٚٹہٕ یہِ جواب بوٚزِتھ اسنا۔ کتھ مازیٹھِ ہے...... یورِ ژایہِ

مِس دُلاری لیکچر دِنہٕ۔ کلاسس منٛز گیہِ یکدم ژھوپہٕ۔

وٕنی اوس لیکچرٕ تہٕ چلان تہٕ نعیمہ تہٕ اُس پننس حالس منٛز پر۔ گراوُسس بُتھس شرارت آوٕ ٹان تہٕ گاہے وُٹھن پٹھ پھولہٕ وِنہٕ اسن تٔر ایہِ ژھالہٕ ماران باسان۔ کینٛہہ لڑکی آسنہٕ غورٕ سان لیکچر Attend کران، بلکہِ آسہٕ نعیم نِس موٗڈس سٕنتھ اُمی ہٕنزن حرکژن ژرژان۔ گرِ کھوتہٕ گرِ اوس نعیم نِس بُتھس رنٛگ بدلُن یمن رِکژ حأران کُن...... تِکیازِ یہِ چھےٚ یونیورسٹی منٛز وأحد اکھ لڑکی یوسہٕ لڑکن ہٕتی لڑِتھ چھےٚ کھوان...... ستن یارٕ بلن واتنأوِتھ تہٕ اُسکھ ترٛیشہِ روٗستے انان۔ توٚے اوس لڑکن تہِ نعیمن اہرٕ یہِتھ۔

ساڑٕ ترٛےٚ بجیہِ...... کلاس موکلیاو۔ سارے لڑکی دڑ ایہِ اسان اسان تہٕ کھِکھرٕ ماران۔ نعیمس اوس سورُے اوٗندٕ پوٚکھ زن کھینٛہِ یوان تہٕ یمن ہٕتی باجبن ہُند اُسن اوُسس دون اُچھن کھران۔ یہِ اُس اندٕرِ رِکنی سوٗنچان بہٕ رِکتھ پأٹھی ہمہٕ اُمِس لوفرس بدلہٕ۔ تیمی اُمِس اُزٕ یُک دوہ نستہِ رِکنی کوٚڈ۔

کینٛژٕ وکوربوٚ کوٚر موڈ کنٹینس کُن تہٕ کینٛہہ دڑ ایہِ پانس پانس۔ نعیمہٕ تہِ دڑ ایہِ ہوسٹلس کُن۔ ہوسٹل رِکس لانس منٛز واتنٔی باسیاو اُمِس پان زنتہٕ ژھینٛتھ پیوٚ مُت تہٕ ہٕتھ لانسے منٛز آرام کُرسی پیٹھ تہٕ ژٕج پانسے ہٕتی کتھٕ کرنہِ۔

" ازٕ ہاوس، یہِ کس ہٕتی چھُ شرُل کران۔ فکرِ تارِس"۔ ہٕتی پانسے ہٕتی ونان...... "نہٕ قطعن نہٕ...... بہٕ ونس نہٕ بلکل رِکھنی...... تِمس نِشہِ تہِ آسہِ کانٛہہ معقوٗل جوأزِیت۔ تیمی سُہ مےٚ ہٕتی بُتھی لاگےٚ کرنس مجبوٗر آسہِ کوٚر مُت......

اگر سمکھُم ...... بہٕ ...... بہٕ وَنس ...... کِنہٕ تابے کرٕ ...... نہٕ۔ وُنُن روزِ جان۔ دِپس......

"بہٕ چھبس نہٕ کانٛہہ ہنگہٕ منگہٕ ستاوُن یژھان...... خبر سہٕ کیاہ وَنہِ تورٕ"

وُنی تِن کیاہ وَنہِ ...... مےٚ تہِ چھُ وَچھس منٛز دِل یُس رژھی تیٚتھ موم چھُ گژھان...... خبرتمی کیاہ آسہِ پننہِ جایہِ سوٚنچمت۔ پتھ روٗزِس بہٕ......بہٕ چھبس نہٕ قابلِ اعتماد...... مےٚ پیٚٹھ چھُنہٕ کانٛسہِ پژھ روٗزمٕژ۔ میانہِ پژھ ہُنٛد ژونگ چھُ خبر کر ژھیوٚ ومُت۔ وُں چھُنہٕ چارے کانٛہہ، بہٕ ترٛاوتھ جگرٕ چین تارن ہُنٛد تیٚل تہٕ لوچِ سوٚتھ لاٗ گتھ شولہٕ ناون نوسرٕ۔ بہٕ ژٕ ٹہ تم گٹہِ تہٕ تکبُرٕ کی پردٕ یمو بہٕ یتھ ساٗرِسے یونیورسٹی منٛز ہور کاوٕ چھس بناوِمٕژ"۔

اَتھی ستی دِژٕن پتھ کُن نظر تہٕ کُنی چیکھ ژٕ جس نیرٕتھ۔ یہ اَس پتہٕ کنہِ تبسم یہِ سوٗرے بوزان۔ تہٕ حاٗران گژھتھ وُنٛنس تبسمن......

"از کیاہ شاٗنِل ونکھ......ژٕمکھے......خبر کہنٛدِس زالس چھکھ اَلجمٕژ۔ عشقہٕ ژوٗرن چھےٚ سَن دِژمٕژ......از کتھ وپھم چون زِ......

"یمہٕ لڑکہٕ چھِ پاگلیاہ ستی۔ یم پننی ترٛلیش ہمراونہٕ باپتھ کوربن ہنٛدبن حقوقن ڈاکہٕ ترٛ اَوِتھ داغ تھاٗوِتھ نبٹھ چھِ ہاوان۔ یمن چھےٚ بےٚ عزتی دوا۔ یمن گژھِ جنٛگلی دریندن ہنٛز نظر کرٕنی"۔

"از ییلہِ زالہٕ اَلجھ پانہٕ......از ماوَنکھ"۔

نعیمن ترٛ وو زِ یوٗٹھ وٕ ش۔ اوٗش بُکہٕ آس تہٕ اَج وَنہٕ......

"یہ لُجس نہٕ زالس نہٕ چھبس زالس منٛز یِنہٕ واجی ......وُں گۄو حالات چھِ کُنہِ وِزِ سوچ بدلاونس مجبوٗر کران۔ تِتھ تبدیلی انان یِیتہٕ جذباتن ہُند عمل دخل تتھ سۄ درس ملر چھےٚ ٹُلان۔ تِم خاب چھِ وۄتلان یِمن اندرابدی مسرّت گُپتھ چھِ باسان"۔

وارٕ وارٕ وۄتھ نعیمہٕ کُرسی پیٹھٕ تہٕ لَج لانس چکر دِنہِ۔ تبسم آیہِ ڈلان ڈلان تہٕ پیٹھ کُرسی پیٹھ...... کۄڈُن نوٹ بُک تہٕ لَج کیا ہتام لیکھنہِ۔ تِلی ٹارِ اُس نعیمس کُن نظراہ نظراہ دِوان۔ یۄ تام نعیمہٕ Boys بُلاکہ کِنی دژ ایہِ۔ تبسم ہیٚتھ وُں شۄ دِشہِلتھ کیا ہتام لیکھنہِ۔

Boys بُلاک کِس کھوورِ انٛدٕ پارکہِ منٛز آسہٕ لڑکہٕ کیٛو لڑکی رلہٕ گِنداں Tens۔ نذیراوس ہوسٹل کِس ہیٚرِس ورنڈاہس پیٹھ بِہتھ اورٕ یور نظرٕ دِوان زنتہٕ کستام وُنی دِوان۔ نذیرُن بُتھ اوس Girls بُلاکس کُن۔ تِمی سُند بُتھ گۄو تمہٕ وِزِ خشمناک یِیلہِ تس نعیمس کُن نظر پییہِ۔ انتقامکی جوٗنن ٹلنس تۄس۔ یکدم آو ورنڈاہ پیٹھٕ لانس کُن ...... یام نعیمس اُمس کُن نظر پییہِ سأرِے پانس لُجس ءسراے......بےٚ فرصت وۄنُن نذیرس کُن۔

"Sorry......مےٚ چھِ پنٕنس ورتاوس تہٕ وطیرس پیٹھ شرمندٕگی۔ بہٕ اُءسس پنٕنہِ جایہ پتہٕ پشتاوان"۔

نذیر گۄو پنٕنہِ جایہ حأران۔ یۄ ز اُمس دِتُن نہٕ باس۔ ڈکبس پیٹھ آس پھولہٕ وُہجار۔ باسان اوس زنتہٕ سیٚکی لِس منٛز گلابے گلاب، یِیمہ کہِ مُشکہٕ اُمی

سُنٛد رۄح تازٕ گوٚو۔

''نعیمہٕ......ژےٚ رٕژھ پاٹھۍ از Boys بُلاکس کُن وَتھ ڈٔجمُت......باسان چُھم زِ نتہٕ نفرتُک نار چُھنےٚ ژھوٚن ہیوٚتمُت۔ نتہٕ چھی غرض بہ بیٚیہ اکہ پھرِ بیوقوف بناوُنک۔ لیس نہٕ کانٛسہِ ہٕنٛدِ جنونٕچ قدرتگہ کرٕنی......تس چھِ وٕسنۍ داہ تہٕ کھسنۍ داہ کُنی کتھا آسان''۔

نذیر نوٚ ییمو کتھو ستی وُتھ نعیمس زن جیرِ۔ پوٚز اظہار ہیوٚکُن نہٕ کرِتھ۔ زِیوٚٹھ ووٚش ترٛاوِتھ آس زبانۍ پٔٹھ......

''ہاے میانہِ خدایہ کر ژلنم ییمہٕ داغ......مےٚ پٔٹھ کر کرن پزٕھ۔ زن چھُبس بےٚ یا ژلڑکی یتھ یونیورسٹی اندر لڑکن اَچھ منٛز کٔٹر......نذیرسٕ خیال گژھِ وٕس ترٛاوُن۔ ووٚنی پزی ژےٚ میانہٕ جنونٕچ قدر کرٕنی......بہٕ چھُبس بےٚ پزٕھ......میانٛس واٚرانس دِپزِھ ہُنٛد سگ تہٕ پھولراوُس لوٚلکی پوٚش......ژٕدِ میانٛس وَچھس کُن تہٕ دُبراین ژار معنہٕ''۔

نذیر گوٚو یہِ بوٗزِتھ پریشانہِ حال، تِکیازِ نعیمس پٔٹھ پزٕھ کرٕنی گیہ سہٕ گوژِ ھ میوٚٹھ کرنس برابر۔ منٛزی چھُ سونٛچان خبریہِ ماچھ کیٛشہ چال......ژِہن منٛز لوکچار پٔٹھُک وطیرٕ رٕژھ ہیٚکہِ یوٚت جلد بدٕلتھ۔ آخرس کوٚرُن پانٕسے ستی فائصلہٕ زِ چالہِ رٕنٛد واز یورٕ تہٕ چال تہٕ وُتھ نعیمس کُن......

''نعیما......چانۍ نظر چھُم وانٛج کوٚران۔ سورمٕلی چشمن ہُنٛد خمار چھُ میانٛس جوٗنس وُزٕ ناوان۔ منگ خاموش سوٚ دُرلوٚگ بکٕہ کرنہٕ''۔

یہِ بوٗزِتھ لُج نعیمس ساری ہے پانس ہسر زن۔ وُٹھن ہُنٛد تُلہٕ ترٛاو زنتہٕ ہو کھِ متہِ ہمبٕرکی زٕبٹھی جوے ژھاران......سورٕملی چشمن ہُنٛد خُمار زنتہٕ کمہِ تانٛی طوٗ فانٛچ ژینہٕ وَن دِوان۔

''نذیر!!!......مےٚ دِپٹٕن اعتماد''۔

نذیرٕنی قدم ہیٚتِنی زن وٗں ژھوٚٹنہِ......سُہ وو شلیاو۔

''نذیر کیاہ چھسےٚ ونان؟''

نزیرن تُج نظر تھوٚد تہٕ ترٛاوِن نعیمس ہیرِ بوٗن تہٕ وۄنُنس......

''کانٛژاہ حسین چھکھ......ژےٚ وُچھِتھ چھ سوٗرے مِشتھ گژھان''

''اوہ !!''

نذیرس لُج کُنی دِنن ییلہِ تٕمی اور تبسُم یِوان وُچھ۔ اُمس ڈجہِ انگہٕ تہٕ وۄتھ نعیمس کُن مومرٕزِبو......

''اچھاوٗں دِمےٚ اجازت''۔

لفظِ اجازت بوٗزِتھ پییہِ زن نعیمس ننہِ نبہٕ ترٛٹھ......اورٕ اُس تبسُم پکان تہٕ یہِ لُج اُمی ہے کُن پکنہِ۔ مگر تبسُمن ڈاج وَتھ تہٕ لُج نذیرس کُن پکنہِ۔ نکھہٕ واتانٛی پلہِ نووٗن کیاہتام نذیرس...... ہُتہِ دژاو تہٕ یتہِ۔ پۄز نعیمہٕ اُس یہِ سوٗرے ژرژان تہٕ اُندری اُکھمہٕ ژاپان۔

نعیمہٕ لُج پھۄڈٕ متھو کوٹھو ہوسٹلس کُن پکنہِ تہٕ تبسُم تہٕ اُس وٗں اُمی ہے کُن پکان۔ یام اُکھ اُکس سمکھییہِ۔ یورٕ وٕژھس تبسُم وُٹھن پیٹھ طنزی اُسن ترٛاوِتھ......

"یہ اَس سَتھ ژے ژھانڈان۔ مےٚ دوٚپ خبر تھوتھ ما گژھو، توٚے دژ ایس پیأری"۔

نعیمس کتھ ویٚژِ ہے یہِ...... تہٕ ووٚننس "پکھ وٗن بیہمو ہوسٹلسے منٛز"

تبسُم اَس وُنہِ پتھر بیہائی تہٕ نعیمہٕ وٗژھس......

"نوٹ بکس منٛز یوسہٕ چٹھی اَس سُہ کٔہنڈِ ناوٕ اَس؟"

تبسُمس گیہِ ہُٹھ گوجہِ، تَمہِ ہیوٚک نہٕ کانٛہہ جواب دِتھ، ییمہِ نعیمن اندازٕ صحیح ثابت کوٚر۔

"اچھا نذیر زانہٕ ہنہٕ ژٕ اصل پأٹھی"

یورٕ لجس تبسُم شرارتہٕ سان وَنہٕ نہِ...... "کُس نذیر...... بہٕ زانن نہٕ کانٛہہ نذیر وزیر"۔

"یُس ایم ایس سی فائنلس چھُ"...... یورٕ وٗژھس نعیمہٕ اسہٕ وُنہِ چانٹہِ۔

"ژٕ کیاہ از مےٚ پیٹھ شک کران۔ ییمہِ ہاٚژٕ لاگنہِ ہیٚکن میأنس مستقبلس دَدارٕ تہِ واتناوِتھ"۔

نعیمہٕ گیہِ تبسُم نہِ زیوٚ ییمہٕ کتھ بوٗزِتھ پننہِ جایہِ رس رِکسرِ۔ اَتھی منٛز وٗژھ تبسُم شرارتہٕ سان، تژ اُون گُنی نظر نعیمس کُن۔ سُہ نظر یتھ منٛز نفرتُک نارتہٕ تلخی پرٛیڈان اَس۔ پیأری اوس نذیر بڈٕ بے تاب پننس کمرس منٛز واتنس۔ تِمس اوس زن خزانہٕ اتھس منٛز۔ کمرس اندر ژاو، کٔرن چِٹھی تہٕ کڈٕن تبسُمنی پلناوٕ مژ چِٹھی...........

میأنین چھوکن ہنٛدِ بُلغارٕ......

ژےلگی نےمیؤن آے تہٕ پاے۔ چون سایہٕ پۄشنم انٛد ونٛد......وبہٕ چھم گیلان، مےٚ نہٕ تمیٚگ غم۔ مےٚ چھےٚ چاےٚ ستھ، سُہ پۄشہٕ ناوِی نم خدا......لولک آگُر چھم گرٛایہٕ ماران۔ خاٮ۪رٕ وُں پچھ دوہ......مےٚ تہٕ اُس شیٚچھ وا ژٕ مژ......بہٕ نیرٕ ستمہٕ تاٮ۪ریٛخہٕ......

چاےٚ صرف چاےٚ

تبسُم

نذیرن پٕرٕ یہٕ چِٹھی ترٛییہٕ پھِرِ۔ تسلی اوسُس نہٕ یوان۔ اُمس لگی پھِھرٕ نی زن......کمرس چھ اورِ یور نژان۔ گراچھس تبسُمنٕ شکل برٛ ونٛٹھ کُن یِوان تہٕ گاہے نعیمنٕی۔ اُتی اوسُس یاد پیوان سُہ دوہ ییلہٕ نعیمن بیوقوف زانٛتھ کاٗڈِھس کھاجوو......اتی اوسُس انتقامی جذبک نار ہوان وُہن۔ اتی سُہ گُر برٛ ونٛٹھ کُن یِوان، ییمہٕ وِزِ سُہ تِمس کمہٕ تاٮ۪نی زبانٕی پٔتن پان بےٚ سری ہِنٛدِس عالمس منٛز پُشراوہٕ نچ عاجزی اُس کران......اُمی تُل قلم تہٕ لوٚگ تبسُمس جواب لکھنہٕ......

میانہٕ دِلقرار......

ہوش گری زِ ییٚنہٕ نعیمنبن کنِ خاندرُک کرَکھ۔ مےٚ تہٕ اُس گرٕ چِٹھی وا ژٕ مژ......بہٕ تہٕ نیرٕ ستمہٕ یا اُٹھمہٕ تاٮ۪ریٛخہٕ......اُخرلوب ساےٚ لولن منٛزِل تہٕ اُسی دوشوٚے پرٕ۔ ناوچ بال......کانٛہہ ہیٚتھ گری زِ پننہٕ وِیسہٕ نِش گرٕ نیرنک......یادن ہُنٛد بار چھم گرِ کھوتہٕ گرآوٕ تان۔ چاےٚ نظر چھم شِشرس ہارُن تاو۔ ییمی بہٕ ازتام گالان گالان اوٚنٛس۔ وُں چھم شیچھارٕ چ آش......بہٕ کیاہ لیکھ ییٚتہٕ اور......مےٚ نِش چھنہٕ تم اچھرٕ ے۔

چون

نذیر

چِٹھی لفافس منٛز بند کٔرِتھ تھاوِن شانٛدس تل...... راتھ دژ ایس تارکھ گنٛزران۔ گاش پھولنَے ووت کنٹینس منٛز۔ تتہٕ تُلُن چوکیدارتہٕ پانٛژٕ روپین تھوونس اتھس کِنھ تہٕ وۄنُس ژھوپہٕ دم کٔرِتھ یہ چِٹھی تبسُمس حوالہٕ کرٕنی۔

اُمِس اُس تبسُمنی تہٕ نذیرٕنی ساٲرے خبر...... تبسُمس تہٕ اُس کالہٕ پتھٕ نِندرٕ زن دٕزمٕژ تہٕ زانٛتھ اُس زِ نذیر آسہٕ صُبحاے یپارٕ...... یام چوکیدرن دروازس ٹھس کوٚر...... تبسُم دژ ایہ ہکہٕ...... اتہٕ وُچھن چوکیدار...... اُمی تُج چپاتھ تہٕ کٔڈن چوکیدرس۔ سُہ یوٗرٕ وُنان ہُہ نہٕ بوزان۔ چِٹھی آیہٕ کمرس اندر لایِنہٕ تہٕ حملہٕ دملہٕ ستی گیہٕ نعیمہٕ ہُشیار تہٕ اَچھ مۄران وٕژھ ہِٹ پتھٕ۔ اتہٕ پٮ۪یِس لفافس گُن نظر...... اُمی مُژٕرلفافہٕ...... اتہٕ پٮ۪یِس گوڈنچہٕ سطرِ پٹھ نظر...... "ہوش کٔری زِ یِنہٕ نعیمنن کنن کرٕکھ خاندرُک"۔ اُمِس گوٚنڈُن نار......

حملہٕ دمل اُس جأری۔ تبسُم اُس نہٕ وُنہٕ چوکیدرس تژ اوان۔ نعیمن دیُت تبسُمس گُنہٕ دژ سہٕ تہٕ لُجس وَننہٕ......

"اُمی بچأری کیاہ خطا کوٚر، یہ روٗٹھن۔ یہ چھی آمُت نذیر صأبنی چِٹھی ہتھ، ہتہٕ رٕٹھ مے پٕرٕ یہ...... وٕں وَنتم دعوت کرچھِ کھٮ۪ننی؟ تہٕ نیرنگ پروگرام کیاہ چھُ؟ اسہٕ لایق ماکینہٕ حکما؟"

"پٕرتھ چھُنہٕ کتھے"۔ یُی وُنان وٕژھ تبسُمس سأرِسے پانس تھار...... زنتہٕ ژۄرر وٕٹھ سن دِوان...... بُتھِ ووشلیہٕ۔

نعیمہٕ وٕژھس......"پرٕوٗں تس بے زانٛی سنٛز چِٹھی، یُس نہٕ ژٕ زانہٕ ہن۔

سُتہٕ نیری سُتمہٕ یا اُٹھمہٕ تارٟیخہٕ...... میٲنہٕ طرفہٕ تھاوتہٕ کالےٚ مُبارک باد رٲٹِتھ''۔

تبسُم اُس اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ گٔلۍ گٔلۍ گژھان......سُہ گٔیہٕ نلَو۔ کہیں چھنہٕ یورٕ ہبکان وٲنِتھ۔ نہ دُیتُنَس نعیمن کینٛہہ ونہٕ ٹٔک موقعہٕ۔

صِرف ترٛٲونس حقارتہٕ سان ہیرِ بوٚن نظراہتہٕ وۄنٛنَس......

''تبسُم جی......از آم پوٚرٕ سمجھ زِ زِندگی چھےٚ فنٛدن، فریبن تہٕ دوکھن ہنٛزٕ اَڈرن۔ ژےٚ کیٛاہ راہ کھالےٚ''۔



# اکھ یاد

کس اُس خبر سہ کیاز ِ وۆتھ پارکہِ منزٕ تہٕ کھوت ہیو ر...... ژٕمی دیٚت دروازس ہکہٕ دَ ہٕ تہٕ ٹاس گرِتھ ژھنُن یلہٕ۔ کوٚنۍ رٕٹتھ بیوٗٹھ تہٕ گوٚ وکتھ تام حالس منز یہٕ۔ بہٕ روٗدُس پننی جایہِ...... ییٚلہِ مےٚ اُمی ہندِس بُتھس کُن نظر تژ اَو، اتہِ اُس مایوٗسی تہٕ وۄشلنٕگ زال درٕ ینٛٹھی گژھان۔ یہِ اوس اورٕ یور نظر دِوان تہٕ ژوپارٕ اَچھ پھِری پھِری وُچھان۔ گاہے تصویرس کُن تہٕ گاہے کوٚنجن تہٕ تالوٗ چھین مُدٕ ے گنڈِتھ...... زنتہٕ خبر کیاہ ژھاران۔

مےٚ باسیاو زنتہٕ خبر کُس ٹوٚٹھ چیز چھُس رووُمت...... ییٚمیُک اتھِ یُن محال چھُ، زنتہٕ تانی چھُنہٕ تیٚمۍ جُدا اَیی زٕ رِتھ ہرکان۔ توٚ ے چھُ اُمی سُند بُتھ وۄشلان تہٕ گُمہٕ سٕری گژھان۔ بہٕ تہِ اوسُس اُمِس مُدٕ ے گنڈی تھے یم وۄتل بُجہِ ژٕرژان۔ مےٚ آو نہٕ تابے تہٕ پرٕژھمس......

''سلیم صاب تُہی کیاز ِ از زنتہٕ دُنیاہس بیزار؟''

میون یتھٕ وَنُن ..... اور لوٗگ خبر کیاہ کیاہ ونہٕ نہٕ۔ سُتہٕ زن بےٚ خوٗدی ہنٛدِس عالمس اندر پرٕ گژھتھ۔ "آدم" ونانۍ لوٗگُس زن ہٕٹۍ گنڈ۔

یتھٕ وِتھٕ مژٕرن زبو......

"آ......آ......دم چھُ مجبوٗر۔ سُہ کیاہ چھُنہٕ یژھان۔ زِندانن منٛز ہیٚنہٕ یتھ تہٕ چھُنہٕ تٔمۍ ہِنٛدۍ احساس موٗمنان...... تم چھِ گرِکھو تہٕ کرِ زُوان، نوان تہٕ کاڈ کڈان"۔

یِمہٕ پھرِتھرِ کتھِ آسہٕ نہٕ مےٚ بلکُل فِکری تران۔ بہٕ اوسُس یورٕ اُمس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ اُمۍ کڈ ووٹھ ہش تہٕ لوٗگ ونہٕ نہٕ......

"اوہ!! دوہہٕ گاش زن سوتیاو...... گٹہٕ زٕلی ہیٚتی پٔننۍ منحوس پروہرٕ نی۔ وُنلہِ اوس گوڈٕے میون وجوٗد ژوپمت۔ شامہٕ ژھایہِ منٛزِ زُلفن ہنٛز تھاتھراےٚ ئِج ژھوکنہِ...... پرٕ تھ اندٕ گیہ ژھوپہ...... زن نہٕ گُنہٕ کانٛہہ...... صِرف ژٕ تہٕ بیٚیہ بہٕ۔ بیٚیہِ کس چھےٚ چیٚنڈ۔ وق چھُ ژلان...... کُلاکس تہٕ بجیہِ ژٕ...... اُمیٚگ یہِ ٹِک ٹِک کرُن تہٕ چھُمؤں کھران"۔

مےٚ چھُنہٕ بلکُل فِکرِ تران...... سلیم صأبنۍ یہِ تُلہِ تاج چھُم اندری دگ تُلان، پوٗز تار چھس نہٕ زانان دُوبارٕ پرٕ ژھنس...... اُتھی منٛز رُودیہ ونان......

"یِمہِ کُلاکک ٹِک ٹِک چھُ میأنس ذِہنس ٹکرِ ٹوکھ دِوان دِوان تمن امارن وُزٕ ناوان"۔

اُتھی منٛز ترٕووُ سلیم صأبن زیوٗٹھ ووٗش تہٕ کوٗرُن...... "ہاے"!!

مےٚ ڈول أِمس ڈبکس اتھ تہٕ روٗٹُم أمۍ سُند کلہٕ سینس ءتۍ چیر۔ أمۍ کٔر مےٚ نِشہِ دوٗر روزنٕچ کوٗشش تہٕ زورٕ کلہٕ گِلہٕ وِتھ ژمیاو أکس کوٗنجس اندر۔ بہٕ گوس بیٚیہٕ نکھٕ پہن تہٕ روٗدُس أمِس مٹہٕ مٹہٕ دِوان۔ أچھن گٔن ترٛاوِمس نظر...... آبہٕ ٹاری وُچھتھ ژھینم واٗنج۔ بیٚیہٕ کوٚرُن......

"ہاے"...... أتھۍ ءتۍ گوس زن أندری دَم۔ بہٕ اوٗسُس یورٕ مُدٕے گٔنڈتھ۔ "بوز...... مےٚ پیٚیہٕ سوگٔر یا دیِیلہِ عائشہِ زندگی ہٕند بن پتٕۍ مین ژٕہن حساب أس دِوان...... بہٕ ماہ اوٗسُس زانتھ۔ عأیشہِ چھےٚ وٗں پوٚژھ...... یہٕ گژھِ مےٚ نِش ہمیشہِ خاطرٕ ژھنبہٕ تہٕ میأنس بہارس تہٕ جہارس کرِ ڈوٗٹھ بُزی !!...... ژکی کھالبس زالان زالان"۔

یہٕ بوٗزِتھ گوٚو مےٚ پتٕم شہہ پتھ تہٕ بزٕ وٕہم بزٕ ونٹھ...... وٗں آو مےٚ کم کاسہٕ سمجھ۔ بہٕ چھس أمۍ ءسنٕدس لالچی بابہٕ صأبس أندری تبراہ پران، ییٚمۍ خود غرضی ہُندٕ تیرٕ لأےتھ سلیم صأبنۍ لأو زندگی داوس لأج۔

"یہٕ گُلاکِک ٹِک ٹِک چھُم پےٚ پاہ پاوان...... کوتاہ ژالہٕ...... یہٕ چھُم تِم وعدٕ یاد پاوان یِیلہِ عأشن پٔنٕنۍ پان أکس وتہٕ گتس پُشرِ وو، وُچھنےٚ تہٕ داچھنےٚ"۔

أتھۍ منٛز کوٚڈ سلیم صأبن زنگن واش ہیوٗ۔ تِکیاز کوٗٹھۍ ڈٕنٹھ واریاہس کالس روزنہٕ سببہٕ آسس شاید زنگہٕ کاوٕریا منٛز۔ بہٕ آس أمِس بیٚیہٕ نکھٕ تہٕ پھیکِن مٹہٕ مٹہٕ دِوان وٗڈنمس

"امہِ منز کیاہ نیرِ ؤں...... تیر گوٚو سہٕ یُس کمائی منز دژا اوتہٕ کار گوٚو کرِتھ"۔

تٔمۍ زن نہٕ میون بوٗزِ ے۔ یہِ اوس پننِہ حالس ٹوکھ ٹوکھ دِوان۔ ؤں رٕوٗدُس یہٕ تہٕ اَمِس مُدٕ ے گنڈی تھے۔ تِکیازِ میےٚ یا ژنہٕ کینٛہہ بلکہِ محلہٕ کِس محلس اَس اَمۍ ہنز ہمدردی۔ اِوٕ کنۍ...... تِکیازِ یہِ اوس پرٛتھ کانٛسہِ اکار بکار پیوان۔

"ٹِک...... ٹِک...... اوہ!! مےٚ پیوٚ یاد سہٕ ساتھ...... ییٚلہِ عاشنٛی پٔدی ٹِھسرا ے میانِس وٲران ذیہنس گٹہٕ زوٗل گھناوان اَس۔ کالج نیرنہٕ تہٕ پتہٕ وِزِ اَس گوڈٕ مےٚ کُن آرٕ برٕ ژوسورٕمژی چشمونظراہ کران تہٕ پتہٕ اوس یُہنٛد سوال آسان......

"سلیم صاب...... کیاہ...... اسہِ روزِیا دوہے سماجہٕ کُنہٕ پاسخ درن ہُنٛد پھرٕ؟...... کیاہ سہٕ دوہ پیا زانٛہہ"......

اَتھۍ وٕنٛس ہتۍ اوس عاشِس ہٕڑ گنڈ زن لگانٕ۔

"مگر از...... از عاشہِ ابدی نِندرِ...... کُنہِ نہٕ تٔمۍ ہنز کانٛہہ کتھا، نہٕ کانٛہہ نِشانۍ...... سِواے اکھ...... ہاے صِرف اکھ تصویر"۔

اَتھۍ وٕنٛس ہتۍ گنڈِن اتھ تصویرِس کُن نظرٕ تہٕ اَچھوکوٚر ریگہٕ تہٕ سٔہلاب گوٚو جٲری۔ سلیم صابس اَسۍ امہِ وِزِ ہِکی لگان تہٕ اَچھو کنۍ ڈوڈہٕ باران زن وسان، تہٕ ونان......

"یہِ تصویر میانین ارمانن تہٕ لاوبن ہاوسن ہنز لاش...... گراز وان تہٕ گرا

موژان میٔانس ووٚنڈس اندر...... یہِ تصویر وعدن ہٕشز باوتھ...... سُہ باوتھ یتھ منز دودتہٕ دَگ چھےٚ پزِ یڈان''۔

مےٚ ہیٚژ اوپٔنہٕ رُومالہٕ ستی سلیم صأبس اوٚش ووتھراوُن مگر سُہ کتھ دِیہٕ ہے اتھ لاگنہٕ۔ مےٚ رٔٹ اتھ پتھ۔ ہووُن مےٚ اشارٕ بیٚیہ تصویرس کُن..........

''یہِ تصویر چھم تمن زخمن کرٔ اٚلی تٕلان یم وقتہٕ کیوٚ زولانو دِتی ءتی چھِم تمہِ کھوٚ زہر''۔ میوٚٹھ تہٕ موٚ دُر...... مگر...... مگر پنتراوُن تھووُن مےٚ...... سُہ گٔیہِ آزاد تہٕ بہٕ تھوونس غلام بنأوِتھ وقتہٕ کٔمن پاسخ درن تہٕ سماج کٔمن ٹھیکدرن ہُنٛد۔ تمن بےٚ عارقاتلن ہُنٛد یموٚ مےٚ نِشہِ عأشہٕ ژھیٚنہٕ گر......''۔

بہٕ اوٚسُس یوٚر تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ أندری اوٚسُم ووتارٕ لگان۔ یوٚر ہوٚوان بہٕ کیٚنٛہہ سلیم صأبس وَنُن، اورٕ سُے دودتہٕ دَگ باوان روزان۔ پانس چھُس پانےٚ یہِ دٕ پتھ تسلی دِوان زِلوس چھِ سأری وِیوٚ رٕپٕنٛج تُلنٛج ئرٕ کران، پوٚز تمِیُگ شہجار چُھ خالےٚ کأنسہِ نصیبس۔ بدنصیبن منز چھ سلیم صاب تہِ اکھا۔ مگر یُس چھوکھ سلیم صأبس لوٚگ سُہ مہٕ ہیٚین کأنسہِ باگہِ...... تِکیازِ سلیم صأبنی دَگ چھےٚ مےٚ زن پانس باسان۔ مےٚ کوٚر رہنادِل تہٕ ووٚنمس......

''سلیم صأبا، یہِ گوٚو تہٕ...... امہِ منزٕ نیرنہٕ ؤں کیٚنٛہہ۔ پزٕ اٚنہن ارمانن تہٕ شِتھٕیمتن ہاوسن ژٔڈ توٚ ؤں کلہٕ...... نوٚبن آشن بٕرٕ تو مانے...... سُہ مانے یتھ منز زِندٕ روزنٕچ شٔچھ تہٕ یادٕ نکی رنگین خاب آسن...... پزٕ اٚنس پھٔیر دِنہٕ منزٕ نیرنہٕ کیٚنٛہہ......، رتہٕ ئری ارمانن پھٔیر دِنہٕ ستی چھُ تمن نوٚسرٕ دار لگان۔

یتھ منز پکھ آش چھِ ژمان تہٕ شرٕ ؤ کتھ گژھان۔ تژ اَیوٚ یمہٕ کتھ تہٕ للہٕ وِو پننہِ کو چھِ منز نوِ آشہِ"۔

میأنِس پیتہِ سے وَننس ستی لوٚگ مےٚ سلیم صأب تمہِ آیہ روگہِ روگہِ وُچھنہِ زنتہٕ مےٚ چھُ عائشن قتل کوٚرمُت۔ تھوٚد گوٚ ووٚتھتھ تہٕ روٚداتھ تصویرس برٛونٛٹھ کنہِ مُگارِ۔ امہِ وِزِ روٚدنہٕ أمِس پانس تام بلگلے تہٕ ووٚتھ مےٚ گُن......

"بأے صأبا مَتہٕ کرتہٕ یژھ کتھ...... مےٚ دِتہٕ پننین دولابن گرٛند کرنہٕ...... بوز، نہ چھم ؤں کانٛہہ وومید، نہ کانٛہہ آش۔ صِرف احساس ہُند گتہٕ رِگیوٚ رتہٕ ژلہٕ لار۔ تژ او کتھ رأ ژہنٛدِ گٹہٕ کارِچ...... گٹہِ منز گاشہٕ لتھ ژھارِنی چھنہٕ بڈ کتھ...... عائشہِ گیہِ پانس، پوٚز یادن ہُند بار تھوٚوُن مےٚ۔ بہٕ تہِ کتس کالس ژالہٕ یہِ وُہوٚنی منقل...... بہٕ تہِ ویٚگلہٕ گُنہِ وِزِ تہٕ رَلہٕ خبر کتھ ستی۔ گٔنز تہِ ما چھس......"

یِی ونان ژٕجس وَدن باکھ نیرِتھ تہٕ رٕٹن یہِ تصویرأ چھن برٛونٛٹھ کنہِ...... گُنی لرن گیٚس سأرِ سے وجوٗدس تہٕ ژوٚلُس اُسن نیرِتھ...... نیٚبرِ رِکنٛز آسکھ یہِ کھنگالہٕ بوٚزمُت...... مےٚ کڈ پانسے ستی حأرأنی۔ کوٚت کال گوٚ مےٚ سلیم صأبس پتہٕ پتہٕ کھُتِ مُتس، کأنٛسہِ گرِ بأژن مژُرنہٕ یٚیمہِ کمرُک درواز تہِ وُنیٚگتام...... ؤں نیرِ ہابہٕ، مگر سلیم صأبُن حال وُچھِتھ چھس سوٚنچان خبر یہِ ما کرِ پانس کینٛہہ وَر...... توَے چھم نہٕ ووندَے یِوان یِیتہِ نیرنس۔

بہٕ چھس پننِس حالس منز یِرتہٕ تام لوٚگ سلیم صأب اتھ تصویرس مونہِ تہٕ

میٹھۍ کرِنہٕ......

''عأشا! ژٕ کتہٕ وُنی کنِہس یمو وَتو...... واہ...... کیٛاہ زبرتہٕ شوٗبہٕ وُن ڈُپٹہٕ چھی ازوٗ وُلمُت...... امیُگ رنگ دِلس خوش کران...... زنتہٕ کمہٕ تأنی مرگہٕ ہُنٛد حُسن ژۄ مبرو ومُت یمِن رأٹھن اندر...... رأٹھ کمہٕ اندازٕ...... زنتہٕ تمن وَتہٕ پدبن ہٕنٛدی نِشانہٕ، زنتہٕ کمی تام وتہٕ گتن پٔدی ماڈ گرِتھ ہُتھ پأٹی اتھ لِس نِشہٕ تھکھ چُھ دِیتمُت۔ اوہ!! تھکھ کتھ پیٛو مے یاد...... بہٕ...... بہٕ ییٛمہٕ وَتہٕ دراومُت چُھس تتہٕ تھکھ دِیُن چھنہٕ سوالے......''

بہٕ چُھس سوٗنچان پننہٕ جایہٕ بہٕ ووتھٕ تھوٚدتہٕ بیٛہناون یہٕ پتھر۔ تکیٛازِ أمس اوس ؤ ں واریاہ کال گوٗمُت ووٕدنی...... مگر کتھ حالس...... سُہ اوس أتھ تصویرس اوٚنگجوٕ ستی زن رِکھہٕ دِوان تہٕ ونان......

''واو رِنگوٕ ستی کیٛاہ چھ سبز رأٹھل ڈُپٹہٕ سِنٛزی اندازس منٛز پَرِ وَہراوان۔ زنتہٕ کأنسہٕ تھٔوی مِتس شہُل کرنٕچ دعوت دِوان، نتہٕ تأنی ونان...... پکھ...... پکھ، مہٕ دِ تھکھ...... ؤ ں چھی نہٕ منزِل دوٗر...... میٛون شہُل چھی ستی ستی...... مہٕ گأبر......

پننہٕ کھوژ کھ...... خبر یاد ما پیٛی!!...... یا گوٚو پیٛے یاد؟...... سُہ دوہ ییٛلہٕ کالج گرأونڈس منٛز میٛون اتھہٕ رٕٹتھ وعدٕ دِتُتھ...... پاو یاد...... یاد پاو...... بہٕ چھبس تھٕتھی وعدس پژاران...... سلیم یاد چُھیا ییٛلہٕ ونان اوسہم......

''عأشے!...... انسانس چھنہٕ زانہہ سُہ ترٛلیش ژھینان یتھ منٛز اضطرابک جنوٗن آسہٕ۔ انہٕ گٔتس منٛز اُستھ تہٕ گاشس گلی گنڈان...... گاہے گاشس منٛز

اُستھ تہٕ اَنہِ گٹس پان پُشر اونس مجبوٗر گژھان"۔

"سلیم! چھیاسہ دوہ یاد یِیلہِ چانہٕ پانٛسخ درومیون زِنٛدٕ وجوٗد موتہٕ چہِ ہند رِ سوٗ"

یہِ ونان آو سلیم صاب پتھر لاینہٕ۔ مےٚ کرے کوٗشش پانس ستی رٹنچ مگر کتھ حالس دِیہِ ہے مےٚ نزدیک یِنہٕ...... بُتھس تژٲوس نظر، یِنچ دَچھ زن۔

وُں زن سو تیامُت تہٕ ژھو کیامُت۔ وُں اوس خبر کُہنز زبٲنی ونان

"ہٲے صابا...... اتھ نا چھنہٕ کانہہ شک۔ میٲنس ووندس چھُ عاشنٛی لولن مژر تلمُت...... مےٚ اَس تمن وعدن ہنٛز قدر...... سہ قدر یمیٚ بہٕ پنٛن زوتام داوس لاگن پنٛن تھوٚد مقام زانہٕ نو ونس...... مگر یاد چھم پوان...... تہٕ اتھ چھُس موران...... میٲنی خام طمع تہٕ لالچی مالی رٔنگی عاشنہِ خوٗنہٕ اتھ...... سہ دژاو خوٗنز...... کتھ گنڈ نسے ستی لوٗگ تھٕدی خاب وُچھنہِ۔ موتہٕ کیوٚ سوداگرو ژوٗٹ سانہن امارن کلہٕ۔ عاشُن غریب تہٕ نادار مول کتھ دِیہِ ہے واتھ...... سہ کتہِ ژالہِ ہے سہ زہر یمیٚ کٔژ عاشس ہشہِ کورِ تہٕ کتی مےٚ ہوی گُلاب پھولنہٕ بڑ وتھے بر گری"۔

یام اُمی ہنٛز زیوٚ "مےٚ ہوی گُلاب بر گری" لفظ بوٗز، مےٚ ووتھ سٲرِ سے پانس وُترِ بِنٛیل۔ اُچھن روٗدُم نہٕ گاشے...... عجیب خیال آم ذِہنس اندر۔ رائے اُلجم گنہٕ نہٕ...... سلیم اوس تیوٚت ژھو کیامُت۔ وُں اوس سہ وُٹھن زیو پھرٕ وِتھ یہِ ڈٕلی زِاڈ کجہِ زبٲنی ونان......

''عائشہِ میانئین آشن تہٕ وومیذن ہنٛز پلالہٕ......میانئین چھوکن ہُنٛد بُلغار تہٕ زخمن ہُنٛد مہلامہٕ''۔

ژٕ اوس یہ تمہِ آیہ کتھ کران زِنتہٕ عائشہِ اُمس نربن منٛز نِرِتھ اُوتھ اُس۔

مےٚ اُس مَتھ گژھان زنتہٕ یہٕ دِیِد وُچھس یمن دۄن ہِنٛدِس لولس وِہٕ ہار کرُن وُچھان۔ منٛزٕ اوُسس اُچھن مۄرن دِوان یہٕ ماچھس خاب وُچھان۔ تام ترٛووسلیم صائبن اُخری زیوٚٹھ ووش، یتھ منٛز تیوٚت گوبر تہٕ اثر اوس، مےٚ ژٕج وأنج......یام اُمۍ ووٚن......

''عائشا، چانٛئ نظر چھےٚ میانہِ بےقراری ہُنٛد قرار......ترٛ اوکتھ راٗ ژہنٛدِ گٹہٕ کارٕچ، گٹہِ منٛز گاشہٕ لتھ ژھارٕنی چھنہٕ بڈ کتھا......پوٚز مےٚ کتھ بکارسہ گاش، یتھ منٛز بےٚ پۆشی آسہِ، یتھ منٛز وولہٕ گٔتنٕی تہٕ ژھایہِ گتی آسن۔ مےٚ گوٚ ژٕ ژٕ سہ گاش، یتھ منٛز قرار، یَتھ تہٕ پژھ آسہِ۔ لول تہٕ وفا آسہِ......''

اُمۍ گنٛڈ مےٚ ٔکن نظر......اُچھومنٛزٕ اوس ژٕ زن موختہٕ ہران......سُے روخن اُمۍ ہِندِ بن پیٹھ ڈُلہٕ زن گژھان۔ اُمۍ دِژ گُنی چھکھ..........

''عائشا......بس بس۔ مےٚ آیہِ سوپٕدی وُتھ وَنہِ......یمہِ وَتہٕ پکِتھ وعدٕ وفا ہیکہٕ گرِتھ، سو وِزِ وأژ......عائشا اَن......اَن پنٛنۍ نرم تہٕ نوزُک گُلی تہٕ تھاوُم وُچھس پیٹھ......اِدِس میانہِ وَچھِ دُبرایہِ......سُتہِ باسی تمنٛے وعدن ہنٛز باوتھ کران......''

''عائشا! یہٕ......یہٕ شیہلیاس یام چانٛئ گُلی وُچھس ستی لگی۔ میانہِ جنوٗنک نار

ہیوٚتُن سوتُن ۔ زن گوس ترٕنِس آبس...... بہٕ اوسُس عاشا شاید أتھی گرِ پڑاران۔ میأنٛی رُم رُم گے تازٕ...... مےٚ آو أچھن گاش۔ نظرن ژٕلِم ڈٕھری ...... یوسہٕ زأج لدِ دیوار پاسِکھ درَوچأنِس تہٕ میأنِس وجوٗدس منٛزٕ باگ کھاٮ۪لی ٕمتی أسی ،تم آیہِ وٕسِتھ“۔

مےٚ وُچھ سلیمؔ صابنِن وُٹھن پیٹھ پھوٚسی لمبکھ...... مےٚ تھوو أمِس ڈیکس پیٹھ اتھٕ ......ٹھنڈٕ تہٕ گُمہٕ ہٕری ......أمِس پھوٚر رِصرف..........

”عاشا! شُکر مےٚ ہیوٚک از پٮ۪ٹھُن سُہ وعدٕ پوٗرٕ کٔرِتھ ییٚمہِ بہٕ بےٚ قرار اوسُس کوٚر مُت“۔

أتھی وٚنس ٕستیٚ گوٚو گُنٮ۪ہٕ ہیٚنگ تہٕ ژٕ اوبن نرِ زنگہٕ پانیٚ شیرِتھ۔بہٕ کران یوٗرٕ آلو اورٕ نہٕ سِتھ صداوٕ ے۔مےٚ ژٕج گُنی ودن باکھ نیرِتھ،ییٚلہِ مےٚ وُچھ سلیمؔ صأبُن بدن نیوٗل کاژہیوٚ......تسلی گوم......شاید اوس أمی تہِ زہر کھیوٚ مت......؟



# آمہٕ تأوی دگ

اَز اوس سورُے باز رتھ ژوٗ ؤتِس پیٹھ ژٕسِتھ آمُت ییٚتہٕ نَس پتھ کالہِ جنڈٕ أسی کھالان۔ لوٗکی کیاہِ بُڈی أسی وانگ گرِتھ۔ منزٕ باگ گُستام ملنگہٕ آیہٕ اڈٕ پھٹمِن پلوٗن منز ریش تہٕ مس کھرٕ دُرٕ۔ وأنسہِ کنٕ اَڈٕ ورٕ۔ سکوٗلی بچہٕ سُنٛد سِیاہ رنگہٕ بیگ شانٛد دِتھ۔ گراتھوٗ دگرشھان وِتھتھ تہٕ گاہے پان دأرِتھ دِوان۔ مُنزی ڈٕبکہٕ ستی اتھ بیگس گگھےَ دِتھ دراز دِوان۔ پتہٕ بےٚ حِس تہٕ بےٚ حرکتھ زنتہٕ لاش باسان۔ أندی أندی روٗزِتھ لوٗکھ أمِس کُن نظراہ کران تہٕ زٕ ٹھ وٕش ترٕ أوِتھ بُتھِ وشلان تہٕ نیران۔ بہٕ تہِ روٗدُس اتھ وأنگس منز کیٛنہہ کالایہِ حال وُچھان۔ پوزٕ مےٚ اوسنہٕ بلکُل کُہنٛی فکرِ تران۔ نہٕ اوسُم کُنہِ رنگہٕ اثر گژھان۔ نہٕ اوسُس وٕشے ترٕ اوان۔ گوڈٕ ترٕ اوٕ ہاتہٕ کیاہ زِ۔ مےٚ ییٚلہِ نہٕ

کٔنیٛک پٮ۪ی اوس۔

یۄٗت یۄٗت وانٛگس منٛز رۄٗزِتھ ووڈٕنی والیٚن سنان رۄٗدُس تیۄٗت تیۄٗت اُس مےٚ بےٚ قرٲری بڑان تہٕ معلوٗم کرٕنچ کل گنان۔ اورٕ یوراوُسس وٕنی دِوان کانٛہہ زٲنی کارا ماگرٕ ھسم نظرِ تہٕ پرٕژھس زِ یہِ کیاہ دٕلیل چھ؟۔ پانس دٕچھنہِ انٛدٕ اوُسم ہارٕ کانٛٹھ ریشا تھٲوِتھ اکھ بُزرگاہ۔ بےٚ پھیوٗرُس اُمس گُنِ تہٕ ترٲوس عارٕ برٕژوٚ چشمو نظراہ۔ مےٚ باسیاوٕ زنتہٕ آوٲمس میٚون اضطراب سمجھ تہٕ میانہِ بےٚ خبرآسنک لوٗگس باس۔ تہٕ وۄٗتھ مےٚ گُن ......

"ژےٚ حض گےٚ واریاہ کال ووڈٕنی۔ دٕلہِ پکھ نیرٕ ووٕن۔ ییٚتہٕ نسن رۄٗزِتھ چھےٚ وٲنٛجہِ دٕگےٚ ووتھان"۔

"مےٚ حض گوٚ وٲدی پٮ۪ٹھ وُچھان۔ یمہٕ تہٕ ییٚتھ وانٛگس نزدیکھ یِوان وُچھم تمہٕ چھِ یُون اکھِ آیہ تہٕ نیرٕ دُن مایوٗس باسان۔ مےٚ نہٕ حض تران فکرِ یہِ وُچھِتھ کیازِ ساری شوٚتی ترٲوان تہٕ ووشلان"۔

وُنہِ اُسی اُسی یےٚ کتھِ کران تہٕ ملنٛگ گوٚ وتھوٚ دٕ وٕتھِتھ تہٕ لوٗگ گلہٕ گنڈِتھ وننہِ ......

"توہِ ماوُچھوٗن میٚون سٕتی۔ سہٕ ہا گیاو بازر ...... تورٕ نا آوِ ےٚ نہٕ وُنہِ ...... خبر کوٚت گوم؟ ...... اُچھ ہالوسم تس وَتن وُچھان!! ...... سہٕ ہا چھم ترٕبن کوربن ہُنٛد خانہ مول بوےٚ!!"۔

اُتھی سٕتی لوٗگس ہیٛگ ہیوٗتہٕ آوپھر لاینہٕ۔

مے کوٗر أمس بزرگس بیٚہ سوال......

''مےٚ وَنتہٕ حض یہ کیٛاہ ڈلیل؟''

''خدامہٕ ہاوِن کانٛسہِ تہٕ یہ أمس بچارِس وُچھن پیوٚ''۔

یہِ اوس بُزرگہ سُنٛد اورِ جواب۔ مےٚ بڑیا وُں جادٕے اضطراب تہٕ رۄدُس أمس پڑٕ ژھان۔ باسیام شاید اوسنہٕ یتہِ کینٛہہ وٕنتھ ہیکان...... خبر کیٛا زِ!!؟ تہِ آم نہٕ سمٛجھ۔ یام بہٕ یورٕ ہوٗان کینٛہہ وَنُن تام یہٕ بُزرگ ہوٗان وۄشلُن۔ ریشس پھشا وأٹنتھ زیٚوٗٹھ وۄشاتژ اوان تہٕ کلہٕ ہورگُن پھِران۔ أمس باسیا وۄمیوٗن ژرژُن تہٕ تژ اُونم ہیرِ بوٗن نظراہ۔ ''شاید یہِ زانٛتھ زِ یہٕ چھ بےٚ خبر۔ توٕے چھ مےٚ بار بار پڑٕ ژھان''۔ نظر تژ اونسے ٕستی آوٗ مےٚ بِلکُل نزدیکھ تہٕ تژ اُونم پھیکِس پیٹھ أرتہٕ لوٗگم امہٕ وانگہٕ منٛز کڈٕنہِ۔ قدم قدم چھےٚ کڈان تہٕ بہٕ چھس أندری سوٗنچان......

یہِ کیٛاہ ڈلیل ہیکہِ أستھ؟...... بہٕ واتہٕ نوٗوُس أمِ سڑکہِ دَندِ اپورٕ تہٕ بیٚہہ نوٗوُنس أکِس کنہِ پرٕتیس پیٹھ۔ اپأرِ اوسنہٕ تیوٗت ینہٕ گژھن والین ہُنٛد رَش...... تہٕ لوٗگ مےٚ کُن وَننہِ......

''گوڈٕ کانٛژھَن پریشانٛین دِموواتھ ازکل...... ییٚتہِ چھےٚ گوڈٕ ییٚژھ قیامتھ دوٚہس داہ پھِرِ کلہٕ کڈان''۔

بہٕ رۄدُس ژھوپہ دَم گٔرِتھ أمِ سُنٛد بوزان۔

''ژٕ اوسہَم نا بار بار پڑٕ ژھان...... پوٚز مےٚ چھی نہٕ وُنہِ تہٕ کینٛہہ وَننس دِل

کران''۔

یمہٕ پھِرِتھ کتھ آسم نہٕ بِلکُل فِکری تران۔ پوٗز وَنہٕ ہَس تہٕ کیاہ۔ بہٕ روٗدُس اُمس یوٚرِ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ اُتھی منز گوٚ ویلہٕ زَن تہٕ لوٚگ بے پھروٗک وَننہِ مےٚ گُن۔

''یہِ ساد اکھ غریب، پرٕ ژھیٚون تہٕ مُصیبت زَد...... دپان پننہِ وقتہٕ چھ اکھ آسوٗد حال لسن بسن وول اوسمُت تہٕ اَجِس کھٕنز تام نظر تتہٕ۔ بلوایوٚ کوٚر ہَس سأرِے تمہِ وِزِ پھُٹنی پھاٹھ۔ییٚلہِ تتھ شہرس اندر فرقہٕ دارانہٕ فسادن گُنی ژھٹھ کڈ۔ ییٚتیٚک یہِ اصلی روزن وول چھ اوسمُت۔ سوٚرس پیٹھ تھووٗکھ بیٚہناوِتھ۔ ژلان ژلان آیاو بچوٚر یور یہِ زأنتھ زِ یتھ پرٕوارِ منز روٗزِتھ کڈٕ ووشُت ہیوٚ۔ ییٚتہٕ پیٚوس سُہ تاوٕ ناہ ییٚتہِ جائی لگہٕ پیٚوس دِیُن''۔

''مطلب......؟ مےٚ پرٕژھ یوٚرِ۔

''ییٚلہِ ساد از بڑ وٚنہہ قریبن پنژہ وٕری خاندارینٚ تہٕ موج ہتھ یور ژلتھ آو۔ تہٕ بنووٗن ییمہِ اَڑ شمالہٕ طرفہٕ ڈرِیاوٕ بٹھس دوٗرے پھن فُلڈ زمینس پیٹھ تَرٕ پالہٕ پأرِہناتہٕ روٗد تھی اندر زہوٗ دِکڈان۔ دوٚہس نم ژم گاٚلتھ اوس اُتھی پارِ منز موج ہتھ دوہ دوہ کڈان تہٕ تیتھے گُنی روٗ دعیال تہِ پالان۔ یہِ اوس بڑٕ عجیب قسمُک انسان تہٕ یکدم اوس بڈس کیاہٕ لوکٹس ستی زٕلتھ گرٕھان۔ کوتاہ نَرم دِل تہٕ شوٚد۔ پرٕتھ کانٚسہِ اکار بکاریوان۔ بازرٕکی قریبن سأرے دُکاندار اُسی نہٕ اُمس بازرٕ ری موٚزورٕ ستنز نظر کران بلکہِ پنُن قریبی زأنتھ قدر کران۔ تکیاوٕ زِ پرٕ

شہرُک اٚستھ تہٕ اوس پزٕتھ کانٛسہِ اتھ شیٚہلا وان۔ یتہٕ اُس اٚمی پٔنٛز دادِ کانگر سارِنے کنٛن کرمژ۔ توٚے اٚسس وقتہٕ وقتہٕ اتھ روٗٹ تہٕ کران۔

بازرن کوٚراکہِ دوٚیہِ پھرِ چنٛدٕ تہٕ دیٚت ہٮ۪س اکھ ڈوکہٕ بناوِتھ۔ یتھ منٛز از تہٕ چھُ بسان۔ اٚتھی دوران گٔیس موج تہٕ مرِتھ تہٕ وارٕ وارٕ لوٗگ عیال بارتہٕ بنہٕ نہٕ۔ وٗنی کنٛنس چھبس ترٛے واژٕ مژٕ کورِ تہٕ اکھ نیٚچو، یُس الہٕ پلہٕ ترٛ واہ ووٗہر آسہِ ہے تہٕ اٚتھمہِ جمأژ اوس پران۔

یہِ ونان ونأنی گٔیہِ اٚمس بُزرگس لرن ہش تہٕ زِیوٗٹھ ووشا ترٛاوِتھ کٔرن مےٚ کُن معنی خیز نظراہ۔ مےٚ یام یورِ اٚچھ تھوٚد تُجہِ، مےٚ باسیاو اٚمس اوٗش بگہٕ یوان۔ مےٚ ترٛاوِ یکدم اٚچھ بون کُن۔ اٚمس آوزبأنی پٹھ......

"توہِ چھا میٚے کُن دھیان؟"

صُبحأے اوس ساڈٕ پٔنٛز کامہِ نیران تہٕ سُتی اوس اٚمس پتے پھن گرِ نیرِتھ سکوٗل گژھان۔ ترٛ بنہٕ وَے ییٚنہِ آسہِ سُتی یَس پاران، شیران تہٕ بیگ ہن نألی ترٛاوِتھ سکوٗل کڈان۔ موج اٚسس سڑکہِ تام پتہٕ پتہٕ آسان...... گُلِ عالمہٕ کنٛن گُلن سان آے تہٕ پاے کانٛچھان...... دُعا تہٕ دأے خأر کران ونان۔

"گژھ لگَے بلایہِ...... حبسہٕ سان پٔکی زبم ییٚنہ سڑکہِ اورِ یور پھیرَکھ...... سیوٚدُے گژھی زبم سکوٗل"۔

سُتی تہٕ اوس اَسہٕ وٗنہِ ہونٛجہِ ماجہ تہٕ بیٚنٛنن اتھ ہلأوِتھ روخصتھ کران۔

سکوٗلہ یتھ اوس سُتی سکوٗل کأم کٔرِتھ شامس ژٕیر تام بیٚنٛنن ستی اسان

رِگندان۔ مول موج اوُسس وِسان تہٕ تمن اوس سورُے پڑون مُشتھ گژھان۔ یِہنٛد رِگنڈُن دژ وگُن وُچھتھ آسہٕ یمن بوٚ کہٕ پھولان''۔

وُنہِ تہِ اوس نہٕ مےٚ رکھینٛی فِکرِ تران۔ پوٚز کنتھو تلہٕ اوسُم انداز ہیوٚ گژھان۔

''ژٕ چھکھِ حض بوزان؟'' بُزرگ وۄتھ مےٚ کُن۔

''مےٚ چھُ بلکُل تو ہی کُن دھیان''۔ مےٚ وۄنُس یورٕ............

''اکہِ دوہ شامس یِیلہِ ساد گرٕ آو تہٕ سُتی آس بُتھِ تہٕ کوٚرنس زنٛگن نالہٕ موٚت تہٕ وۄنُن مائِلس......

''یوٚ تائٔ نہٕ پاپامےٚ وعدٕ دِکھ...... یہٕ بہٕ وَنےٚ تہِ مانگھ۔ توٚ تائٔ دِمےٚ نہٕ پتھرٕ ے بیہنہٕ''۔

سادٕ اوس ژِھینٛتھ تھکِتھ آمُت تہٕ بوچھِ ستی اوُسس اَچھن گاش ژھو کیامُت۔ اَمی دِیُت سُتی یَس دَکہٕ تہٕ پانہٕ بہٕٹھ پتھرٕ۔

سُتی آو دَکہٕ ستی ہورلاینہٕ تہٕ ژٕجس گُنی وَدن کرٕ یکھ نیرِ تھ......ترٛہنہٕ وَے بیٚنہٕ آلیس اکنہٕ تہٕ وَلنہٕ...... سُتی ژاوشرٛ وکنمن تہٕ بینوٚ زوٚرنہٕ اَمی سُند وَدُن تہٕ لجہ یمہٕ تہٕ برٕ ژھنہٕ۔ موج آلیس تہٕ روٚٹن سُتی سینس ستی تہٕ لجس دِلاسہٕ دِنہِ۔ سادٕ اوس شوٗزدٕ ہیوٚ اند گُن ہِتھ۔

خانہٕ دارنہِ گرسادس شرارتہٕ سان توٚجہٕ تہٕ وۄٚژھس۔

''یِیلہِ تہِ اورٕ چھکھِ یوان تیلہٕ چھکھ تیمس بچاٚرِس بلایہِ لگان۔ یوٚ تائٔ نہٕ وَدٕ ناوِتھ ژھنہٕ ہَن توٚ تائٔ چھی نہٕ آرا یے یوان''۔

سادس گیہِ بوچھِ مُشتھے تہٕ رۄٹُن سُتی نالہِ مَتہِ تہٕ چھس زارٕ پارٕ کران۔

سُتی اوس پننہِ جایہِ سبٹھا ٹرک تہٕ چالاکھ شر۔ تس تور فکرِ زِ میانی ستی گوٗو گھرُک گھرٕ ے پریشان۔ اُمی ترٛووبے فُرصتے اَکھِت ٹھٕہہ ٹھٕہہ کران اُسن کھنٛگالہٕ۔ موج لجس مۄنہِ تہٕ میٹھی کرنہِ تہٕ بینہِ لجبس ٹھٕٹھ کرنہِ۔

اُتھی ستی رۄٹ سادن کھوٗنہِ پیٹھ تہٕ لۄگس اسان اسان پرٛژھنہِ۔

''وٕنی تن گوٚ برمیوٗن کیاہ حُکماہ چھ مے پیٹھ؟''

یورٕ لاج سُتی ین ژھوپہٕ۔ پۄز اَندری اوس سبٹھاہ خوش مالی سُند یہ لفظ بوٗزِتھ۔ تمس باسیاو تمہِ وِزِ۔ مے زیوٗن سورُے دُنیاہ جنگہٕ رۄستُے۔ تہٕ لۄگ اَسہٕ وٕنہِ ہونجہِ مالِس وَنہٕ نہِ......

''پاپا!! پگاہ چھ اَسہِ سکوٗلہٕ Parents day ۔ مےٚ چھِ پتاہ ژٕ ہیکِکھ نہٕ تور یِتھ...... مگر مےٚ گژھہ سائیکل آسُن ۔ تکیازِ مےٚ یوت چھنہٕ سکوٗلہٕ منٛز سوارِ خاطرٕ کینٛہہ تہٕ نہٕ کانٛہہ جان چیز اہ۔ یپلہِ میانین ستی باجبن کالہٕ اکھ تہٕ ژھجن بیا کھ چیز چھ آسان''۔

مالی گرٛنس یورٕ نظراہ تہٕ ووش ترٛاوِتھ وۄتھس......

''اِدسا گوٚ براپر واے چھنہٕ۔ پھوٚلنی ژھجس گاشاہ کرٛ واورٕ یور کینٛہہ''

موج وٕژھس......

''لجیا موج پنٛنی بلایہِ ژٕ کہوزِ دَند چیرِی چیرِی ونان۔ مول ہاوالی اَسمانہٕ چانہِ خاطرٕ سائیکل''۔

ساد گوٚو حأران تہٕ تہٕ خوش تہٕ ۔حأران اِو موکھ وُنیٚستام چھِنہٕ سُتی ین
گنٛدن تماشچ تہٕ فورمائیش کرمژ ۔تہٕ خوش گوٚو واوِ موجوٚب زِنچوٚ میٚون چھاپزی
پأٹھی مےٚ کینٛہہ منگان۔

وٕل پُرٕژھ سادن سُتی یَس اسان اسان......

''گوٚ برا!! ژٕ وَنتا از کتھ خوٚشی منٛز کرتھ ژےٚ سائیکل انہٕ نچ فرمائیش''۔

''پاپابہٕ اوسُس گوڈےٚ زانتھ زِ ژٕ پرٕژھکھ مےٚ ضروٗ ریہِ سوال۔توٚ ے
اوسُس موقعہٕ ژھانڈان۔ پاپابہٕ ہا چھس پنہٕ نِس سکوٗلس منٛز پرنس کیاہ
کھیلن منٛز سرس یِوان مانہٕ''۔

''ہاں!!......پزی پأٹھی آ......!!؟''

''آ پزی پأٹھی پاپا!! کُنہِ دوہ یِتہٕ تہٕ پتہٕ ترٕی پانےٚ فِکرِ''۔

ساد گوٚو خوش تہٕ کوٚرن خانہٕ دارنہٕ کُن چوٚنٹ تہٕ لوٚگس وَنہٕ نہٕ......

''اُولہِ صُبح گژھےبہٕ عزیز صابس تہٕ ہیٚےتس سائیکلہٕ خاطرٕ پوٚنسہٕ تہٕ انےٚ
دَہن بجن تام پنہٕ نِس خانہٕ مألِس سائیکل''۔

خانہٕ دارنٛی وٕ ژھس......

''سُہ گژھیا پرُٚن تہٕ......پتھ یِیلہِ صُبحأےٚ پگہأےٚ قرضہٕ منگنہٕ گژھہَس''

''چارٕی سُہ نےٚ چھنہٕ کتھے۔بہٕ ہےٚ یہٕ کینٛژھا زینان چھس گرٕ خرچہٕ
وأرِتھ چھس باقےٚ تِسی نِشہٕ جمع تھاوان''۔

''تیلہِ گوٚ و جان......مےٚ دوٚپ......''

''کیاہ دۆ پُتھ؟''

سادن ژٹ خانہٕ دار نہٕ ہنز کتھ۔

سُتی اوس یہنز کتھ غور سان بوزان۔ سُہ گوٚو خوشی سٟتی تھوٚدۍ تھتھ تہٕ ترٛاوِن مائلس نٔرِ شانن پیٹھ تہٕ لوٚگُس ڈٟکس میٹھی کرنہِ۔ تہٕ گوٚل برٛتھ وَنہٕ نہٕ......

''پاپا۔ ژکوتاہ عظیم چھکھ!!''

سُتی اوس یہِ پوٚر پاٹھی زانٟتھ زِ تٔمی سُنٛد مول چھُ نکھہِ موٚزوٗری کٔرِتھ اسہِ پالان۔ یہِ تنگ کرُن چھُنہٕ جان کتھا۔ توٚے اوسنہٕ مائلس زانٟہہ تہِ کُنہِ رنگہٕ فرمائش کران۔ پوٚز......از......!!!

''پاپا اگر خداین بوٚز یہِ رقم سائیکلس پیٹھ خرچ گژھی، تمہِ دوٚگُنہٕ رقم دِمے پکھٕے واپس۔ یہِ کینٛہہ انعامہٕ رٟنگی پگاہ ترمبہ تہِ کرٛے توٚہۍ تھے حوالہٕ۔ پاپا پژ امز''

سادہ اوسنہٕ ییٚژان کُنہِ پنہٕ نِس خلنہٕ مائلی ہنز کتھ بوٚزِتھ۔ تہٕ کوٚرنس سوال......

''گوٚ براژٕ کتھ ترِٛنٕے انعامہٕ؟ غریب ہنٛد بن شُربن گُس اکھا چھ از کل پژ ژھان؟''

''پاپا......اتھ منز ناچھُنہٕ غریبی تہٕ امیری ہُنٛد سوال۔ تتہِ ہاگیہِ قابلیت تہٕ کارکردگی۔ زان تہٕ Parents day یَس پیٹھ نَنہِ سوٗرے......سائیکل ریسہِ منز چھُمنہٕ گٔہنٕے ثانی۔ روٚزنشانہٕ بازی تمیٚگ گوس بہ ووستہٕ۔ روزٕ آبی کھیلہٕ تتھ چھم نہٕ جورٕے۔ کلچرل ایکٹیوٹیزن ہُنٛد انعامہٕ، سُہ مانتہٕ چھم چنٛدس منز''۔

یوٚ دوٚے سادٕس اوس نہٕ یہِ سمجھی یِوان۔ پوٚز ژٲندری آسس بوٗ کہٕ ہنان یمہٕ کتھٕ بوٗزِتھ۔ موج ٲسس پوٚژ وٲلتھ دُعاتہٕ دٲیہ خاطرکران تہٕ بیٚنہٕ آسہٕ خدایس منگہٕ منگہٕ کران بھاٴے راجس ٲسن تھزٕ کامیابی نصیٖبس۔

پگاہ صُبحاٴے ووٚتھ سٔتی۔ گاش اوس اڈٕ پھوٚلے تہٕ لوٚگ ماٴلس عزیز صابُن گرٕ ھن یاد پاونہِ۔ تام پھوٚ صُبحُک پرتو۔ گُملو ہیوٚت کامہِ کارس نیرٕنچ سکھر کرٕنی۔ سادٕ ووٚتھ خانہٕ دارنہِ کُن......

"از کیا بی مے آم لیٹ تہٕ ڈبل ژوچہِ مَن کران"

یورٕ وُژھس خانہٕ دارینی...... "نہٕ چھِ ڈبل ژوٚٹ تہٕ نہٕ چھُ ٹھوٗل کانٛہہ موجوٗد"۔

سٔتی اوس یمن بزٕ ونٛہہ کنہِ یہِ بوزان تہٕ تٔمی لاٴے کُنی کرٕ یکھ ماٴلس......

"پاپا...... بہٕ اَنے بازرٕ ٹھوٗل تہٕ تہٕ ڈبل ژوٚٹ تہِ...... مان تہٕ...... یوٗں گیا...... یوں آیا"۔

سٔتی دزٕا وخوٗشی ستی ووٚتہٕ ٹلان بازرکُن...... یام سڑکہِ اپور اوس تران دُکانس پیٹھ گرٕھنہٕ باپتھ...... تام دزٕاے اپاٴری موٹر سائیکلس پیٹھ جوان جوراہ تہٕ سیہٕ منز سڑکہِ پیٹھ پھوٚ یمن ٹِفن ڈبہٕ یُس پالہِ تھٕین لِفافس وُلتھ اوس۔ سٔتی یَس پیٚیہِ نظر۔ تٔمی ٹُل تہٕ لاریا ویمن موٹر سائیکل سوارن پتہٕ کرٕ بکہٕ دِوان......

"یہِ ھٕض پیوٚ ڈبہٕ پتھر!!"

تمہ کتھ دِہن پوٚت نظر...... پوٚز سُتی اوس یمن پتہٕ تیوٚت تیز لاران تہٕ کڑبکہٕ دِوان۔ أتھی منز آو یہِ۔ڈ پھوٚل گولاب بُتھی کنی وُکراوٕنہٕ۔ پتھرپیٚنہٕ ہے ہتی لوٚگ ڈبس چار...... پتہٕ مَتہٕ پزٕ ژھتہٕ کوسہٕ قیامتک پُتم پہر سپُد......

سُتی ہِنی تان آیہِ ہوٕہس منز چھکراوٕنہٕ...... درجن وادوَتہٕ گژھ گےٚ زخمی۔ أڈی گےٚ أچھورٕ سی۔اڈبن ژھینی کن کیاہٕ نستہٕ، أڈی گےٚ نزیوتہٕ زنگورٕوس۔سڑک گیہِ خوٗنی...... محشرُن مأدان گوٚو...... النفسی...... النفسی...... أکھ پژتھ طرفہٕ۔

وَدن کڑیکو بدلوو بازُرک رنگے...... سأری ژلان...... کڑبکہٕ ناد۔ کاتھہ نہٕ کأنسہِ پزٕ ژھان...... موٕتکی سوداگر أسی توٚ تام خبر کوٚت وأتی ہتی۔

یپأری اوس سادٕ سُتی یَس وتن وُچھان۔سُہ یییہِ تہٕ یہٕ نیر چاے چیتھے عزیز صأبن تہٕ اَنہٕ پأنسہٕ سائیکلہٕ خأطرٕ۔یہِ مااوس زأنتھ زِمی سُند باغ گوٚ وڈوٚتھ بزی۔ اپأری تہِ ووٚتھ کڑیکہٕ ناد۔ سُہ دوریاو بازرٕ گن۔ اتہِ اوس محشرُن مأدان۔ زخمیَن أسی ژلان تہٕ گاڑبن بران...... سادٕ گوٚو رٕوبوٚدٕ زن تہٕ چھ کڑبکہٕ لایان۔ سُتی...... تہٕ ووت تتھ جایہِ یتہٕ نِس یہِ قیامت خیزتہٕ وأنج کترٕوُن واقعہٕ اوس سپُد مُت۔یام اَتُت ووت أمِس گوٚ وأچھن اَنہِ گوٚٹ ییلہِ تمن زچہ ریژٕ ہن گن نظر پییَس تہٕ کلہٕ کھوٚ پروُچھن خونس اندر پرٕ...... أمِس ژوٚل بےٚ فُرصت نیرتھ......

''شاید چھم تاوَن پیوٚ مُت...... یہٕ چھ ظاہر یا میونےٚ سُتی''

أتھی وَنہٕ نِس ہتی آو پتھر لاپنہٕ۔بےٚ حبس وحرکتھ۔لوٚکھ آے تہٕ تُلکھ

اوشلہِ کوشلہِ تہٕ واتہٕ نوؤ کھ پنہٕ نس ڈوکس نشہِ۔ تتہٕ اوس بڑ وٹھے ہے رؤد۔

بۆینہِ آسہٕ نالہِ دِوان......

''بھأے جگرو أسی گسؤ تژ أوتھ...... بۆینہِ لجیو بھأے جگرو۔ أسی ہالا گوے

مائژ...... مائژِ نمن ژووندٕ یو بھأے گاشو ہو''!!

موج أسس نادلایان......

''میأنہِ دِلہِ جگرو کوۆتو ژؤلہم سکوٗل ہاگے ژیر۔ پھولہٕ وٗنے پمپوشو بۆینہِ

ژھاران پھےٚ!! گنڈٕ باشن زوبہٕ وندٕ یو۔ سینہٕ پھٹنس آم''

سادس یام ہوش آو تہٕ لۆگ پاگلہٕ سنٛدی پأٹھی باکہٕ ژھٹنہِ۔ سُتی یُن بیگ

تُلُن تہٕ نالی تژ أوتھ آو تھی جایہِ تہٕ تنہٕ پیٹھٕ رؤد کرٛ بکہٕ دِوان۔ ہرٕ ژھان تہٕ اوٗش

ہاران تہٕ سُتی یِنہٕ آمہٕ تأوی دَگ اَمی آیہِ للہِ وان''۔

مےٚ تژ أو بُزرگس بتھس کُن نظر...... اوٗش اوس ریشہِ پیٹھی دِگنہِ وسان۔ مےٚ

کتہٕ روزِ ہے تاب...... میوٗن دِل تہٕ وبگلیاو تہٕ وجوٗ دس وٗژھم آمہٕ تأوی دَگ!!!



# ژھایہِ پڑاہ

ٲمی سٕنٛز نظرٕ آسہٕ بےٚ قرار زِ کرتہٕ کاںٛلی ژھوکہِ دۄٚ ہٕلی گاش تہٕ سُہ دِیہِ پۄنس زۄنہٕ گاششِ ژٕ ہ۔ منہٕ مٔنزِی اوس نٔوی نغمہٕ بۄٚ مبراونٛک سنٛز کران۔ بالہٕ پٮ۪ٹھہٕ أس آفتابس رٕ ـٔکنٛز ژلن واجنٛی تہٕ أمی ہٕنٛز ونظر واوس پہرٕ دِیُن ہیۆتمٕت۔ وُٹھو پیٹھی أسی تس واریاہ خیال زنتہٕ ڈُلہٕ گژھان۔

کس گژھِ یہنٛز آواز کنن۔ پۆز تھتھر ایہِ ٔستی أس تس زن سأرے ٔدنن لگان یہِ زن ٲمس کُن نظر پٮ۪ٹھ باسان اوس۔ تس ژۄل بےٚ فرصت نیرِ تھ......

”آ......آ......أ کیا......ہُہ ناہُہ گیہِ نِظا مٔنی ترٛ گر......پکھ تہٕ ژٕ ل بروٗہہ کُن واہ......واہ......!!! کرہٕ کیا چھِ ڈٔری گنٛڈان رٕ ؤہ کرنہٕ خاطرٕ......وُنہِ چھُ تتھ وق تہٕ مےٚ ہیٚتنی وأنجہِ ہنٛدی پرٕ شیہٕلنٛی......ؤں یٮ۪لہِ سُہ وق ولتہِ تیٚلہِ کیاہ حال آسم۔ دوہلہِ اوسُس رووُمت۔ کُنہِ اوسُم نہٕ سادلگان۔“

''کیا چھوونان؟''

یہ اوس أمِس میون سوال۔

''ہاہاہاہا......؟؟!''

أمِس ژٔول گُنِہ اُسن کھنگالہٕ نیرِتھ، ییمہِ ستۍ میانہِ ژھوپہِ ہُنٛد شِشر وبگلِتھ......مےٚ دِیُتس آلو......

''ہیے لالا؟''

''وٕنۍ تو''؟

تُمۍ وۄن بڑِ ہٹہٕ تہٕ رود پتہٕ ونان..........

''یا گۄو بوزان چھُکھ نہٕ......زندگی ہٕنٛدِس اِضطرابس لگۍ ملر وۄتھنہِ......ہۄ ہۄشی شی......الے ییمس مازر......کیاٚ سا بھایا چھُکھ نا بوزان۔''

یِی ونان لۄگ تھۄ دٕ ہِتھ ژٕنہِ......اۄ تأنۍ آسۍ زۄنہِ پۄرۍ ترٛ اوِنۍ ییتۍ متۍ تہٕ اوس پانٕسے ستۍ ونان......

''بہٕ تہِ دِمہٕ کائیناتہٕ کینہ رنگن ژھونٛڈ......بہٕ تہِ وَسہٕ تھہہِ سۄ درس''

تہٕ پانٕسے ستۍ وۄنُن......

''نہٕ نہٕ بہٕ تہِ کھسہٕ شُنٛزیَس زول دِنہِ......بہٕ ژھارٕ تتہِ تی یہِ مےٚ ییتہِ روومُت چھُ......پنہٕ گُنہِ چھُم ییتہِ نظرِ یوان''۔

زیۄٹھ شہہ ییٚتھ وُنُن..........''آ......آ......''

تہٕ أتھۍ ستۍ گۄونےٚ سنٛگاہ کٔدلہِ بینہِ پٹھ کھٔسِتھ ـ مےٚ گیہِ گُنی لران۔ تھار

ؤژھم ...... میٚون یہِ حال کُس وُچھِ ہے...... تِکیازِ أسی أسی صرف زِ ے..........راتھ أس پٔژن داتُھر وٕہراوان تہٕ زٕون أس زٕول کرنس ہٕتی مَس۔ یہِ اوس کٔدلہٕ بیٚنہٕ پیٹھ وودنی روزِتھ...... باسان أہم أمس تانس تانس زن نٔٹھ یوسہٕ گرِ کھوتہٕ گرِ تیزان أس۔ مےٚ کُن گٔرِن نظراہ تہٕ وۄتھ..........

''واہ......موٚ درمس چاٚوِتھ کیاہ چھن کأینات مژِ نیندرِ ساٚوِمژ...... کُنہِ تہٕ سِتھ تہٕ نہ صداہ وِ ے......تہٕ کُنہِ رنگہٕ کانہہ تھوتھ......میانین ٹاربن ہُنٛد شِشُر وبگلو وژھوپہِ ہنٛدی زیرِ بمن ...... میانہِ جنٛوٗنک ٹوٹھ مژر......یُس ہژر ریٚتھ موٗژیامُت ، رٔہتھ تہٕ روزِتھ اوس آوزَن جوشہٕ''......

أتھی مژ وۄنُن مےٚ تکرِ ہٹہِ......

''کیا باسان؟

تہٕ کیاہیکہٕ ہاوٕنتھ......أمی ہنٛدی سوال تہٕ أمی سُنٛد اضطراب اوس مےٚ گرِ کھوتہ گرِ بامبراون۔ توتہِ پژ وژہمس......

''ہاں......مےٚ وۄنتھا کینٛہہ''؟......وُچھی کرہٕ وگنٛڈی ڈٔرِی۔ وِگنین ہُنٛد وَنہٕ وُن تہِ چھُیہِ ژٔ ے......وورے باسان۔''

أتھی ہٕتی تژ وۄن زیوٗٹھ ووشاہ تہٕ ''ہاے'' کٔرِتھ لوٗگ کٔدلہٕ بیٚنہٕ پیٹھ أنٛدری خبر کمن حالن گرنٛد کرنہِ......مژی لوٗگ مےٚ کُن وَننہِ......

''تراو......دۄپےٚ ناتراو یمہٕ کتھ۔اتہِ گژھِ دِل أنہٕ تہٕ چشمہٕ آکاش

آسنہٕ۔ ژٕ کیاوُنہِ وُچھأنی......رٔژھ!!!''

''کیا''؟......مےٚ وۄن یورٕ خبر کتھ عالمس منٛزٕ یرٕ گژھتھ۔

اورٕ وۄتھم بڈٕتھ تہٕ بولتھ......

''ژٕہانڈ......تہٕ لینچ کرکوشش......سُتہِ گوا آدم ییس نہٕ لبُن تگہٕ''

یہِ وُنتھ ژٔٹ أمی کتھ......یہٕ رودُس یورٕ أمس تھلہِ تھلہِ وُچھان......تہٕ

أمی ہنٛدی یمہٕ ارٕ سرٕ ژرژان......

''بوزان چھُکھا بھایا'' یہِ وۄتھ مےٚ کُن......''سُتہِ گوٚو وا آدم ییس لبتھ

راوِ......''اسن کھنگالا ترٕ دوٚن.........

''مےٚ لوٚب ازیژٕ کالی تہِ، یہِ بہٕ ژھاران اوسُس......ژےٚ کیا''؟

''دلبنس تہٕ راونس منٛز ہینہٕ آمُت کوٚت واتہِ سہٕ ڈوکہِ تہٕ ژھوکہٕ''

یوٚ دوے مےٚ یہِ پانٔسۍ ستۍ ونیاو۔ پوٚز تِمس کھژٕ ڈبکس دِژٕہ تہٕ لوٚگ

وَننہٕ......

''ناوومیدی چھُنکھ زیوٚنمت۔کلہِ پیٹھٕ نلس تام چھنےٚ کُنی ژھٹھ

کڈٕہٕ مژٕ''۔

أمی وَننٕ زأجنم وأنج......پوٚز کرٕ ہاتہِ کیاہ......یمہٕ زُرکہِ چھم بوز

نہِ۔ أتھی ستۍ وۄتھ......

''بوز واوٕ رینگہٕ چھےٚ کلبن کٹبن نغمہٕ گیوٕناوان......وُچھ پُرخمار رأژہنٛدی

پرکیاہ چھِ مَس یاونس آےتہٕ پاے کانٛچھان۔''

أٔتھی ءستی گیہِ تِمس لرن ہِش تہٕ وۄنُن مےٚ گُن......

''ونسا...... ژٕ تہِ وَن؟...... ژےٚ تہِ دِژنے اَچھ تہٕ مےٚ تہِ...... ونتہٕ تیلہِ؟''

مےٚ ژۄل ہنگہٕ منگہٕ یوٚرٕ نیرِتھ...... ''ظلماتس چھُ از تارٕ کورمَبہٕ وُن زُولا کوٚرمُت...... زۄن...... واہ واہ...... زۄُنہٕ گاش سأرسے چھلان، چھوکان تہٕ گژاہ گھ کاسان۔''

''چھُنا''...... شرارتہٕ سان وۄنُن مےٚ گُن

''بِلکل کیٛازِنہٕ۔''

میٛأنس اتھ جوابس ءستی پھوٚجی اُمی ءسنِد بن وُٹھن پیٹھ اسن تزاے ہِش تہٕ وۄنُن، مےٚ گُن......

''کتھا گرِتھ تہٕ ستھا گرِتھ''!!

اُتھی ءستی گوٚو زَن تس اندری دم...... یہٕ گوس نزدیکھ پھن اَتہِ اُس مے صرف شِھن ہِنز کھال وال کنن گژھان۔ پننِ کنِ کرِیام ہسبٹھاہ کوشش یہِ مژرِنا زبان۔ سہٕ کیُتھ ـــ مےٚ باسیاو زنتہٕ تِمی ءسندِی وُٹھ جنوژاُپہٕ متی یمن ٹلہٕ تراو کرُن مُشکل اوس۔ وُں ہیٛتن زۄنہِ پننِ مدہٕ ماأتی پوٚری شوقہٕ سان تراوِنی۔ یوٚتاہ سہٕ تھدان، تیوٚتاہ آسہٕ تِمی ءسنز اَچھ درس لگان۔ نصف راتھ تہِ ہیٛژن ڈٕلنی مگر یہِ تمی انمانہٕ مُدٕے گنڈِتھ۔ مےٚ تہِ لوٚگنہٕ وُں کانہہ چارٕ کٔدلہٕ بینہٕ پیٹھ کھستھ زۄنہٕ رأژ نظارٕ ٹلنس ـــ مےٚ تہِ آسہٕ زن نظرٕ یوچھِ ہوٚ باسان۔ تسلی تہِ اوسُم

نہٕ یوان۔ کوہ تیتالسِن نظر اترأ وِتھ أسم بدلے خیال أندرٕ زوان...... بہٕ تہٕ ہرٛ انس راوُن ہیوٚ اگر نہٕ تس اؤش دَدرائے ژلہِ ہے نیرِ تھ تہٕ تھوٚ دگرٕ ہِ ہے وٕتھِتھ۔

"ونسا بھایا...... وٕں...... مےٚ تلِتھ جنوٚن ...... ونان کونہٕ چھُکھ یاگوٚو زبان پھِھے نہٕ؟...... دم کیا زِ گے؟...... پننہِ وقتہٕ کرٕ ناوی کتھٕ۔ أندرِ مس طوطس بولہٕ ناوی ژھبنہٕ رؤستے...... خبرأ یہِ کینٛہہ سمجھ؟......"

مےٚ آو یکدم زِیوٚ پیٹھ...... "کتھ تام بارگاہ چھیس نمنچ فِکر دامن گیر۔ توے وٕژھ پانس شک کاسنہِ۔ گوڑٕ أمی سنٛز پُرشباب ژھاے تہٕ پتہٕ لٔج سونہأری تن آلبس اندرناونہِ۔"

"اوہ دوٚ دُس!!"

أمِس ژٕج گنی کرٕ یکھ نیرِ تھ...... مےٚ دِژ یکدم نظر...... أمِس اوس دزٕ وُن سگریٹ أتھس منٛز خبر کرٕ پیٹھٕ دزان، ییمی اوٚ نگجن آمہٕ تاودِتھ پلون تام ژھٹھ أس کڈٕ مٕژ۔ یمکی تژرن یہِ وُزٕ ناوِتھ چکھ دِیوو۔ أتھی ستی نمے یہِ أمی سنٛز نظرٕ بوٚن گُن۔ لتہٕ أس زؤن پننی سونہأری تن ناونس منٛز مَس۔ تژھ کرٕ یکھ دِژ أمی، سأرِسے أنڈی پکھِس وٕژھ تھار۔ تہٕ لوٚگ کھِکھرٕ ماران ماراں وَننہِ...... "آ...... ہہ ناہہ......!!" ٹھہہ ٹھہہ کران ترووُن اسن کھنگالہٕ............

"ہیے لالا مےٚ گن"

مےٚ زن نہٕ بوٚزٕ ے...... بہٕ چھس أندری گلی گلی گژھان یہِ حال أمی سُند

وُچھِتھ ۔ اَمی دِژِ مےٚ زیر ......

" یا گۄو بوزان چھکھنہٕ ؟"

بہٕ کیا وَنہٕ ہا یورٕ ...... مےٚ نِش اوسنہٕ کانٛہہ جواب اَمی سُنٛد بن سوالن ۔ اَمی وۄن بےٚ فور سَتھے ...... " رٹھ ساپانا ...... تھاوتہٕ کتہِ تھاوکھ ...... از تو رُے یژِ کالی ریاضس بدلہٕ ...... آہ ...... از ...... از مےٚ زۄن ...... گاہ ژھٹہٕ وُنی نافہٕ بأ گران مےٚ ہمسایہِ ...... نہٕ نہٕ ...... میانِس پدٕ بن تل ...... نہٕ قطعن نہٕ ...... اَمی سنز جاے پِھنہٕ پدٕ بن تل ...... یہِ شوٗبہِ شیرِ لاگنز ......" ژےٚ وۄنمے میأنی اکھ کتھ تھأوی زِیاد ...... ینہٕ مُشرکھ ...... حبس گرزِ ...... اَتھی وَنِس ستی ژٕ جس وٕدن باکھ نیرِتھ ...... مےٚ وۄنمس یورٕ ......

" وٕنتھے گرٛھ ...... کتھ کیا زِترأوتھ اَڈ وَتی "

" نہٕ ترٛھ پِھنہٕ کتھ ۔ ونے ...... ضرور ونے ...... وننہٕ بغأر کتہِ روزٕ ہا ...... تیلہِ بوز ...... کن دِتھ بوز ...... خبر یوٗن زمانہٕ کیتھ کیا آسہِ ...... باسان چھُم خبر ماے تہٕ موحبتھ ماگرٛھ نیٹھ ہاوِتھ ...... پتہٕ روزن کتھے یاژ ...... کتھن مولہٕ وَن وأنی آسنہٕ کنٛہ نہٕ ...... تہٕ زِلنہِ سُے ۔ "

مےٚ اوس نہٕ کہنی فکرِ تران ۔ نہٕ اوسُس یورٕ کینٛہہ وٕنتھ ہیکان ۔ یہِ وۄتھ پانسے ستی ...... " پانا یہِ دم چھی غنیمتھ ۔ آدمن کۄر سنز تہٕ لأنِس کمنٛد ...... اول وانگُن کۄ ڈنس نُن ...... مگر از آیہِ مےٚ خوش بختس ہلم دأرِتھ ...... پانا رٹھ سا ...... وق چھی غنیمتھ ۔ "

مےٚ ژٕج کھورو تلہٕ زمین...... پانس تام روٗدُم نہٕ اکھ ژھ...... تہٕ ووٗنمس قہرٕ سان۔ ''کتھ گوکھ ژھایہ پتہٕ مُتۍ مُتۍ...... ژھایہِ رٕگیت پنہٕ گرٕژھی''۔

''دم کر...... اتہِ اور مہٕ مُشر زبان...... ژٕ کیاہ زانکھ ژھاے پرٕزٕناوٕنۍ...... ژٕ کیاونکھ!!۔میٲنیوأ چھووُ چھ گژاے تہٕ تژاے یوسہٕ ژےٚ ژھاے چھےَ باسان۔''

یِی ونان گوٚ ونےٚ سنگاہ وٕتھتھ تہٕ لأےٚن ژھایہ پتےَ ووٗڑھ۔ آبس کھتۍ ملر زنتہٕ روپہٕ ورق اکھ أکس نِشہِ ژھبنہٕ گژھان تہٕ اتی اکھ أکس نالہٕ موٚت گرِتھ یکسان باسان...... گژانہِ تھوٚد تھوٚد ووتھان...... بوڈان تہٕ ووتلان......... أتھی ودتلنس تہٕ بوڈنس ستۍ گوٚ واکھ زِندٕ وجوٗد وُچھان وُچھان مےٚ نشہِ ژھبنہٕ تہٕ زوٗن أس پننہِ مستی منز آبس اندر غوطٕ غوطہٕ کران۔



# سِرِ ساأوی آواز

''ہے تلہٕ ساتۍ اوتہٕ یمہٕ کتھٕ''۔ سُہ......سُہ گولاب روے......قدِ شمشاد!
مانتہٕ أُلف ہیٚو......کُنہِ نہٕ ڈوکھ''
پیٚتہٕ بوٗ زِتھ وۄنمس مےٚ......''یمہٕ کمہٕ رنٛگ''
اورٕ وۄتھُم ہُدِتھ تہٕ بوٗلتھ......
'' ژےٚ کیاہ ژٕری فِکرِ......ئۄشہ چُھس کران أزی چہِ کوچھِ منٛز پگہک
آفتاب پۍ زلاوٕنکی۔ گنٛڈ زۄل گاشہٕ ناوِتھ...... ارمانن تہٕ ہاوسن لاگہٕ نےٚ
کرٕنی تہٕ موٗت یاوُن جوشہِ اُنُن''
''کیاہ موٗت یاوُن؟'' مےٚ ژۄل ہنگہٕ منگہٕ نیرِتھ۔ یہِ وۄتھُم اورٕ......
'' آ موٗت یاوُن......اوہ!! أزی چہِ منقلہِ وُ ہنو میانہِ وجوٗدُک مۍر۔
لوٗ گمُت شِشُر''

تہٕ لوٗگ پانٕسے ستی وننہِ ......

"توبہ!......توبہ......مےٚ ماہوٗن...... مےٚ......مےٚ چھُنہٕ ننٛدرٕ ییوان۔

بٕہ......بہٕ مشرٲوِتہٕ سوٗرے......یہ زانٛتھ زِ سہٕ......سہٕ اوس خاب"

پانٔے لوٗگ پانس سوال کرنہِ......

"تِمہٕ ماد پن؟......نہٕ قطعن نہٕ......سہٕ اُس حقیقت۔ اکھ ٹاکارٕ تہٕ نوٗن

پزر۔ مگر بہٕ......بہٕ کیاہ ہیکہٕ وٕنِتھ۔ زن نہٕ مےٚ کُنٛہہ پتہٕ ہے چھُ"۔

یِ ونان ژٕ جس ہنگہِ منگہٕ کرٕ بکھ نیرتھ......

"ہاے گرٕ ھ نا کُنہِ آواز......آواز موٗدرتہٕ رٕ یج......سٲری خوفتہٕ......

ہوٗنٛی ٹھونہٕ کُنہِ کنٛن گرٕ ھان......یہٕ......یہ کاینات زن تہِ موتہٕ چھِہ ننٛدرِ

پیٚمژ۔ راتہٕ موغلو پننہِ حُکمرٲنی ہُنٛد دفتر وٕ ہرووٗمُت......گرٕ ھ نا کُنہِ انٛدٕ انسانٛیتچ

آواز......سہٕ آواز......یٚمہٕ ستی میوٗن وجوٗد وقتہٕ کہوٗزولانو نِشہٕ مُچھِ گرٕ ھ۔ سہٕ

آواز۔ تتھ منٛز تِمہٕ نغمہٕ آسن یمہٕ ننٛدرِ ہتھن وُزناون......"

سہٕ گوٚ وتھوٚ دوٗ تھِتھ تہٕ ہیوٚتُن نالس چاکھ دیُن۔ بڑ بڑ لوٗگ وننہِ......

"مےٚ دوٗ دِل......بہٕ......بہٕ ژٕلہ یمہٕ زِندانہٕ منٛزٕ......میانٛی کرٕ یکھ چھُنہٕ

کانٛہہ اکھاتہٕ بوزان......بہٕ......بہٕ کھسہٕ نوِ انمانہٕ تھزرس تہٕ دِمہٕ پانٔے پوگس

پھوکھ......نہٕ قطعن نہٕ۔ بہٕ کیاژٕ نیرٕ یمہٕ ژالہِ منٛزٕ"۔

اُتھی منٛز پیوٚ وپتھر۔ زیوٚٹھ وو شاترٕ اوان وِژُن......

"ہاے! راتچ کتھ......سو کتھ!!......یٚلہ تِمہٕ پننہِ نوزُک تہٕ نرم گلی آلہٕ

وان آلہٕ وان میانٕس حُبابس گڑکھ کھاج...... میانہِ وَچھ دُبرائے لٔج تمہٕ آیہٕ وولنہِ...... پیٚتہِ منہٕ سٔدرس مٔلر ووٚہٕنی ہیٚتِن۔ بارٕ بٔگہٕ پتھ لٔجم گڑاے...... گڑاے، پیٚمہٕ نہٕ میٚون زُون پاے زون۔ زن ژٕجم بالہٕ پرٕ کنی۔ یٚمہٕ بہٕ دُکرووس۔ سوٗ اُس وُنہِ گُلنن واش کڈانی تہٕ میٚون وجوٗد آوو وٕلستھ۔ درشن دارِ کنی پھوٚ بون۔ وٕنی چھم یادن ہُنٛد بارژٕلہٕ لارکرٕ ناوان"۔

بیٚیہٕ گوٚو تھوٚد وٕتھتھ۔ لٔبل کران تہٕ وَچھ ژٹان۔ خُشک زبو وُٹھن پھِرونچ ناکام کوٗشش کران...... پوٚز اڈٕ کجہِ زبانی ونان......

"راتچ کتھ...... سو کتھ یوسہٕ ذِہنس گتہٕ رِگیوٚر چھم تُلان۔ بیٚیہٕ انٛدٕ شامکی ملہٕ وٕنی شفقکی رنگ ذِہنس زٕلن دِتھ نۆی طرح تڑ اوان"۔

ووشاہ تڑ وُن تہٕ وَدٕ نہٕ ۂٹہِ ووٚتھ پانسے گُن......

"کس چُھنہٕ رأژ ہُنٛد انتظار آسان۔ سو کٕہ سوچھِ لر تڑأ وِتھ صُبحہٕ کس خوش ہوٚہس نافہٕ ژٕہنکی خاب گس أکس چھنہٕ ووتلان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ کلِ گنی راوان۔ خبر مے کیاہ آولانہِ"۔

گُنی ٹھول تڑ اُون لبہِ...... بہٕ بامبریاس، بہٕ گوس تھوٚد وٕتھتھ تہٕ کرمس نرہن دون زورٕ تھپھ تہٕ ووٚنمس......

"ژے کیاہ سارووے...... راتچ کتھ چھنہٕ ازکرٕنی جان۔ راتھ گیہٕ، ژٕ سونچ ووٚنی پگہک"۔...... بہٕ اوسُس وُنہِ ونانی تہٕ یکدم ژٕٹن میانی کتھ۔

"دٕ چھنے تہٕ کھووٕرِ...... تالو پٔتھ پتھرِس تام صِرف تمہٕ شکلہٕ ژھلیہٕ گتی

کران......وننہٕ اتھ کیاہ وَنکھ" ۔ مےٚ دِژ ن زیر......

"آدم چھُنا آدمی رٔتہٕ اتھہٕ رنگان...... آکاشہِ پیٹھہٕ بتراۓ ژ تام سأرٕے کائناتہٕ نالہٕ دِوان، وَدان تہٕ رِوان۔ گُلی دِنان دِنان پننس گری مٔتِس پیٹھ ماتم کران"۔

"گری تن۔ ژےٚ کتھ پیٹھ پانس بار گوٚ براوُن۔ مہٕ ہےٚ دِلس پیٹھ۔ اُمہِ مٔژ نیری نہٕ پراکندی بغأر رٔکھنہٕ"۔ میون یُتُے وُنن تہٕ أمِس ژٔج کُنی اوُش وَدراے نیرِتھ تہٕ ووتھ مےٚ کُن......

"ژےٚ کیاہ گژھی...... وُچھ وارٕ وُچھ"

کیاہ وُچھ، بہٕ چھساچائی پأٹھی باور۔ یہٕ میون وُنن گوٚ وأمِس سخ۔ وہ شلُن پھیوُرس سأرِسے بتھس تہٕ لوگ بڈٕ نیزمی سان وَننہٕ......

"وُچھ پرٕتھ طرفہٕ گئے گٹہٕ...... أچھ مٔژ ! گراوٕ نگہٕ تژ اوکھ، سُتہِ ییٚی نہٕ اتھِ۔ ژٕ وُچھ وارٕ۔ رأژ وَہراوِ کٕنی پَر پوٚرٕ پأٹھی۔ سأرٕے کائنات ژأپن۔ دیان چھس گژھنا گنہِ آواز...... سو آواز...... کانہہ گژھہ ہے بیدار...... یُس مےٚ پرٕژھہ ہے...... بہٕ وننہٕ ہس کیاہ چھُم بٔنتھ آمُت۔ چھُنا صلح بہٕ تژ اوِ تمی لنٛدٕ چ دأر یلہٕ...... نیپری دِمہٕ نظراہ تتھ لنٛدس کُن"۔

پانسے ستی تژ وُون اسن کھنگالاتہٕ دِژن دارِ زورٕ تھپھ...... دأر گیہِ یلہٕ تہٕ تژأوِن سیدِ سیوٚ دمکانس نظراہ۔

"ہاے! راتھ شام آسہٕ اتہِ کتھہٕ گوٚ ھان۔ کتھہٕ، تمہٕ مُدرٕ تہٕ میچھ کتھہٕ۔

دِل اوس پھولان۔ وُچھتہٕ ہُتھ زُوٗنہِ ڈٚبہٕ پیٹھ ماگنہٕ رِتھ ستھا۔ کُجا امہِ جایہِ
ہُنٛد خوشوُن واو، یُس ہوکھی متین ہنبرن گرژٕ ناوان اوس۔ نئے زبائین اوس
زبان انان تہٕ میانہِ وونٛدٕ چ منقل تہٕ وُہناوٲمی۔ توبہ توبہ مےٚ کتھ پیٚیہٕ اَتھ
کُن نظر۔ مےٚ زن چھُ یہِ انٛدٕ ے از کھیٚنہٕ یِوان۔ آ۔ مےٚ پیوٚ یاد۔ سُہ یاد،
یُس میانہِ وجوٗدٕ چ اکھ قیامت چھےٚ۔ سُہ تہٕ اوس دوہاییلہٕ یہ اوسُس اُتھی
زُوٗنہٕ ڈٚبہٕ پیٹھ ڈیرٕ دِتھ سٕرٛ کران۔ زندگی ہنٛد بن دوکھن تہٕ دادبن، سوکھس تہٕ
مُہمس ژٲر کٔرِتھ نٔوی انمانہٕ حقیقژٕ ہنٛدی خاب وونان...... از...... از یہے
زُوٗنہٕ ڈٚب نظرن نہٕ واشے دِوان کڈنہٕ...... یوٚرٕ لولہٕ نظر ترٛاوِتھ، اورٕ زن شہمار
بُچھنہِ یِوان"۔

یہٕ آس نہٕ ٲمی سٕنٛزٕ یہِ دٕناسیر بوزان بوزان۔ تٔمی وُون پانسے ٕستی......

"دِیوٗ پانا دَروازس تھپھ تہٕ ژٕلہٕ ییمہِ زِندلنہٕ منٛزٕ"۔

کُنےٗ ٹاس گوٚو، درواژٕ پوٗٹ آوہورلاینہٕ۔ مےٚ کڈٕ ووٗتھ۔ تام ہیوٚت ٲمی
ہیرِ وَسُن۔ مےٚ چھُ وُٕں کَنن گوٗہان صِرف ٹھک...... ٹھک......ٹھک
آواز...... سُہ آواز یُس زن تہٕ مےٚ کُن ونان......

"مہٕ بامبر...... ہناہےٚ صبرس کاٲم...... بےٚ صبری چھِ گنہ وِتہٕ تہٕ ڈالان۔
تھاوکن تہٕ بوز...... راژہ ہنٛدِس یتھ گٹہٕ کارس چھُ وُٕں سوٗری گوٗہن...... ہنا کر
ٹھٔہراو، یوٚ تام صُبحُک پرتوٚ پیٚیہٕ"۔

"ژٕ...... ژٕمہٕ ژٕل...... ژٕ روز"۔ یہٕ ٲس میانہِ ضمیرٕچ آواز۔ یُس مےٚ

بڑ وٚنِہ پکنس ٹھا کھ اٚس کران۔

سُہ ووت بڑ انٛدس پپٹھ تہٕ بہ اوسُس اٚمِس پتہٕ پتہٕ پکان۔ بڑ انٛدس نِشہِ واتانٛی گیِس گُنی لرن تہٕ گوٚ ووَنان......

"اوہ!! یِیتہِ نَلکہٕ تام خوشِک...... نالیٚن ہُنٛد آب تام بےٚ حرکت زن تہٕ لٚگِتھ...... آہاہا!!! مےٚ ژٕجہِ نظرن ڈوکہٕ، واشا کوٚڈُکھ......نتہٕ اوس میٚون وجوٗد چاردیوٲری اندر قاد۔ میٲنی چھوچھِ کٔتٕری کرٕوٗنی امار اٚسی دَم پھٕٹ۔ کُلۍ کُٹۍ تام ژھوپہٕ دَم گرِتھ۔ ہاے گُجاراتچ کتھ...... یِیلہِ واوِ رِنگہِ ءستی پنہٕ ؤتھر گُلی آلہٕ وان آلہٕ وان ژٕرِپوٚپ اٚسی کران...... جاناوارن ہُنٛد بولبوش اوس مےٚ وجدس انان...... مگر بہٕ...... بہٕ پانہٕ ہٕتھ...... راتہٕ چہِ بوٗنہِ تِہرِس مُدٕ ے گٔنڈِتھ، یِیتہِ تَمہِ وِزِ آوازن ہُنٛد گرزاوس۔ ازنہٕ گُنہِ سِتھ صداوٕ ے"......

وُٚنی کنبس تہٕ چھُم آواز کنن گژھان...... آواز...... وُچھتہٕ کوسہٕ آواز...... صِرف، ووٗل، ووٗن...... ظاہریا راتہٕ موغُل...... سُتہٕ شاید مےٚ آلو دِوان۔ بہٕ مازوٗنس اٚمی پٕٹِن ءستی بوج۔ آ...... بہٕ تہٕ چھُس اٚمی ہسے ءستی پٔنٛنس گُدرنس گرژند کران تہٕ پتہٕ پٔنٛنِس عالمس گتھ دِوان دِوان آلو دِوان......

ہاے!! ہُہ بٔنگلہٕ، پتہٕ ازانہِ گُٹۍ آوٗٹمت...... ازچھنہٕ اتہٕ شُری پھیانگ تہٕ گوٚہان۔ راتھ اوس جیلان۔ اُسن رِگنڈُن تہٕ شُربن ہُنٛد چُری گٔیش اوس دِل نوان...... کوسہٕ لطافت اٚس لگان ہٕتھ بوٗنہٕ ءستی ڈوکھ ترٕ اٚوتھ اتھ چُری گِشس...... اکہِ انٛدٕ ریڈیوٕچ موٚدٕرتہٕ میٹھ لے تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ بال جی یُن

سنطوٗ رواٮِسُن تہٕ رادھایہِ ہُنٛد زأوِج تہٕ أوِج لَیہِ منٛز گیوٚن لہر ترٛاونی ......

شَہمتنہِ کارٕ کتھ پھٕو مےٚ ریڈیو یاد، ترٛاو تہٕ سچ ...... اورٕ پنجاب، نمیبیا، افغانستان، کشیرٕ تہٕ اسرأئیل ...... پیٛتی گے مارٕ ...... ہُتہِ گوٚو بمبار پٕچن ہنٛدِس ژاٹہٕ ہالس، موصمن ہنٛز خوٗنہٕ کوٗلہٕ وَژِھ۔ یَیتہِ گوٚو گرنیٹ، درجن واد گے زخمی، ہُتہِ گے کرٛاس فائرِنگ منٛز پیٛتی مارٕ تہٕ تیٛتی زخمی، ہُتہِ گے پیٛتی مکانہٕ مارٹر شَلہٕ سٟتی نارٕ بُزی۔ آدمہٕ آدم رتہٕ اتھٕ رنٛگان تہٕ أندرِم نارٕ شیٚہلاوان ......

بہٕ ووٗتُس خبر کوٚت ...... پرٛتھ اَنٛدٕ چھُم گرٛشیٚچ تہٕ گٹہٕ زٕچ ژھاے روٹہٕ کران۔ جان کوٚر بال جی یَن تہٕ رادھایہِ، شُری مُری ہیتھ ژوٚل خبر کپأری ...... خبر سہٕ سنطوٗ رنیانہٕ سٟتی کِنہٕ اتھٕ پھوٚرُس ......

بہٕ کتھٕ سٟتی لوٗگُس ...... کمی آوٕلنٕ روٗٹُس ...... وٗل کتہِ لگِم پرٕونی ناوبال ...... مےٚ چھُنہٕ بوٚٹھے نظرِ یوان۔

"ہاے! گرِژھ ناکُنہِ آواز ...... سہٕ آواز یتھ منٛز زِندٕ روزنٕچ شیٚچھ تہٕ پگہُک لوٗبہٕ وُن سامانہٕ آسہِ۔ انسانیَتٕچ مُرٕجہ تہٕ میٹھ آواز آسہِ"۔

بہٕ اوٗسُس أمی سُند حال وُچھِتھ أندری گلان ...... زبو أسہِ گگبہٕ بون گرٛھان۔ سأرِسے پانس أسہِ تھارو وتھان ...... مگر کرٕ ہاتہِ کیاہ ...... یام یہِ وولُن اوس ہوان تام اوٗسُس بہٕ اَنٛد کُن موٗژان ...... أمِس اوس أچھو منٛز زن دٕرِیاو وسان تہٕ شُری ہنٛدی پأٹھی اوس شُرٕ وکنِن ژامُت تہٕ پانسے سٟتی کتھٕ کران ......

''آ...... أمی نارن وبگلو ومیٖون وجۄد...... ألِف ڈۄ کرووٗن تہٕ کوٚرنس

میم !!...... میم...... مُڈٕ...... ڈۄ کیاٚمُت تہٕ روومُت وجۄد۔

پتھ رۄدیہِ بٔنگلہٕ...... راتھ شامہٕ ژھیمبرٕ میلنہٕ وِزِ دژایہِ اپاٚری اکھ لاش۔

نہٕ...... جنازٕ...... پتہٕ پتہٕ لگہٕ ارساتھا۔ خبر سہٕ لاش کٔہنز أس...... سہٕ ماأس

میانٮن امارن ہنز لاش۔

مگر...... مگر بہٕ پانہٕ...... آ، میٖون زِندٕ آسُن اکھ مُعجزٕ...... راتُک چُھم یاد، تہٕ

وُنہِ چُھم سہٕ حال أچھنٕ تل۔ ییٚلہِ تموٗ نوزُک تہٕ نرم گلوٗ میانہِ وَچھ دُبراے

وولہٕ ناٚو، ییمہِ وِزِ میانہِ بوچھِ ہنٛز نظرٕ آسہٕ کتھ تام ژٕہان......

مےٚ رۄدنہٕ پانس تام بہٕ آس وُکراونہٕ...... زنتہٕ کنہِ پھوٚل آو بالہٕ تھونگہِ

پیٹھٕ وٗستھ۔ کانٛہہ آواز دژایہِ نہٕ...... بہٕ تُلہَس خبر کموٗ تہٕ واتنووہَس اتھ

زِندانس اندر...... نہٕ...... نہٕ...... قبرِ اندر...... اوہ! مےٚ چُھنہٕ سیٖوٗ دتہِ بنان

روزُن...... واشےٚ چھم نہٕ نیران......

أتھی منٛز ژٕجس کرٕ یکھ نیرِتھ......

''ہُہ بٔنگلہٕ...... راتھ أسِس دَر دیوار اسان۔ اسُن رِگنٛدُن تہٕ

چُری گِنٛدُش...... از دم پھٕٹی سورُے۔ میانہِ نظرٕ لجہٕ کیاہتام ییٚتہٕ نَس ژھارنہِ۔

خوشوٗئی واون تہِ ہیٚوت لول بأگرُن...... سنگرتہِ لگی پھولنہِ۔ بۄنہِ پنہٕ وٗتھرتہِ

لگی ژرِپوٚپ کرنہِ...... صُبح کہٕ واوُک ہُوہُو تہِ لوٚگ بےٚ قرارن قرارٕچ ژینہٕ

دَن دِتھ آلو کرنہِ...........

''بیہہ، وَلہٕ چھاوخوشوٗنہٕ ہوٚہچ تراوتھ...... وولہٕ ژھوٚراوأندرِیم دٕزِوُن نار...... پھولراونارس آہکی پوٚش۔ تمہٕ پوٚش یمہٕ انگس انگس مُشکاوِنے''۔

أتھی وِنٛس ستۍ لوٚگ پتھ پتھ ژٕلنہِ تہٕ بیوٚٹھ کتھ تام کُن دأرِتھ...... وَنہٕ نہٕ۔

''واہ...... یِمہِ بٔنگلہٕ کہِ بامہٕ پیٹھ کَرِ تہٕ چھِ وُنی کنٛبس خوشوٗنی تہٕ موٚدرِ آوازٕ کنن گژھان...... کیاہ میٹھ تہٕ موٚدٕر آواز...... ووٚنٛدٕ لوٚ گُم وِسنہِ۔

آواز...... سوآواز............

''قدم ٹھہراو!! مہٕ ژٕل...... تژاوراہچ کتھ...... أزی چہٕ کوچھِ منٛزٕ للو پھُٹک آفتاب...... رأژ ہندِس یتھ گٹہٕ کارس چھ وٕں سوٚری گژھن۔ صُبحکی شفق چھِ پرتَو تژاون وأنی...... کرستژ...... سترٕ کر۔ صُبح کِس واوس نافہٕ ژٕہنکی۔ آ...... آ، بلکُل صُبحکی واون تژوو پرتَو......بہٕ......وٕں پژارِ بہٕ پیٚتی......

''تژاوسا پانا راہچ کتھ وٕں......

شاید کوٚڈُس بہٕ أمی آوازِ قبرٕ أندرٕ تہٕ واتنووُنس یوٚتُن......



# اکھ قیامتھ

کالُک بتہٕ چھُم یاد ییلہِ خوجہِ نٔبرن خورشید احمدس بڑِ چکہٕ چاو سان کھانٛدر کۄر۔ سأرِسے محلس آوزۄل کرنہٕ۔ کأنٛسہِ دِتکھ نہٕ دانس تیۄٚ ژنگلے ترٛاونہٕ۔ محلکِ لوٕکٹ کیٛو بٔڑی، زَنہِ کیٛو مۄہنٛوی اَسی اکھ دوہ بڑ وَنٛٹھے خوجن گرِ أنٛزِ ٹتہٕ واز وان اوس طیَس پیٹھ چلان۔ مأنٛزِ راتھ دوہ اَس سأرِسے بستی دعوت۔ کأژاہ پرٕ بارے اَس پرٛٹھمن کیٛاو ہمسایِن ہنٛز۔ امہِ کھوتہٕ اوس سبہِ دوہہٕ دُم دام۔ أندی پکھی گامن تہٕ شہرِ یم تہِ رِشتہٕ دار، یار دوس کھانٛدرس پیٹھ آمتی أسی، تِم اَسی کن رٹان زِ یہِ گۄو نہٕ کھانٛدر، یہِ گۄو طوٗفان، یِیتہِ پیٹھ حدٕ رۄس فضوٗل خرچی، ہاو بھاو تہٕ رِیاکأری آسہِ۔ آتش بأزی تہٕ نغمہٕ کرن والیو یُوت رقم نیوٗ، دٔرجنہٕ واد یتیم تہٕ نادار کوربن ہنٛدِس یینہِ وأرِلس لگہِ ہے تِتہٕ۔ پۄٚز زاتھ کیٛاہ ونو...... "چھُم تہٕ کرس کیٛاہ"۔ رحمان مُقدمس پھرے یاد یتہٕ وَنُن......

''خوجہِ نبہٕ! مَتہٕ کرتہٕ تہِ یمہٕ ستۍ شیطان تہٕ منٛد چھِ ۔ گامچہِ کورِتہٕ کٕٹۍ یم مائزِ وُنی کٔنبس اتھ دأرِتھ چھِ ، تمہ چھنا چأنۍ اولاد ۔ تِہنٛدتہِ کرتہٕ پاے''۔

اورٕ ووٗتھس خوجہِ نبر......

''حُسنہٕ غمخوار لأگن گیاو جانٕے ، مگر مُقدٕ ماژٕ ہیو تنگھ وٕن ڈٔلُن ۔ چانہٕ خاطرٕ چھنہٕ یہِ جان کتھا ۔ کاش یہِ نہٕ ازیینہٕ وول آسُن ۔ اتھ زبان درأزی کرنس پیٹھ ہاوٕ ہے تہٕ ، پٕنہٕ......''

اتہِ اور دیٚت نس نہٕ مُقدمن کہٕنہٕ وننہٕ تہٕ آس بڑ ونٛتھ کُن تہٕ ووٗننس

......

''نبر خوجا...... ! سُہ تِلہٕ وأنۍ وان تہٕ ٹین چھِیا مُشی تھٕے گوٗمُت ۔ ٹین بوہرِ منزٕ تہٕ تِلہٕ وأراتھس منزٕ ٹتھ برَ پتہٕ برٕ پھیرُن چھنا ازیادٕ ے''۔

مُقدٕم دژ او شرارتہٕ ہوٗتے ونان ونان......

''ولہٕ ساو ونی کمہٕ دو ہےٕ روٗدِی''۔

مُقدمن کتھ کُن دیُت اشارٕتہِ زانہِ سٕے ۔ مگر نبر خوجہِ اوس وُٹھ بڑ کان ونان......

''وُچھأمس شکس لدس چھےٚ پنہٕ نیے شکس کُن نظر''۔

یورٕ آو مُقدمہ سُند نیچوٗ یُس مہراز س یارتہِ اوس ۔ تس اُس نہٕ کٕنٛج پتہٕ ہے ۔ یام خوجہِ نبس أمس پیٹھ نظر پییہ تہٕ قہرٕ سان ووٗننس......

''نذیرٕ!! ، ازآکھ مأ لس شفیق ، اگر نہٕ چون پھیرٕ تیم نِکرأ وِتھ ترٛ اون

وانِز دانس ستی تہٕ اوٚرۍ کھیٚ ہَنس شُرۍ"۔

یوٗر اوس نذیر روٗدہٕ سندی پأٹھی خوجہِ نٔبرس کُن وُچھان۔

"آ......آ......صِرف آم چونے پھیر"

یہ اوس خوجہِ ونان نذیرس کُن۔ نذیرس اوس نہٕ وُل، نہ بڑ وٚنہہ تہٕ نہ پتھ نیرُن تگان۔ زنتہٕ اوس کھ کیاہتام اَثر کران روٗزمُت۔ أندۍ پٔکۍ یمہ تہٕ أسی، تم أسی پننہِ جایہِ رَس رَسرِ گأمتی۔ تمہٕ أسی اکھ أکس کُن وُچھان۔ کٔمی تام کٔر أتھی منز خورشید احمدس کژبکھ۔ یام سُہ اَتوٗت ووت، خوجہِ نبر ژوٗل بیٚیہِ اندٕ۔ سُہ تہٕ اوس ووٚل شوٗوز دہیٚو گوٚمُت۔ کأنسہِ اوس نہٕ وُل اتہِ نُس روزُن خوش کران۔ تام ووٚتھ نذیرٕ تہٕ دژاو خوجہٕ سندِ آنگنہٕ نبر کُن۔ أشی ٹأرۍ أسس۔ سُہ اوس پننہِ جایہِ شرمندٕ، اِہ کٔنی زِ خبر تمی سندی مألی ما آسہِ خوجس کینژھہ تژوٗش ووٚنمُت۔

خورشیدن یێلہِ مألی سُند کارنامہٕ بوٗزتہٕ یکدم دژاو گیٚٹہٕ نبر نذیرٕ ژھانڈنہِ، یُس نیٚبر کنہِ پریشانِ حال اوس۔ تٔمی ووٚن نذیرس......

"بھایا! میوٚن موٗل ماشِن شُری سندِ کھوتہٕ بتر۔ اِہ چُھس گزارِ، تمہِ ستی کیاہ گوٚو۔ انسانیت چھِ بێ جورٕ دولت سٕتی۔ مےٚ دِمعأفی"۔

"خورشید صأبا! میوٚن موٗل ہا چُھ تیز مزاج، تٔمی آسن کینژھہ نتہٕ کینژھہ غلط کلامہٕ کوٚرمُت"۔

یوٗر ووٚتھس نذیرٕ......

''بلکُل نہٕ کہنٛی وۄنمت۔ یہِ چھُ شیطان پٔرھن جاین ژٕژان آسان تہٕ پتہٕ اژان کانٛسہِ نستہِ کنی۔ ترٛاوِیہ کتھ، پکھ وٕ اٗژھ اندر۔ اَتہِ چھِ وو پرٔژھی یمہٕ دِپن خبر کیاہ دلیل چھِ''۔

نذیرٕ ژاو گنہٕ پھٹس شالہٕ سٔندی پاٗٹھی خورشیدس پتہٕ پتہٕ۔ برابر نصف راتٕ ژتام ہیوٚک نہٕ پتہٕ نبرٕ ے نیرِتھ۔ أندری اوس گلی گلی گرٛھان۔

خورشیدنی برات دژایہِ تہٕ نذیرٕ اوس أمس ستی ستی تہٕ یام کانٛہہ سالر اوس أمس کُن نظر ترٛاوان، یہِ اوس زن بُتھ دِنس منٛد چھان۔ مجلس منٛز اوس تہِ تھسکُن لایق لڑکہٕ۔ پرٛتھ رنگہٕ اوس یہِ نموٗنہٕ۔ بامے سہٕ پرُن آسہٕ ہے یابیہٕ کانٛہہ کاٗم کار۔ توٚے اوس پرٛتھ کانٛہہ أمس لول بران۔

رحمان مُقدمن دِژنہٕ پتہٕ خوجہِ نبن کُن نظرتہِ۔ صِرف اوس نیٚبری نیٚبری کتھ کران تہٕ ونان آسان......

''خداسٕ زِن پرٛتھ کانٛسہِ مگرأ چھن منٛز رٕوزی نکھ آب تاب تہٕ عقلہِ سلیم گری نکھ عطا۔ تکیاژِ أکی سٔند غلط کرُن چھُ ساٗرِے سماجس ٲری پیٚٹھی نِوان گرِتھ''۔

پرٛتھ کانٛہہ اوس خوجہِ نبس فضوٗل خرچس پیٹھ ٹیف تہٕ ٹسنہٕ ژٹان۔ تمہِ وِزِ گوٚ وزِیا دٕ ے شورٕ شریلہِ محلکی شُری شُر ہنہِ کران تمن ریڈن پتہٕ اٗسی دوران یمن منٛز بچوومُت واژ وان اوس، یتھ یوٚ یہِ بداوس یِوان۔ یُس کولہِ ژٕھننہٕ خاطرٕ ہنہٕ اوس یِوان۔ ساٗری محلہٕ واٗلی اٗسی تھوکہٕ ترٛاوان تہٕ ونان......

''چھُم تہٕ کرس کیاہ''......

''کھاندرٕ پتہٕ رٕو دخوجہِ نبہٕ پَتھ پتھے گرٛھان۔ سماجس اندر رٕودُس نہٕ سُہ قدرٕ قیمتھا، یُس گوڈٕ وانہِ اوسُس......سُہ کوٚرٕ پننی ہاؤ بھاوَن تہٕ رِیاکارٕی سماجس اندر پرٕ ژھیوٚن۔ پوٚز خورشید صأب اوس دانا لُڑکہٕ۔ سُہ رٕو دحقن ہمسایِن دوہ کھوتہٕ دوہہٕ نزدیک یِنچ کوٗشش کران۔ تِمن اکاربکارِ یوان تہٕ اتھٕ شیہلاوان۔ سأری محلہٕ وألی أسی خورشید صأبس ٹاٹھِ نیاٚرٕ سان خوجہِ لالہٕ ونان۔

دوہ دوہ گنٛز رِتھ گے ساڈ أٹھ وٕری کھاندرس خوجہِ لالس۔ مگر اولاد اوسنہٕ وُنہِ کانٛہہ۔ سأری أسی أمِس دُعا کران صاحبِ اولاد بنہٕ نہٕ باپتھ۔ رٔشہِ تہٕ دٔشہِ گنٛڈتھ زاو أمِس برابر ساڈِ أٹھِ وٕہری لُڑکہٕ۔ محلن مناوٕ شأدی تِمہِ دوہہٕ۔ نذر و نیاز گٔرِتھ خوجہِ لالنس گوٚبرٕ مول بنہٕ نَس پتھ۔

لُڑکہٕ گوٚو بڑان۔ سکوٗل تژ دوٗکھ......سأری أسی أمِس پوٚت ژھاین وُچھان آسان۔ خوجہِ لالے یوت نہٕ بلکہِ گرٕ ک گرٕ اوس شادمان۔ پوٚز خوجہِ نبہٕ اوس پننہِ کوٹھِ امہِ وِزِ پیوٚمُت تہٕ أندرٕ کنہِ اوس بسترس لاریوٚمُت۔

خوجہِ لالہٕ اوس صُبحس وٕتِھتھ گوڈٕ پننس جگر گوشس پانے گاڈِ منٛز سکوٗل نوان تہٕ شامس واپس تہٕ انان۔ تس اوس رٕوح أمی سے اندر۔ سُہ اوس بے قرار آسان تیتس کالس ییتس کالس یہٕ سکوٗلس منٛز آسان اوس۔

خوجہِ لالس اوس اکہِ دوہہٕ کس تام دوستس ژورِ بجہِ سمکھنٛگ ٹایم۔

حسبِ معمول ٹُلن پَتُن خانہٕ مول پنہٕ نی گاڑِ منز تہٕ تر وُون سکوٗل۔ دوٚہس روٗد گرٕ کس لوہ لنگرس ءستی آوٗرتہٕ ترٛییہ بجہٕ آیس خاندارِنی تہٕ وٕژھس......

''صاٮ۪بس چھےٚ سکوٗلہٕ چھٹی گرٛچھنس تیار۔ جان گیاو اگر ژٕ نیرٕ ہکھ۔ تس گوٚ ژُھم نہٕ پرٛاُرن پیوٚن''۔

''آ...... مےٚ ہےَ چھ ژور بجہٕ مُشتاق صاٮ۪بس تہٕ سمکھُن۔ چھنا صلاح یہٕ ٹُلن اپاٮ۪ری صاٮ۪بہٕ تہٕ گژھ لسیجن مُشتاقس سمکھنہٕ تہٕ''۔

''اِد ِتہٕ گوٚو جانٕہ۔ وقت تہٕ بچی تہٕ کاٗم تہٕ نیری''۔ یہِ وٕژھس گرٕ واجتی۔ سہٕ بچاٮ۪رتہٕ ماٮ۪س زاٮ۪نتھ، تمِ ءسندِس پوشہٕ باغس پیٚیہٕ ڈوٚڈھ''۔

خوجہِ لالہٕ دژ اوٕءز کران پننہِ گاڑِ منز۔ سکوٗل نشہِ ووت تہٕ کینژس کالس پرٛارنہٕ پتےَ آو صاٮ۪بہٕ۔ نالہٕ متہٕ روٗٹن، مونہِ تہٕ میٹھی چھس کران۔ زنتہٕ خبر کاٗتی کاٗلی چھن پَتُن اَچھ گاش وُچھمت۔ پرٛ ھےٚ چھبس نہٕ یوان۔ زنتہٕ اوٚسُس ہوومُت۔ سَتہِ وۄہُر صاٮ۪بہٕ ٹُلن کھونہِ کیتھ تہٕ سیٹس ءستی رٕٹِتھ واتنوٗون کارِ منز۔ فرنٹ سیٹس پیٹھ بیہنوٗون۔ چاکلیٹ جوراہ تھاوِنس اتھس کیتھ تہٕ لوٗگ گاڈی چلاونہِ۔ سرٛک اٮ۪س دریاوٕ بٹھی برابر توتاٮ۪نی، ییٚتہ خوجہِ لالس مشتاق صاٮ۪بس سمکھُن اوس۔ وَتہِ وتہٕ اوس صاٮ۪بہٕ ماٮ۪لس خوشامد کران تہٕ سوال پرٛژھان۔ یورٕ اوس خوجہِ لالہٕ اڈلیکی مٕڈلیکی جواب دِوان۔ اٮ۪تی اٮ۪س صاٮ۪بس نظر ناوِن پیٹھ پیوان تہٕ پرٛژھان.........

''پاپا...... پاپا، یمہٕ ناوٕ کیتھ پاٮ۪ٹھی آیہٕ پیٚٹھی پکان۔ یمہٕ کونہٕ آبس

پھٹان''؟

یوڑ خوجہِ لالۂ سمجھاوںنچ کوشش کران، مگر صأبہِ لالۂ نہٕ مطمئن

گژھان۔

''پاپا اگر آب چھ بون کُن لمان مگر ناوِ کتھٕ پأٹھی ہیوٚر کُن کھسان؟''

''گوٚبرا ناوِ وول چھ کھورِ ستی آبس پتھ کُن پھِرِتھ ناوِ بڑ وٕنہہ کُن

پکناوان''

''پاپا ہُہ یُس بٔٹھی پیٹھی ناوِ رَز گرِتھ چھ پکناوان، اتھ کتھٕ پأٹھی موڑ

گژھان تہٕ سیوٚ دٕے ناوِ پکناوان''۔

''میانہِ ٹاٹھیا وونٛد میا زُو، کتھٕ سنیا کھ ژٕ؟''

''ناپاپا تو تہِ ونتامے''......؟

''گوٚبرا، یُس رزِ لمان چھُ تس چھےٚ ونان کونٛل وول تہٕ یُس ناوِ پتہٕ

کھوٚر ہیتھ چھ، سہ چھ ناوِ نم رٕٹتھ اتھ سیدِ سیوٚ د پکناوان''۔

''پاپا، گوٚ ونا بٔٹھی پیٹھی لمن وول گوٚ و اِنجن تہٕ نم رٹن وول گوٚ وچأنی پأٹھی

ڈرائیور''۔

''آ !تی مانتہٕ''۔

صأبن تژ وواُسن کھنگالہِ تہٕ وٕ تھُس ہمہٕ گاڑٕ ہانٛز کیاہ چھکان آبس......؟

''یمہٕ ہا پچھِ ٹاٹھیا زال لایان تہٕ گاڑٕ رٹان''

''اأے کتھٕ پأٹھی یوٚت بوٚ ڈزال۔ امہِ مٔنزی آسن نا گاڑٕ ژلان''

''صأبہٕ لالا، اتھ أندی أندی چھِ شیشٕرٕ گوٹہٕ ہوی آسان، یمہٕ آبس اندر زالس وٹان چھِ، یمہِ منٛزٕ نہٕ گاڈٕ ژلتھ ہیکہٕ''۔

سوالس پتھ سوال کٔرِتھ تہٕ اوسنہٕ صأبہٕ لالہٕ مطمئن گژھان مأٔلی ہٕندو جوابو سٟتی۔ خوجہِ لالس مأٔس خبر یمِس جِگر پارٕ ہٕنز کتھہٕ روزن تس دِلِ جگرس کھٔنِتھ تہٕ تمہٕ داغ بٔنِتھ یہٕنز دگ وُمرِ لِلہٕ وٕنی آسبس۔

گاڈی رُکٲو خوجہِ لالن تہٕ دٔریاوٕ اندٕ تھٲوِن شیہلس کُن۔ کٔنز روٗزِس جلدی کٔنی لٲگِتھے تہٕ صأبس وُٛنُن......

''گوٚبرا! ژٕ روٗزی زِ گاڈِ منٛزٕ ے، بہٕ اَنہٕ نئے مشتاق اٮ۪نکل تہٕ پتہٕ گژھو تہٕ تھُنڈ گرٕ''۔

''ادا...... پاپا''۔ صأبن وُٛن معصوٗم اندازس منٛز مأٔلس، تہٕ کوٚڈُن بٮ۪یا کھ چاکلیٹ بیگہٕ منٛزِ...... خدا صأبنِس یٔژھنس کیاہ ہیکہِ بندٕ کٔرِتھ۔ خوجہِ لالہٕ گوٚو مشتاق صأبس وأنِس پتھ تہٕ صأبہٕ لالہٕ روٗد گاڈِ منٛز...... گاڈِ ہٕسٟتی ارسٕرٕ کران......شاید چھُ صأبہٕ لالن کٔنزِ کُن اتھٕ ہٕیوٗمُت تہٕ شُری پأٹھی دٕیُت نٔس ور...... گاڈی اُس گیرس منٛز...... گاڈِ ٕتُج ووٗتھہٕ تہٕ گٔیہِ دٔریاوس...... لگہٕ ارساتھا سمٕیاو...... کٕرٕبکہٕ ناد ووٗتھ۔ خوجہِ لالہٕ تہٕ مُشتاق صأب آے شور بوٗزِتھ...... یام خوجہِ لالن بوٗز گاڈی گٔیہِ آبس۔ تس گوٚو أچھن اَنہِ گوٚٹ۔ سُہ لوٗگ کٕرٕبکہٕ دِنہٕ میانہِ صأبہٕ لالو...... تس مأٔس پتاہ زِ تس پٮ۪یہٕ نٔی ترٕ ٹھ......

مُشتاق صأبن روٗٹ خوجہِ لالہٕ نالہٕ متہٕ تہٕ وُٛنُن لوٗکن کُن۔ ییٚمی سُند

خانٕہ مول تہٕ ہاچھ أتھی بدقسمت گاڈِمژ ۔ أکِس دوٕن نفرن کوٚرُن زارٕ پارٕ، یمٕہ خوجہِ لالس تھپھ کرن، تِکیاز ِیہِ گوٚژھہٕ پانٔس تہِ کینٛہہ ورکرُن۔

ییلہِ یہِ بدخبر گامس منز وأژ ٕہِ ژھبتےٚ گیہِ پرٛتھ اندٕ ۔ سأرٕے بستی چھےٚ باکہٕ ژھٹان۔ لوٕکٹۍ کیٛو بڈۍ شُری کیٛو زنہِ سینہٕ کوٗبی کران، مَس کڈان۔ یام خوجہِ نبن یہِ ہےٚ رُود بوٗز، یہِ وژتھ کھوکھجہِ کھوکھجہِ، چُھ دِوان کرٛ بکہٕ......

''کیٛاہ ڈٔلیل چھُ''

یام خوجہِ نبن یہِ بوٗز زِ صأبہٕ لالہٕ گوٚو خدائس حوالہٕ، زن پیٚیس نَنہِ نبہٕ ترٛٹھ۔ ودن باکہٕ ژٕجس نیرِتھ...... بتِھس پیٹھ ہیوٚتُن وُرُن تہٕ پتہٕ تہِ مُژراوبن نہٕ أچھ۔



# کاژ واو

دوہ دوہ گٔنز رِتھ برابر ساڑِ سَتہِ وٲہری ژاس ازپَننہِ بستی اندر، سُتہِ تنہٕ پتھٕ یِیلہِ بہٕ ییتہِ دَم پھُٹ گٔرِ ھتھ ٹکھ کڈنس مجبوٗر گوس۔ ازاوس مےٚ ییتہِ سوٗرے بدلیامُت باسان۔ کانٛہہ چیز اوسُم زن کھیٚنہِ یِوان تہٕ کانٛہہ پانس کُن ظوٗن پھِران۔ گُنہِ باسیام زنتہٕ ہتہِ وادٕری برٛونٛہہ مِمن خستہٕ تہٕ وُ جارٕ مندورن ہٕنٛدی کھنڈرات کیا ہتام یاد پاونس مجبوٗر کران۔ پننہِ آبأیی محلہٕ منٛزی تہِ توٗ گُم نہٕ پکُن۔ عجیب ذہنی کشمکشہِ منٛز آس ہہنہٕ۔ تمہِ وِزِ پوٚ رُم شکُر یِیلہِ پُٹن پرٛۏن یار پیٛوم وأتتھ تہٕ گوڈٕ انوارِ پرُٛ ژھنم ...... ''تنہٕ تہِ دی زِ ہےٚ نظراہ۔ وأنج اٗ ہسم پھٹنس آمٕژ، کم کال تہِ گوٚ ونہٕ تنہٕ۔ کالہٕ کاجہِ گٔے ژرُاہ وٕری پیٚٹھی اسہِ پانہٕ وأنی ژھیٚنہٕ گمتِس''۔

''بھایا مجبوری'' ......مےٚ وۏنُس درجواب۔

اوٚر وۄتھم ..........

''کیٛاہ مجبوٗری..... توٚتائٲنۍ وَرِ اوسکھ ریٚتۍ پٔچھی نظرٕ ے دِوان پتہٕ مُشر وُوتھ اندٕ ہتھےٚ''۔

یہِ بوٗزِتھ وۄزھم أندٕ رۍ تٔچھنۍ ..... مگر وۄنتھ تہِ کیٛاہ ہیکہٕ ہَس۔ بہٕ رودُس یوٚرٕ ربوٗدٕ ہیوٚ تھلہِ تھلہِ تس وُچھان۔

''ژےٚ ..... جناب ژےٚ چھُسےٚ ونان ژٕ کونہٕ زبان کھولان''؟

یہِ اوس یارٕ سُند دوٚیِم تیر مےٚ پیٹھ۔ پانسٕے ستۍ اوسُس سوٗنچان زِ ......

''اتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک، یَنہٕ بہٕ یٚیمہِ بستی منٛزٕ اِرادٕ گرِتھ دژاس تتنہٕ دِژِم نہٕ پوٚت نظرتہِ زانٛہہ۔ یٚیمی بستی دٔیُتم زایُن، اوپ ژوپ گرِتھ کڈٕنوونس پأری ..... کتہِ کوٗرواتنوونس، پوٚز یٚیتہِ نیرنہٕ پتہٕ چھم نہٕ خبرٕ ے گُس زاو گُس موٗد تہٕ کس کیٛاہ حال بنیاوٗ''۔

''مےٚ چھُنا تگان کلامہٕ کرُن، توَ ے ہیوٚ تُتھ ہوٚپ تہٕ دوٚپ''

یہِ اوس ترٛیٚیِم کان یارٕ سُند، یٚیمی میانہِ وأنجہِ دگ تُج تہٕ گوس مجبور..... نالہٕ متہِ روٗٹُم، موٗنہِ تہٕ میٹھۍ گٔرۍ مس۔ بہٕ یوٚرٕ ودان تہٕ یہِ اوٚرٕ باکہٕ ژھٹان۔ لگہٕ منٛد چھِ دژاے محلہٕ نبر تمن دجبن تہٕ ڈوربن گُن یٚیتہِ سون لوکچار چھُ گُذریوٗمُت یہِ زأنِتھ اوٚرٕ وُچھِ نہٕ کانٛہہ سون برٛژُھن تہٕ نہٕ بوزِ کنوٗسانہِ باکہِ ژھٹنہِ۔

بیرَ وتہٕ بٹھو، دجَو تہٕ ڈوربو منٛزۍ روٗدۍ پکان تہٕ بوس لوٚ ژراوان۔ کولہٕ

رادن تہٕ ویر وارن سٕنتھ گوم پانس بدلے حال ۔ پیأری دِژنم یارن زپر ......

''ہُہ بوٗٹھ اُسی یادٕ یے یِیتہٕ کھرٕ تژ اوان اکھا کس پلوٗ اُسی ژٹان ۔ ہُہ کول یِیتہٕ اکھا کس آب چھُکتھ اُسی لِتھٕ ناوان''۔

''ووٗنی کرتہٕ خدایہٕ ہٕندِ خاطرٕ بس ۔ سوٗرے چھُم ژہتہٕ وُترس منٛز ہتھ تہٕ شرٕ پتھ ...... پوٗز ......'' اتہٕ اور ہیوٗ کُم نہٕ کہنٛہ تس وٕنتھ ۔

اورٕ ووٗ تھُم ......

''پوٗز ...... کیاہ پوٗز؟

''کہنٛہ نہٕ، سُہ شُری لاز پیٚیم یاد ۔ سُہ اُسن، گندُن تہٕ دزٕ وُن پیٚوم یادٕ'' ......

اوٗش ہُکہٕ آم ۔ زبان گیٚیم خشک، یارس تژ اوٗم بُتھس کُن نظراہ، پتہٕ زن ووٗشلیاو ...... خبر کیاز ِ؟ تہٕ تو رُم نہٕ فکرٕ ...... واپس گرٕ کُن دژاے ۔ محلس منٛز واتأنی باسیام عجیب حال پانس ۔ تابے رووٗدُم نہٕ ۔ کالہٕ کاجہِ نو وہری آس پننہِ بستی منٛز ۔ گرٕ گرٕ پھیوٗرُس ۔ آنگنہٕ آنگنہٕ ژاس ۔ اَنکن اشناون، یارن دوستن، حقن ہمساین گوس ۔ پوٗزتمہِ وزِ گوس حأرتن، یِیلہِ یہٕ تتھ بڑٕ مجہِ گُلس نِشہِ ووٗتُس، یِیتہِ نَس اُسی ژھیٚپل ژھأنڈِس گندان تہٕ پتہٕ اُسی رز بڑٕ مجہِ لنگس گنڈِتھ منٛزٕ لی سوارِ کھوٚان ......... مگر از؟!!!

''میانہِ بھایا یتھ بڑٕ مجہِ گُلس تہٕ اَزی کس کاژ واوس کیاہ واتھ اوس پانہٕ وأنی ۔ یہِ چھُناسے بڑٕ مجٕ یُس اسہِ شہجاراُس بخشان یِیلہِ تاپہٕ کژاے اُس کلہٕ

کڈان۔ أسی أسی نا گُنی ہٹکہِ ۔ یتھ تل شُہل کرنہِ یوان"۔

"ییتہِ کتھ رۆ دسہ بہارتہٕ جہار، ؤل روزِ ہے اتھ ہرٕمجہِ"...... یہِ وۄتھُم اوٕر یارٕ......

ناتِتا چھنہٕ میٚون مطلب۔ ژٕ کر یاد امیُک چھج لنگ لٔنجہِ...... کائتیاہ جاناوار أسی اتھ پٹھ آسان، تِمن تہٕ کۄر کھاألی ناش"

"گوڈٕ تژاوتہٕ پانس کُن نظراہ...... نےٚ زبأنی جاناوارن ہُند ألی ناش تژاوتہٕ أتی"

یارٕ ہٕندِ أمی وننہٕ نن تُل مےٚ جۆن، دۄپُم نالہٕ دِمہٕ ہا۔ یہِ أس نہٕ معمۆلی ثھینہٕ ون۔ اتھ منزٕ تہِ چھُ سُے حال گُپتھ۔ مےٚ کُر کتھ ڈانٛچ کۄشش، تِکیازِ ژٔکس تل ووتم آب تہٕ وۄنٛمس......

"از یہٕے ہرٕمج سوسریاہ مۆ۔ کُجا تمہٕ لنگ لٔنجہِ، بہارتہٕ جہار۔ از زمینس پٹھ بارتہٕ اسہِ خأطرٕ عِبرت ہٕنتھ"۔

یہٕ ہرٕمج أس مےٚ یادٕ ؤترِس ژبہٕ تژاوان۔ تِمن دون نفرن ہنٛز کنہٕ پھسراے أسم أچھن تل یوان......

أتھی ؤتی کۄر نم یارن اشارٕ تہٕ ہوونم سلام صأبُن آنگُن...... میأنِس سونٛچہِ سۄدرس گۄ ولرو تھنس تھکھ تہٕ وۄتھُم "ژٕ چھکھ نہٕ وُنی کنٛہس ییتہِ...... ژٕ چھکھ أندرٕ أندرٕ خبرِ کۄت ووتمت"۔

یہٕ کیاہ وننہٕ ہس یورٕ، تِکیازِ یہِ اوس پۆز ونان یہٕ اوسُس تِمن دولابن منز

پرِ ییتہٕ بوٚڈھ لگُن محال اوس۔

وۄشاتژ اُوِتھ دِژِم اورِ یور نظراہ تہٕ سوٚنچُم یہِ بڑٕ مَج اُسی سلام صأبنہِ گیٹہٕ دوٗر کیٚنھہ قدم۔ ژٕچھِنہٕ کِنہٕ اوسُس لوکُٹ کولہٕ راد تیٚلہِ وسان، پوٚز اَز وجارٕ۔ وَدُن چھُم یوان۔

''دلیل !!؟''

کہنٛ نہٕ۔ خوشک وٕٹھُن رودُس ترٛی روٚس زیوٗ پھِرٕ وان تہٕ خبر کمہِ زبأنۍ پرٛژھمس ......

''سلام صأب'' ......!!

''اہنہ ...... آ۔ یہِ چھُناتُمۍ سُنٛدُے آنگن تہٕ مکانہٕ'' یارن دِژنم ژینہٕ ون۔

ازسہ سلام صأبنۍ مندورختہٕ کھنٛجہِ کھنٛجہِ وُژھمٕژ۔ تمہٕ دارٕ...... سہ دارٕ ہنگ، سہ کہرام، سہ وَدُن تہٕ برٛژھن تہٕ سہ طوٗفان۔ سورُے زن چھُم وُنی کنبس تہٕ اُچھن تل۔ مےٚ آو چکر ہیوٗ تہٕ بیوٚٹھُس پتھرٕ تہٕ لوٚگُس یارس پرٛژھنہِ ......

''یہِ کیاہ چھُس بہٕ وُچھان ...... سہ کولہٕ رادیُس بڑٕ مجہِ کُلِس ہیٚری مہٕ انٛدٕ وسان اوس ...... سہ کوٚت گوٚمُت، کِنہٕ تمہِ کِس آگرس تہٕ چھےٚ ورزٕ داون ژھٹھ کڈمٕژ۔ ہُمہِ انٛد سہ مأری مٔنز پیٛنجہِ ہن، ییٚتہٕ اُسی کترِبن اُسی گِندان''۔

اُمۍ ژٕٹ میأنی کتھ اُتی تہٕ وۄتھُم

''یاداشت چھۍ بلکل برابر''

یہِ اوس تُمۍ سُنٛد جواب۔ بہٕ ماوَنہٕ ہَس مےٚ چھُ سورُے حال ییٚمہِ آنگنُک تہٕ

مکانک وُنہٕ تہٕ أچھنٕے تل۔ سہ منحوس دوہ تہٕ وأنج کوٚرٕ وُن منظر گژھیا مے مٔشتھ زانھہ، تیمی بہ ییتہٕ دَو کڈٕنووُس۔

''مے ونتہٕ سلام صأب چھا؟''

یہ بوٗزِتھ آس أشی ٹأری تہٕ لوٚگم ونہٕ نہٕ......

''سلام صأب از کورِ ژٕمس نِش زہوٕدِ کڈان۔ أچھن ہٕنٛز بینأیی تہٕ روٗزس نہٕ بچأرِس۔ نچوس نذیرُن تہِ دژاس نہٕ کُنہِ پےٚ پتاہ......خانہٕ دارِنی گیٚس پوترٕ دود للہٕ وان للہٕ وان ییمہٕ عالمہٕ۔ کتھ بِرٕ تس گرس گوس ڈُبہٕ ڈاس''۔

یہ بوٗزِتھ پھٕٹ مے ہٕرتہٕ آم تمہٕ ترٛے دوہ أچھن تل ییلہِ بہٕ چھُٹی پیٹھ گرٕ آیاس تہٕ دوٗیی دوہی ژٕوٗلُس موچھِ زٕوٹتھ۔

یارن ژٕرُژمیون غوطن گژھن تہٕ وۄتھُم......

''ییتہِ کُس اکھاہ روٗدسارٕ سفری''

ونہٕ ہَس تہِ کیاہ، کالُک بھتہٕ چھُم یاد......ییلہِ............

مے آیہٕ نہٕ تمہِ وِزِ پٕژھے ییلہِ مے کٔنی گوٚو زِ نذیرُن پےٚ چھُ کتہٕ تام دژامُت۔ تاب کتھ روزِ ہٕم۔ بہٕ لارٕیوس سلام صأبُن کُن۔ تتہِ أسی سأری محلہٕ وألی ژٕسِتھ آمتی۔ ین پنہٕ جایہٕ أسی سأری خوش باسان۔ اتھ عجیب تہٕ پُر رونق گرِ گوٚو تمہِ وِزِ غمن تہٕ پریشأنِین ہُند زال اگادِ ییلہِ کٔمی تام دِژ کٕرٕ بکھ......

''دپان سہ چھنہٕ نذیر اوسمت''

سأری لگی اکھ أ کس کُن وُچھنہِ...... پۄز کانٛہہ اوس نہٕ وُٹھ پٔتھ وُٹھ ٹُلان۔ أتھی منٛز ژایہِ سلام صأبنٛی خاندارِنی کمرس اندر تہٕ زیوٗٹھ ووشاہ تژ آوِتھ وۄنُن اسہِ کُن......

"مےٚ چھُ تمی وِزِربّ جلیلس تہٕ پیرِ کأملس حوالہٕ کوٚرمُت یِمہِ وِزِ تموٚ بُتھی رِستوٚ سُہ أچھن پٹ دِتھ دَگان دَگان ہیرِ وول تہٕ نیوٚکھ پانس سٟتی خبر کتھ انِدس"۔

کمرس منٛز ہٕتھ سأری چھِ اکھ أ کس کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ بِلکُل خاموشی۔ کانٛہہ اوس نہٕ زبو مژرُن یژھان۔ أندری آس پھٹنس۔ مےٚ دِژ پانس گِلن ہش سیوٚد بیہنہٕ خأطرٕ، تکیاہ زِ اکی آیہِ ہٕتھ آسنہٕ کنٛی أہم واے ہش زنٛگن آمٕژ۔ پۄنکھر دِنیے سٟتی وۄنم نکھ رۄزِتھ یارن أکی کنہٕ شیٚچھ......

"کرھٕ ژھوپہِ پانس۔ تمہٕ حٕ چھی یژھن جاین سارِنے بژونٛہہ آسان وأتی ہٟتی۔ شہمتس چھِ ہٕتھ کلہٕ"۔

مےٚ زن نہٕ أمی سُند بۄزِ ے تہٕ بتھٕس اتھٕ دِتھ لوٚگس اکہِ اکہِ سارِنے کُن وُچھنہِ۔ سأری تیٚمی بستی ہنٛدی بسکین، نظرن منٛز چھُم نہٕ کانٛہہ وۄپر باسان۔ بہٕ رووس امہِ کنٛی شیٚچھہِ سٟتی تہٕ رۄدُس بتھٕ بتھٕ پرٕتھ کانٛسہِ کُن وُچھان۔ کانٛسہِ باسیام بُتھِ پٹھٕے افسوٗس، کانٛہہ حأرأنی منٛز غرق، کانٛسہِ پشیمأنی ہنٛدی آثار بُتھِ پٔٹھ ٹاکارٕ لبنہٕ یِوان۔ بہٕ گوس ہنا Conscious تہٕ لوٚگس ڈبکہٕ دِرٕہن سٟنہِ...... پۄز زبو کتھ مۄوراوٕ...... پرٕتھ انِدٕ اوس ہوٚپ تہٕ

دۄپ، کاںٛہہ ماجہِ ہُنٛد گوٚبُر اوس نہٕ حرکت کران، اِدٕ ہا گٔتھ۔ أندری وۄتھم

توس سوٗنچان سوٗنچان۔ أتھی منٛز گٔیہِ سلام صائٔبنٛز خاندارِنی بےٚ فُرصوٚ تےٚ تھوٚد

وٕتھِتھ تہٕ لٔج وبداکھ دِنہٕ...... سارِنٕے ہُنٛد توجُہ گوٚو أمی سےٚ کُن۔ یام اَمہِ أس

مُژ روو......

"یہٕ مالہِ اوسُم لیکھِتھ لوحِ محفوٗظس تی چھبس نکھہِ والان۔ کوتاہ زرٕ......

کوتاہ کرٕ تاب۔ وأنٛج چھسم پھٹنس آمٕژ"۔

أچھوٚ کٔنی اوس سٔہلاب وسان۔ مےٚ دِژ سارِنٕے ہُنٛد بٕن بُتھٕن کُن نظراہ تہٕ

پانس آسم شرٛاکہٕ زن وسان۔ کاںٛسہِ وُچھم أشی ٹارٕی، کاںٛسہِ اوٚشس دارٕ لٔجمٕژ

تہٕ کاںٛسہِ وُٹھ تیار باکھ ژھٹنس۔ پوٚز بار بار چھم یادٕ وُترِس منٛز یوان۔

"حبس کرِینہٕ زبو مُژراوَ کھ، تمہٕ چھی سارِنٕے بزٕ وٕنہٕ یِژھن جاین ڈیرٕ دِتھ

آسان" اورٕ یورٕ دِژم نظراہ تہٕ سوٗنچان اوسُس وونی وۄتھہِ تھوٚد تہٕ نیرٕ......تار

زوٗنُم نہٕ کیٛنہہ، تِکیاز سأری أسی کمرس منٛز ریوٚدٕ ہوی۔ کاںٛہہ اوس نہٕ کاںٛسہِ ستی

کتھ کران نہٕ کاںٛہہ کاںٛسہِ کُن وُچھِتھ ہیکان۔ سأری أندری وۄشن ہوٚٹ

چیٛران......مےٚ روٚد نہٕ پانس تام تہٕ وۄنُم

"یہٕ شیٛچھ وَنن وول کُس اکھ چھُ تیمی وۄن نذیر لالُن پےٚ چھُ لوٚ گمت تہٕ تورٕ

کُس آو تیمی یہِ وۄن سُہ چھنہٕ اوسمت"۔

سارِوے گٔنٛڈ مےٚ کُن مُدٔے...... پوٚز جواب چھُنہٕ کاںٛسہِ پھوران۔

سأری لٔگی اکھ أکِس کُن وُچھنہِ۔ جواب ندارد۔ قادِر کاک اوس أکِس

کۆنجس منز ژمیامُت بے حرکت میژ موتھن ہیوٚ۔ مے دیُت اُمس آلو......

''قادِر کاک! ژ وَن تہٕ یمہٕ شیٚچھ کمرانہٕ؟''

میأنس أتھی ونس ہتی دژاو قادِر کاک کۆنچہِ منزٕ تہٕ کنہٕ پھٹس شالہٕ ہنٛدی پأٹھی کڈِن دَو۔ میأنی حارأنی گیہِ بڈان۔ اکہِ بالہٕ اوُسس کھسان تہٕ بیٚیہ وسان۔ سوٚچُم یہِ گوٚو قادِر کاکُن حال، یُس یتھ پتھرِ منز پرِتھ کأنسہِ سوکھس مُہمس منز اکار بکار چھ یوان۔ پوٚز اُزیُک یہِ وطیرٕ تمی سُند کھوٚرُم سخ......

دپان اوُسس وسہٕ یہٕ تہِ اُمس پتے تہٕ اڈوَتی رٹن تہٕ ونس......

''پگاہ کیاہ جواب دِکھ تہٕ، ییٚتہِ ژھوٚٹ تہٕ گوٚٹ اُسی، ییٚتہِ نہٕ کانٛہہ تکن گری بکار ییی''۔ مگر پانہٕ ہتی چھس یتہِ سوٚنچان خبر اتھ منز تہِ ما آسہِ کینٛہہ مصلحت پسندی۔ تہِ زانہٕ سے......

أتھی گتہٕ گیرِس منز اوُسس پرٕ تہٕ یپأری کھرٕ دارِ ہنگس سلام صأبنی خاندارنی أنج بیٚیہِ وبدا کھ دِنہٕ...... مے آو موقعہٕ بون ژلنس تہٕ مے ہتی وُتھی بیٚیہ تہٕ کینٛہہ محلہٕ وألی تہٕ رۄدی اتھ دارِ کُن مُدَے گنٛڈِتھ یتھ ہنگ رٕتِتھ یہِ ونان اُس......

''تلاپی تنو عار...... یہِ میوٚنِ مأنزِ مہرازٕ ترٛأوی تون یلہٕ...... ہتا میأنو گوٚبرو سہٕ ہا چھم طمہک...... سہٕ ہا چھم دشہٕ گنٛڈی گنٛڈی موٚنگمت...... تلا کری تو میأنِمن حالن پیٹھ رحم، تو ہہ تہٕ ہا کرو میوٚن خدا اصاب تہٕ پیرِ کأمل رحم''

کوسہٕ تام ہمسایہ باے آیس تہٕ رٕٹی نس شانہٕ تہٕ لجس ونہٕ......

''میٲنۍ بێنہِ! صبرس ہےٚ کٲم۔ امہِ منٛز کیٛاہ چھُ نیران...... مےٚ کُن کرتہٕ نظر، وٕ رِیسے منٛز دژام گرِ خاندارتہِ تہٕ ہنٛدٕ گوٚنڈ ہیوٚ نچوٚتہِ۔ تمو کُس خطا اوس کوٚرمُت۔ أکی ہشنٛز لاش آیم دوٚیہِ ریٚتی اتھِ''۔

أتھی ہتی تیزییہِ سلام صاٲبنۍ خاندارِنۍ زیٛادے۔ پلوٚژٹنس پیٹھ وأژتہٕ لٲج بڈ ہٹہِ باکہٕ ژھٹنہِ۔

''شمہٕ لالہٕ ہا چھبس وتن وُچھان، گوٚبروتلایی تنٛوعار۔ خانہٕ موج کوٚرہا مأنزِ گلی دأرِتھ بأے برات منٛگان۔ سُہ ہا چھُم شمہٕ لالہٕ نہِ ڈولہِ ہُنٛد یوٗن کٲہر تہٕ میانہِ تو بدُک نکھ دِنہٕ وول''۔

یم تہِ آنٛگنس منٛز أسی تم أسی اوٚش ہاران تہٕ اکھأ کس ونان......

''سلام صاٲبنۍ خاندارِنۍ پیٹھ صبرٕ وازِتی چھےٚ۔ یتھ بستی منٛز مانہٕ یِوان۔ تیٚوٚت چُھ أمِس ازخانہٕ مأکی ہشدی لولن تہٕ جُدأیی جیرٕ تلُمت''۔

یورٕ ژٕٹ أکی بُزرگن یہنٛز کتھ تہٕ لوٚگ ہٕژھوٚنہِ چاشٹہِ ونہٕ نہِ......

''سےٚ جاے زانہِ۔ یتھ تیٚونگل پیٚیہِ...... تہٕ کیٛاہ زأنِو پوٚتھُر راوُن کُس تیٚول چھُ تلان''۔

یورٕ ووٗتھ کُس تام......لوتہِ لوتہِ......

''یتےٚ یوت نہٕ نذرس تہٕ تمی ہشنٛزِ بێنہِ شمہٕ لالس چھِ ووٚنۍ صِرف پنٛداہ دوہ بێنہِ وأرِلس۔ توٚے چھےٚ یتھ بستی پیٹھ دُہی ژھبتےٚ اوترٕ پیٹھِ''۔

سلام صاٲبنہِ خاندارنہِ ہنٛد بویہو وبداکھو کوٚرسارِنۍ ژس۔ محلہٕ چہِ زنہِ

مردآے ژٕستھ یھٕنڈِس آنگنس منز......ہے روٗد وۄتھ......پۄ ززبان چھنہٕ توتہٕ کانٛہہ مۄژرن یژھان۔ خبر کیاز؟ مے اوس نہٕ بوزن تگان۔ شایداوٚ کنِی بہٕ اوٚسس ریتی پچھ گرٕ رالتس کھنڈس وسان، سُتہٕ ژانگہِ یِوان تہٕ بانگہِ نیران۔ کُنہِ اوٚسم نہٕ ہٕنٛس موقعہٕ یِوان۔ ازاوٚسس پیٚتۍ موٗدوٚیوٚ دوٚہوٚ پیٹھٕ چھٹی پیٹھ آمُت مجبوٗری سببہٕ۔ییمہِ کنِی بہٕ یوٗت تژ ہریاس تہٕ پریشان گوس۔نتہٕ آسن شاید یِتھی واقعہٕ سپدان آسان، پۄ زشہرس منز چھےٚ معموٗلی واقعہس پیٹھ سہٕ ہوٗل حالے وۄتھان......ساریٚ ہے چھِ ژٕبی ٹلان۔ییٚتہِ کُس تہٕ گس۔کتھ نہٕ ہبکان کانٛہہ کھلہٕ پاٹھی کرِتھ اِدٕ کرن ہوٗل حالے۔

"میانو بیٚنٛو تہٕ بایَو تہٕ دِلِ جگرو، تلاتھٕ تہٕ ؤنی توکھ، میانٛس ماژِ مہرازس تژ اون......بہٕ ہا چھبس ماژِ ڈُل ہیتھ پژاران......بایو......شمہٕ لالہٕ ہا چھم ہی تھرِ ہندی پاٹھی سوسہ نیاہٕژ......مائِلس ہا چھس ؤدی ؤدی اچھن گاش سوتیامُت۔ یٚدی تہٕ پاد ہا چھِس پھٕلی یِتی لالہٕ پھٕلِس ژھانڈان ژھانڈان۔ تلاوٕنی توکھ، دیہٕ تہٕندِ برکتہٕ بنِم ژٕو پوتژ برات"۔

یِم سلام صاٗبنہِ خاندارنہِ ہندی وبداکھ اٚسی پژتھ کانٛسہِ واٗنج کوٚران......ساری زنہِ مُہنوی اٚسی اچھو کنی خونِ باران ہاران۔ صرف وۄش تہٕ ہکی اٚسی کنن گژھان۔ یِیہٕ اوس نہٕ کُنہِ رنگہٕ سِتھ صداواہ۔ مے دِژ زیرٕ ہمسایہِ دوستن اٚکۍ تہٕ ہوٚون اشارٕ نیرنہٕ باپتھ۔ بہٕ دۄدُس زن اندری......!!۔

ہاے اسہِ گوٚ وسوٗرے اتھہٕ، نہٕ کُنہِ انصاف، نہٕ کُنہِ عارتہٕ نہٕ سہٕ ماے تہٕ

محبت۔ کتھ طوٗ فانس مٔژ چھِ ہنہٕ آمتی ۔ یِیتہٕ چُھ ءٕ دوٗ نے ءٕ دوٗن نظرِ یوان۔ أتھی ءٕستی گوم دامنس درٕ...... ’’پکھوٗ نیرٕ و‘‘۔

مےٚ لوٗگ نہٕ کانہہ چارٕ تہٕ دڑاس أمی ہے ءٕستی۔ نیران نیران پییم نظر تمن دون نفرن گُن یم بڑٕج کُلِس ژھایہِ روٗزِتھ کنہٕ پھسراے أسی کران۔ صِرف گوم کنن ’’پنڑاہ اسِکھ منگان‘‘ تہٕ ءٕستی گیکھ ژھوپہٕ أسی وُچھِتھ۔

یہٕ روٗدُس ژرژان یمن بےٚ شونکی پأٹھی۔ زن نہٕ مےٚ اور گُن ظوٗنے چُھ تہٕ وارٕ وارٕ روٗدی أسی پکان۔

اکھ ووٗتھ بیٖیس گُن ......

’’مگرانہِ تہِ کتہِ۔ نچارِس اوس دوٗن شُر ہن کھانڈر...... صِرف گےٚ زٕے دوہ تہٕ یہِ واقعہٕ سپُد‘‘۔

یورٕ ووٗتھس بیاکھ......

’’گرٕوٗ پانس ژھوپہٕ‘‘

مےٚ لوٗگ زن زنگن ڈٔنگ تہٕ ووٗنم پننس ءٕستی بأجِس......

’’چھنا صلح واپس اژٕ وسلام صأبُن۔ مےٚ ناگرٕ گُن زنگے پکان‘‘۔

’’تتہِ کیاہ کرٕو...... اتہِ ہا چھےٚ وأنجہِ شُراکہٕ وسان‘‘۔ یہِ اوس سأتھی سُند جواب۔

’’توتہٕ چھےٚ گژھان ستھےٚ یمن‘‘ ...... مےٚ ووٗنس یورٕ۔

أخرٕ آے پوٚت کھوری واپس۔ یام آنگنس اندر ژاے۔ سُے حال، تمے

وبد اکھ کنن گڑھان۔

سلام صاٮ۪ؠنٕز خاندارِنی تِتھی دارِ ہنگس پیٹھ کڑ بکہٕ دِوان تہٕ خونِ باران ہاران ہاران سوال دِوان۔......

"میانٕو دردِلو! گرِونامےٚ اَزاتھ روٗ ٹا......مےٚ ہاگوٚ ژھ پنٕن ماٮ۪ژِ مہراز۔ تس ہالاگہٕ ہاپننٕو اتھو ماٮ۪ژ......گنہِ أچھ ہا چُھم گاش۔ تمی ہٕسندے شوقہٕ ہا اوسُم شیٖشترٕ کمر گوٚنڈ مُت۔ شمہٕ لالہٕ میٲنی مأری منٛز وَنہٕ وِگنز ؤنی کنبس وَنہٕ وُنہٕ بجایہِ باکہٕ ژھٹان، سینہٕ ژٹان تہٕ تس پننس بأے جگرس ؤنی دِوان۔ میانٕو جگر کھانٹٕو......تہٕ چھو ناکورِ مالی۔ تہنز کورِ چھنا باین ہٕندِ دادِ تمہِ وِزِ دیوانہٕ گڑھان ییلہِ تمہٕ گرِ پہرس گرٕ دوٗر گڑھن"۔

یہِ سورُے حال اوسُم أندری کوٗران وَچھ۔ پرٛتھ اندٕ ہے روٗد، صِرف ووٗش تہٕ ہکی کنن گڑھان۔ کڑ بکہٕ دِمہٕ ہا......پوٗز تار اوسُس نہٕ زانان۔

"کتھ تاونس منٛز آے ہہنہٕ"

یہِ اوس أکِس بُزرگہٕ سُند وُٹھو ٹلی وُنن۔ یہٕ آس أمِس بلکُل نزدیک تہٕ پرٛژھمس لوتہِ پأٹھی......

"رحیم چاچا ژے کیاہ باسان"۔

أمی ژٹ میٲنی کتھ تہٕ وؤتھم کنہٕ پھسرا ے کران......

"یہِ ہسا چھ سارِنے ہمساین پتاہ......پوٗز گُس کرِ جُرتھ زبان کھولنس۔ تمہِ وِزِ آو سورُے محلہٕ ژستھ ییلہِ یہِ واقعہٕ سپُد"۔

یہِ بۄزِتھ اُلجھ پانس ژنن تہٕ مےٚ کوٚر روٕنی یورَے پننس یارس اشارٕ نیرنہٕ باپتھ تہٕ ووٚنمس

''جان گوٚو نیرِنۍ''

اسہِ ہیوٚت ژلی ژلی نیرُن تہٕ پتۍ کنۍ گوٚو آلو......

''یا گوٚوژ دژا کھ''؟

مےٚ ووٚنس یورٕ......'' آ۔ بہٕ نیرٕ، کاٗم چھَم۔ اَتھی ستۍ دژاو بہٕ لرلر دِوان اسہِ پتےٚ۔ آنگنہٕ منٛزٕ نیرنسے ستۍ لگۍ گرِ گن زٕ ٹھی زٕ ٹھی قدم تژاونہِ۔ میاٚنس ذہنس منٛزاوس اکھ عجیب طوٗفان گراو وتلان تہٕ گرا بوژان۔ یم وبدا کھ اُسم بار بارأ چھن تل یِوان۔

''کیٛاہ اوس اُمس سلام صابس قسمتس۔ بچارٕ رنگہٕ رنگہٕ آو گیرِس منٛز ہینہٕ''۔ یہِ اوس میٛون ستۍ بوج مےٚ گن ونان۔ پوٚز بہٕ اوسس خبر کمن حالن منٛز یِر۔ ''ژےٚ چھسےَ ونان'' ......

اَمی دِژ مےٚ زیر......بہٕ زن گوس نندرِ منٛزی ہُشیار......سورُے اوسُم دِیان تہٕ دزان زن باسان۔ یتھ گُن نظر تژ اوان، تہِ زن کھینہِ یِوان۔ تم دوہ آم یاد یێلہِ سلام صابُن نذیرٕ کالج گوٚھنہٕ خاطرِ اسہِ ستۍ دوہےَ صُبحاے بسہِ اوس کھسان شہر وَسنہٕ باپتھ۔ کاٗنسہِ گُن اوس نہٕ أچھ تُلان، نہٕ چھےٚ اَمی ستۍ زیٛوٗ کتھ زانہہ مےٚ کنن گمٕژ، نہٕ اوس بیٛہان بۄزرگن تِھیہِ سپدِہ پَتھ۔ شریف، نرم تہٕ حدٕ کھوتہٕ حلیم۔ وٕنۍ کرین گریجویشن تہٕ مول آسہِ ہیس خبر کم سُوکران پننہِ جایہِ۔

یہ اوٚسُس اَتھی سوٗنچس اندر تہٕ یوٗرٕ گوم آلو......

''ژٕ کیاہ لوٚگُکھ سوٗنچنہٕ۔ یہِ مان تہٕ سہ ورزٕ وادیُس کُنہٕ وقتہٕ تہٕ کانٛسہٕ ہنٛزٕ ناوِ بوٗڑناوِتھ ہیکہِ......یئتہِ چھِ اَسی دوہس اندر ہتہٕ ہتہٕ پھرِ زیوان تہٕ مران، یئتہِ چھا کانٛہہ انڈ گنڈا۔ خوش قسمت اوٚسکھ شہر لوٚگُکھ''۔

مےٚ ووٚنُس یوٗرٕ......

''تتہِ تہٕ ہا چھُ یوٚہے حال۔ مگر یوٚت اَنی لوٚٹھ تہٕ گٹہٕ کارنہٕ کینٛہہ۔ تتہِ اگر تِتھےٚ کینٛہہ گژھِ ساری چھِ رٕلِتھ میلِتھ کرٕ بکہٕ نادکران تہٕ پرٕتھ اندٕ چھُ وُترِ بنٛیل مِلہٕ وان۔ مظلوٗم چھُنہٕ پنٛن پان تتہِ پرٕژھیوٚن زانان''۔

''گوٚو تتہِ......وٕلُ وُچھتہٕ یئتہِ......کوٚرما نٛزِاتھ دأرِتھ طمہٕک مہرازٕ نہٕ کُنی یہِ سوٗرے زانِتھ تتھنہٕ کُنہِ کتھ تہٕ۔ پگاہ ہیکہِ کانٛہہ اکھ تہٕ تِتھِ نارٕ دٕ زِتھ۔ اتہِ گوٚژھ اَسِہٕ وُنی کنٛبس اُسن گنڈُن، تِکیازِ گژِتام دوہے رٕوٗدِکھ یئنہِ وإٔلس۔ تمہِ بجایہِ اتھی درودیوارٕ دیان تہٕ اکھ اکھ بُتھ ماتم زدٕ۔ اِدٕ کانٛہہ چھا زبان ہبکان مُژرِتھ یا کانٛہہ اکھا چھا دِلاسہٕ دِنس جُرتھ ہبکان کٔرِتھ''۔

مےٚ ژٔٹ یارٕ سنٛز کتھ تہٕ ووٚتھس یوٗرٕ......

''کرٕکھ نا بدلہٕ کتھا، یوٚدوٕ پیٹھٕ ہا ووٚتھُم وأراگ بوزان بوزان تہٕ وُچھان وُچھان۔ پھیران چھُم بہٕ کیازِ رٕوٗدُس یمن دوہن یئتہِ۔ تتہٕ اوٚسُس ریٚتی پچھِ شامہٕ گٹہِ یوان تہٕ گاش پھولنسے ستی اوٚسُس دَوکٕڈان۔ خبرٕ ے أسِم نہٕ کیٚنٛہ لگان......مگر......ازٕ زانِم پنٛن پان......''

چایہِ سماوار ووت بڑوٚنہہ گُن ...... یوٚ دوٚ ے مےٚ سخ بوچھِ اٗس ، پوٚ زیہِ سماوارتہِ اوسُم کھینہِ یِوان ۔ دپان اوسُس کرپھولہِ گاش تہٕ ژلہٕ ہایٚمہِ دم پھٹِ قاٗدخانہٕ منٛز ...... ۔ چایہِ پیالہٕ روٗٹُم نہٕ وُنہِ اتھس کبتھ تہٕ نیٚبرِ کُنی ووٗتھ شوروشر ۔ بہٕ گوس پریشان تہٕ گوس تھوٚ دوٗتھِتھ تہٕ آنگنہٕ نبر دراس ، ساٗری محلہٕ واٗلی وُچھِم سلام صاٲبُن گُن دَوان ۔ بہٕ تہِ دوریاس ...... یام اور واٗتی ، اتہِ وُچھُم سُہ گُہرام سارے محلہٕ چہِ زَنہِ سےٚ منٛز آنگنس لبلہٕ کران تہٕ وَچھ ژیٹان ۔

مردیوٗت ہوی لبہٕ ستیٚ دِیان تہٕ ووٗش ترٛاوان ۔

یام بہٕ زنہِ وانگس نٔش ووتُس اتہِ وُچھِم سلام صاٲبنی خاندارنی دراز دِتھ بےٚ حِس ، اٗسہٕ کُنی پھوٚسی گرٛکہٕ کھسان ۔ بہٕ دراس پوٚت کھوری تہٕ چھُس وُچھان وٗں آے گُنہِ جایہِ بیٚہنس ۔ اٗتھی منٛز پیٚیم قاٗدرِ کاکس گُن نظر تہٕ پرٛژھمس ......

"قاٗدرِ کاکا !! اسہِ گوٚ ونہٕ وُنہِ اکھ گاٗنٹھہٕ تہِ یِیتہِ دراٗمتِس ، یِتہِ ہےٚ کالس کیٛاہ سپُدیہِ"

اورٕ ووٗتھم ...... "گوٚ براٗ سہلاب یِیلہِ یِوان چھُ ، سُہ چھا تاٗر دِوان ٲسری پیٚٹھی کرنس"

مےٚ ژٕج کھورَ وتلہٕ زمین لفظِ سہلاب بوٗزِتھ ، دوٗپُم خبر نذیرِ چھاوارے ۔

یہ ڈبکہٕ بڈٲس صُبحہٕ پیٚٹھےٚ دارِ ہنگس پان الوند ترٛاوِتھ باکہٕ ژھٹان تہٕ وبدا اکھ دِوان ۔ یام سلام صاٲب اورٕ تھٲکِتھ ژھیٚنتھ دوٚیہِ دوہ آو ، آنگنہٕ اژوٗنےٚ لاٗینس دارِ ہنگہٕ پیٚٹھےٚ کرٛ بکھ ......

''اۄ نتھنامیٚون مأنٛز مہراز ژھأنڈتھ''......

یوٚر ژٕج گٔنی باکھ سلام صأبس نیرِتھ تہٕ اۄشس لٔج دار تہٕ یہِ بچأر آیہِ دارِ ہنگ ہیتھ بوٚن لاینہٕ۔

یی ونان کوٚرن اشارٕ سلام صأبس کُن، یُس دَم ہیتھ ہٕژرلد دیوارس ستی اۄش اوس ہاران تہٕ آرٕ بٔرژ وچشموزنتہٕ سوال دِوان......

''کیاہ سأتو ہہ تہِ چھُو ناعاریوان؟ تُہِ تہِ ہیکو نامےٚ یتھ سُہلابس منٛز اتھہِ رۄٹ کٔرِتھ، توٚہہِ چھو نا زبان......؟ تلا خدایہ سُند سوال ہاچھو، توٚہی ؤنی تو مےٚ کیاہ چھُ، سوٗرے چھُو نا توٚہہِ نظرن تل''

أتھی منٛز آو ڈِسپنسری ہُند ڈاکٹر صأب تیمی اتھہِ لاگأنی أمِس ڈبکہٕ بجہِ شہر چالان کوٚر۔ ہُیہ زٔ دۄتھ۔ مگر سلام صأب دَم ہیتھ خونِ باران ہاران تہٕ پھِری پھِری آشنہِ کُن نظر دِوان، یوٚسہٕ زنہِ وانگس منٛز بےٚ حبس تہٕ بےٚ حرکت زِندٕ لاش۔ مےٚ وۄتھ جیرٕ دپان چھُس گاش کرپھولہِ۔

راتس آیم نہٕ نِندٕ رزن اوُسس تینٛگلن پیٹھ یوٚ تام گاش آو۔ چایہِ تہِ پڑورُم نہٕ تہٕ گٔنی دٕ وکٕڈم دَم پھُچہِ بستی منٛزٕ...... پوٚت نظر دِنس تہِ رۄ دُم نہٕ مأل۔



# دَگ چھےٚ تیلان

”رَٹھ سا...... وۄنۍ نارَٹھ...... خبر یہِ کیاٚ زِ کنہٕ ڈول دِوان...... ہیےٚ ژےٚ چُھسےٚ وَنان“۔

یَیلہِ نہٕ یوٚر غورٕ کوٚرُس کاٚنسہِ، تٔمۍ ٹُل تہٕ لوٚیُن زورٕ درواز داسس...... ٹاس گوٚو...... تیُتھ ٹاس، یٚیمہِ سٟتۍ تٔمۍ ہٕندی موٗمتی احساس زن زِندٕ گٔیہ۔ تٔمۍ مُژراوِ اٚچھ...... سُہ زن کھوٚژ خبر کتھ، تہٕ لوٚگ اوٚرٕ یوٚر کمرس نژنہِ...... شی شی آواز گٔیِس کنن۔ سُہ رووزَن۔ بامبرٕ ہٕوٚت لوٚگ اوٚرٕ یوٚر تیز قدمو پکنہِ...... پدبن ہٕنٛزِ ٹاسہٕ رلیہِ سٟتۍ گےٚ ساٚری اٚندۍ پٔکھی ہُشیار۔

”توبہٕ تقصیر...... ظاٗہر یا دِیہِ نہٕ آرام کرنہٕ“

سٟتۍ گوس یوٚرٕ آلو......

”کوٚت...... کوٚت ہیٚژتھ راٗژ پھرن نیرٕنچ سکھر کرٕنۍ...... کتھ تُلتھ تفریق...... ژےٚ ما ہوونےٚ!! ضُمس پھولہِ نا گاش!!“

أتھی ستیٚ ژٕج تِمس کُنی کڑ یکھ نیرِ تھ......تہٕ لوٗگ وَنہٕ نہٕ......

''أ کیا آو!! بہٕ......بہٕ کیاہ ژٕ ہمہٕ وَتھ''

سُہ لوٗگ یِی ونان ونان دارِ آیہ گڑلیہٕ کرنہٕ......تیٚمس آو چارتہٕ وۄنُس

''یا گوٚ ودارِ کُنیٚ تڑ اوَ کھووڑھ؟''......

سُہ وۄتھ تہٕ ڈکھر أوبن دارِ ہنگس کھورِ......''بس......بس یُہے چھِ ژلنچ

وأحِد وَتھ......وَتھ اکھ سُہ وَتھ یپأری بہٕ پنُن پان بچأوِتھ ہیکہٕ''۔

ہُہ وۄژھ تہٕ ژھنہٕ نَس تھپھ یہِ وُنتھ......

''ژےٚ کیاہ چھی از بُنتھ آمُت؟''

''تھتھر اےٚ گیہٕ...... أ کیا ظاہریا ژوٗل......آ......ژوٗل اَےٚ''۔ یِی

ونان تڑ أون آرٕ برٕ ژوٚ چشمو ژہ پأری کمرس نظرا......وہ شاتڑ أوِتھ وۄتھ......

''خبر کأتیٚن دربارن منز آسہِ میانہٕ جوٗنچ کتھ لُجمٕژ پاکس......زن......

زن تہٕ بےٚ یوت۔ یتھ زِندگی ہنز کشمہٕ کشہٕ منز ہینہٕ چھُس آمُت''۔

''اۄشک سُہلاب ہیوٚتُن أمِس چشمن اندر یِرُن۔ زانہِ خدا أمِس کیاہ

چھُ آمُت بُنتھ''۔ یہِ أس ہو پانسےٚ ستیٚ ونان۔

یورِ وۄتھس......''سےٚ زانہِ......کأتیٚن امارن انہِ ووٚلسِتھ تہٕ نیگھ ڈٕہتھ''

ہُمہِ گیوٚلنس یورِ تہٕ مُسہٕ ژوٚتنس......آ......خبر کیاہ ری لگنےٚ تمہِ چھالن تہٕ

چھمبن''......اِدتس آوِی بُتھِ۔

''اوہ!!......أ کیا رونہٕ داما نگ شژونی۔ سنڈلہِ ہنز سُہ ز أوِج تہٕ

أوِج آواز چھَم کنن گوٗهان"

"ضروٗر کرنئے ...... یمہٕ کنہٕ وامہٕ پھلوآے"۔

یوٗرٕ وۄتھس ...... "ژٕ ے کیاہ پتاہ چھی کوتاہ خوش قسمت چھُس بہٕ۔ یتھ

انہِٕ گٔژ شہرس منز تہِٕ چھُس بےٕ شاید تس یاد پیٚوٗمت ...... وتہٕ گاران ما آیم

یۄٗرۍ"۔

یِی ونان ژٕج تس چیکھ ہش نیرِتھ تیٚمی ژھوپہٕ ہنٛدی جامہٕ پنہٕ پنہٕ گرۍ ......

"ہیے ...... مےٚ گُن ...... ونیامےٚ ناسہ یِیہٕ ضروٗر۔ میٲنس ڈۍ دوٚنس چھِہ

پوٗش پھُولراوان پکان"۔

أمی ترٛ وونِژ اسن کھنگالہٕ ...... "ہاہاہا!! میٲنی کن کأتیاہ آکاش چھِہ مےٚ بوٗزِتمی

سنٛزٕ سنڈلہِ ہنٛز آواز ...... چھَن چھَن ...... ظأہریا چھُن سُے روٗنہِ دامانہٕ ازتہِ

پورمُت یُس تمہِ دوٗہہٕ اوٗسُس۔ یتھ گاشہِ زٕژٕ پیوٲنی ہتہٕ بٔدۍ رنٛگ أسۍ

زُوان۔ یموٕ ستۍ زِندٕ روزنٕچ آش ووتھٕ بوٲس لبان"۔

"توبہ توبہ، یا گوٗو أچھ دِکھنہٕ ٹوٗنہٕ ...... دوٚہس ژھٔنیِتھ تھٔکِتھ شامس لر

ترٛاونس چھُہ انسان توشان آسان ...... مگر ژٕ دِکھنہٕ اکھ زٔول تہِ کرنہٕ۔ چانہِ

خأطرِ اوس بہترتہٕ افضل راتس تہِ کوچو منٛزی پھیرُن"۔

یمہٕ لفظوٕنی تمہِ شرارتہٕ سان ...... دروازس دِژٕن زورِ تھپھ تہٕ یِی ونان

ونان دژٲیہِ نبر۔ تیٚمی ترٛووُس یورٕ اُسن تہٕ وۄتھُس ......

"ہاہاہا ...... وُنہٕ ترٛاُوی نہٕ تمہِ لٔگی لہِ پأری یموٕ وَتو ...... ژٕ ے أے جوٗن"

پۆت آلو دِتھ وۆنُس ......

''ٹھہر ...... ھنا ٹھہراو قدم ...... وُچھ وارٕ وُچھ۔ یِنہٕ مے پاگل زانکھ۔ اگر پے لگی ...... میانہِ حُبا ہِکی نغمہٕ لگی پرٛتھ انٛدٕ نٹن کھسہٕ نہٕ''۔

''کُس عقلہِ تاون اوس میائنس مائلس تمہِ وِزِ پیوٚمُت یِیلہِ یہٕ یِتھ مصیبتس لأ جنٛس۔ سارِۍ وے ونیا ہس سُہ ہاچھ پاگل مگر سُہ گوٚ ورنگہٕ بُنٛگلن مُتی مُتی ...... زن لُجس أچھن پٹ''۔

''آ پزر چھ بلکل پزر ...... چون مول گوٚ ورنگہٕ بُنگلن تہٕ جادادس مُتی مُتی ...... مگر میون غرضہٕ اوٚن بابہٕ صأب اوس نہٕ سکوٚن ژھانڈان بلکہِ مال تہٕ جاداد، کار تہٕ بُنگلہٕ پننہِ مشہوٗری خأطرٕ۔ وٕنی اوس دِوان تہٕ نم دِتھ ماریہِ وُچھان''۔

یہِ بوزان بوزان دژایہ سو تہٕ ئُج ہیرٕن پاوِ پاوِ وسنہِ۔ أکس أکس پائیس پیٹھ کھورترٛ اوٕنی أکِس عجیب خیال ذِہنس منٛز یِوان۔ یہِ کھٕرٛ پوٚت کھوری واپس یہِ زأنتھ خبر یہِ ماکرِ پانس کانٛہہ وَر۔ أمی سُنٛد مول وسم نہٕ پتہٕ شانو پیٹھے۔ یام یہِ دروازس نشہِ وأ ژھُہ اوس پانسے ستی کتھ کران۔

''تنہٕ ووتُم یہِ دَگ للہٕ وان یینہٕ وٕنن کالج یِن ترٛ وو۔ مے زن چھ تنہٕ سورٕے کھینہِ یِوان ...... سو ...... سوأس۔ نہ سو چھے میانہِ خأطرٕ پوشہِ باغ یتھ نہٕ زانٛہہ ہرٛ دلگہِ۔ یہٕ اوسُس تمیُگ شیٚہجار چھاوان۔ نہٕ یہٕ اوسُس تمیُگ شیٚہجار ژٕہتھ بےٚ قرأری تہٕ اضطرابچ ترٛلیش ہُمراوان۔ سو تہٕ دژایہ تہٕ مے

گٔرِنی ترٛپش بہٕ دۄ دُس۔ میٚون ذِہن آوٗٹ فِکر وتہٕ دولابوٗ تنہٕ...... بہٕ گوس پرٕ ژھیٚون...... زانہِ خدالتس آسابہٕ یاد...... کنہٕ ترٛ وونس ژھوٹُس ٲستی"۔

ہُمہِ دِژ دروازس لتھ تہٕ شرارتہٕ سان وۄنُن اُمِس......

"رأژ پہر گوٚو...... ژٕ کیٛاہ وِوران۔ یہِ وہنہٕ کوسہٕ چھےٚ...... سو کیٛاہ وأتی۔ ژےٚ کونہٕ ژۄک تل واتان"۔

"ژےٚ لأیتھ میأنِس غمہٕ کِسِ سوٚ درس گٔنِژ تتھ وۄتھی ملر"۔ یِی ونان لوٚگ اُمی ہنٛز وأچھو منٛزٕ ڈٕرِیاو وَسنہِ، تس لگی ہکی۔ یام ہُمہِ یہِ حال وُچھ سُہ دژ ایہِ کمرٕ منٛزٕ تہٕ گٔنی ٹکہِ وٕ ژھ ہیرِ بون۔ کاشہہ تارازوٗنن نہٕ گرُک کاشہہ ہوٚشیار کرنس۔ دَوِی دژ ایہِ آنگنس منٛز تہٕ کوٚرُن لسہٕ کاک مژٕ نِندرِ ہوٚشیار، یُس پننِس چوکیدار کواٹرس منٛز شوٚنگِتھ اوس۔ یام تس صحبہٕ ہنٛزِ نوشہِ پٹھ نظر پیٚیہِ تس ژٕج کھورَ وتلہٕ زمین۔ یورٕ وٕ ژھس......

"لسہٕ کاکا...... ژٕ مابا مبر...... نیر ژٕ نبر...... تہٕ پکھ مےٚ ٲستی"۔

یورٕ اوس چوکیدار اَڈ کجہِ زبأنی ونان......

"بی بی جی مےٚ ونتہٕ حض کیٛاہ ڈٕلیل؟"

"رِکھیٚن نہٕ صِرف پکھ ژٕ مےٚ ٲستی"...... "صحب حض ماربم پتہٕ"۔ یہِ وۄتھُس لگہٕ ہنٛزِ زبأنی یورٕ۔

وٕ اں بدلووامہِ کتھِ ہُند مۄڈ تہٕ وٕ ژھ پھسرایہِ اندازس منٛز لسہٕ کاکس گٔن......

''لسہٕ کاکا...... ژٕ چھکھ مےٚ مأِلس برابر...... کوٚرزأنتھ یہٕ یہٕ پرٕژھےتھ

وٕنی زبم پوٚ زپوٚ زجواب''۔

لسہٕ کاکس ڈٕجہِ اتھ یہٕ چھ پننہِ جایہِ سوٚنچان خبر کیاہ ڈٕلیل چھےٚ نوشہِ گمژٕ تہٕ

شاید دِیہ مےٚ تبیلہٕ چہِ بلایہِ پوٚ ژ...... وولہٕ یہٕ لیوٚ کھُن تہٕ تہِ ،وٕن پتھراوِ خدا

صأبس ،سُے کربم حفاظت''۔

لسہٕ کاکس اُسی برابر پٕژ ہ وٕری گمتی خوجہِ ہندِس گرس منز نوکر ،تس اُس

رژھ رژھ پتاہ امہِ گرٕچ یہٕ زن نوشہِ گوڈے بوٚ زمُت اوس۔ تِکیازِ وٕن اوس

نوشہِ تہِ الہٕ پلہٕ ڈوڈٕوٕری گوٚمت خوجہِ گرس منز۔ مگر تمی ہنز اُسس نہٕ کانہہ

خبراہ اَتراہ یَس یہٕ باگہِ اُس آمٕژ۔ نوش اُس تس ہمیشہِ لوٚ من تہٕ تھوٚ من ہتھ

پریشانِ حال وُچھان۔ تس اُس پتاہ زِ کاروبارس پٕھ ہتھ پریشأنی آسان۔ سہٕ

ماأس زأنتھ۔

تمہِ وٕن لسہٕ کاکس...... ''ژٕ اَژھ پننس کمرس اندرتہٕ اُتی کرٕ دکتھ''

لسہٕ کاکس ژٕوٕل روٕ جِ نیرِ تھ یہٕ بوٚ زِتھ تہٕ وٕ تھُس بڈٕ عاجزی سان......

''گوٚ بُر نصف راتھ چھےٚ وُنہِ کنبس۔ چوٗنے خانہٕ دار زن آوٕ نٕ ےٚ

ژھانڈان ژھانڈان یاصحب زن آو۔ مےٚ دیاوِ کھاپھاسی...... بےٚ چھی نیٚک

نیٚک عیال مےٚ پیٹھ کرتہٕ رحم''۔

''ژٕمہٕ بامبر یور یِیہ نہٕ کانہہ ،وٕن اگر کانہہ آو تہِ مےٚ نِش چھ جواب''۔

لسہٕ کاکس کھوٚت شہہ ہیوٚ تہٕ بیوٚ ٹھ پتھر لبہٕ ستی ڈوٚ کھ دِتھ۔ زبوٚ اُسس

خوشِک گژھان۔ تام ؤ ژھس......

''لسہٕ کا کالوکٹ صحب ییٚلہِ کالج پران اوس گرِ یتھ کیاہ اوس اٚمۍ سُند کار؟''۔

''بی بی جی سُہ حض اوس رأژ پہرن گراژان۔ پتہٕ ییٚلہِ خوجہِ صائبس شک گوٚو سُہ حض اوس ژیر گرِچھنس پیٹھ اٚمس وٕ کروالان''۔

''کیاہ شک''...... ''کہیں نہٕ حض''۔ یورٕ وۄتھ لسہٕ کاک۔

''ژوٚرِ مہٕ تھاو کہیں، ژٕ وَن صاف صاف''...... یہِ بوٗزِتھ گابریاو چوکیدار۔

''یہِ وَنتہٕ وہنہٕ چھایمن کانْہہ رِشتہٕ دار کِنہٕ کانْسہِ دوستہٕ سٕنز کوٗر؟''

ییٚلہِ لسہٕ کاکس سوالس پیٹھ سوال آو کرنہٕ...... سُہ گوٚو پریشان تہٕ ووٗتھس......

''بی بی جی، چون مطلب کیاہ چھُ؟''

''میٚون مطلب چھُ لسہٕ کاکا یہِ بوزُن زِ وہنہٕ کوسہٕ چھےٚ تہٕ چائنس لوکٹس صحبس کیاہ واتہِ؟''

''بی بی جی ژٕ دِمےٚ وعدٕ میٚون ناو ہیکھ نہٕ کُنہِ، اِدٕ وَنےٚ تی یہِ مےٚ پتاہ آسہِ''۔

''لسہٕ کاکا بلکل چھس پننس ببس لسہٕ کاکس ستۍ وعدٕ کران۔ اگر میٚانۍ گردن تہِ ژھینہِ، چون ناو ہے ہمہٕ نہٕ کُنہِ''۔

لسہٕ کاکس کھوٚژ وأنِج تہٕ لوٚگ وَننہِ............

''گوٚبرا مےٚ چھکھ اٚچھن ہُند گاش۔ دِلِ جِگر کوٗر، توٚ کنۍ تھاوَے نہٕ

کاٗنہہ کتھ تہٕ ژۄ رِژھایہٕ ژےٚ نش ۔ بوز......لوٗکٹ صحب اوس کالجہٕ پران۔

تتہٕ اُس اُمس اَکس کورِ وٕنِس ہتی سٕخ دِل لگی......یم اَسی بِلکل اکھاَکس

نزدیک ۔ییلہٕ خوجس پےٚ لَج تہٕ روٗٹن صحب جی زبردست کھتیٖژ کوٚرنس ۔سُہ

کتھ مانہٕ ہے۔ صحب ژۄل گرِ ۔ خوجہٕ صاٗب گوٚو مجبوٗر صحب جی واپس گرٕ

انُنس ۔مگر اَندٕری اَندٕری لوٗگ ژۄیہِ کرنہٕ وٕنِس کیٗنہہ ورکرنہٕ خاطرٕ ۔گوڈٕ

دِژن وٕنہٕ نِس ماٗلِس سٕخ دھمکی یہِ وٕنتھ زِ ’’یہٕ کراژےٚ ہِوس شکس لدس ہتی

رِشتہٕ ...... ژٕ کیاہ شِکس دِکھ میاٗنِس پاگل نِچُوس، ییٚمِس کروڑپتی چھِم نیتھر

ہتھ اورٕ یوان ...... وٗں بوز واَنجہٕ ہنٛد بوکنو ...... کرٕہن کوٚربند گرٕ تہٕ تژ اوٕ

ناوٕہن کالج پرُن تہٕ گوٚو جان ...... وٗں اگر نہٕ میٗژ ہتھ وُڈاوٕناوتھ ...... گرس

مژ گرژھی نہٕ باٗ ژپھیانگٔنی تہٕ روزٕنی‘‘۔

ژٕمی کرےٚ یہِ خوجہٕ صاٗبس سٕخ عاجزی اُمس حض چھِم نوٚمےٚ گرژتام رٕبتھ

فاٗنل اِیٔرس پرٕ ۔ یورٕ ووٗنُس خوجہٕ صاٗبن......‘‘

یہِ ژےٚ ووٗنےٚ تتھ پٕٹھ کرعمل باقےٚ چھس نہٕ بہٕ بیٚیہ کہیں تہٕ بوزنہٕ خاطرٕ

تیار‘‘۔ پتہٕ تژ وووٕنِن کالج گرژھن تہٕ لوٗکٹ صحب رٕودتس توتہٕ سمکھان تہٕ

چِھ لکھان۔ ’’پتہٕ حض‘‘......!!السہٕ کاکس ژٕج گٔنی باکھ نیرِتھ......

’’گوٚبراکیاہ وٕنےٚ ......کورِ مول مہٕ اُسن کاٗنہہ ......سُتہٕ غریب تہٕ لاچارٕ

اَچھو،کٔنی چھ ڈوٗٹھ باران وسان لسہٕ کاکس......زِہوےٚ چھس نہٕ پھیران......

مگر بی جی کتہٕ تژ اوِہیس......

"پتہٕ کیاہ سپُد لسہٕ کا کا..... ژٕ کونہٕ ونان"۔

"پتہٕ ہا گوٗ برا....."۔ اُتھی منٛز ژٕ جس وَدن ٹانگ نیرِ تھ......

"یێلہِ خوجہِ صابس پےٚ اَلِج...... تِمہِ کوٗر اکھ نفر تیار، تس دِتُن بوٚڈ رقم تہٕ دوٗ پنٛس یێلہِ تہٕ موقع یِیہِ..... وینہٕ ژٕ ہنٛز زبن گاڈِ تل...... پولیس ترٛاوِ تہٕ مےٚ پیٚٹھ۔ اگر کانٛسہِ پےٚ اَلِج۔ وُں اگر پکہِ نےٚ کارسیوٗ دا یہِ تیٚلہِ گےٚ یہِ میٛانہِ طرفہٕ داہ ساس روپیہ چاےٚ"۔

گوٗ تام دوہے گےٚ تہٕ صحب جی آو وَدان وَدان تہٕ پان ماران...... تُہۍ تہٕ اُسو تمہِ وِزِ گرێ، مگر ژےٚ دیُت ہےٚ نہٕ محسوٗس کرنہٕ۔ پتہٕ اوس یہِ چھٹھن ہُنٛد ٹھیلہٕ سینٛس ستۍ رٹِتھ دِیان آسان...... دِگرِ بزوٗنہِ اوس ناپارکہِ منٛز تہٕ مٔتۍ ہُنٛدی پاٹھی کھوت ہیوٗرتہٕ بیوٗٹھ کُٹھ ترٛاوِ پرِتھ......"۔

یہِ گیہِ سخ پراکنٛدٕ یہِ داستان بوٗزِتھ۔ رُم رُم لُکس وَدنہِ۔ اوٗش آو اَچھن منٛز..... یہِ ظُلم...... ظالم عاش کران تہٕ مظلوٗم...... "وینٛس وتن وُچھان کر واتہِ گرٕ"...... وینۍ لاش۔ لاش گرس منٛز دون دوہن...... یوٗ تام پہچان سپز۔

"دراصل چھُ سہٕ بیگ چھوٗ ستۍ برِتھ...... یُس گوڈٕ مےٚ پلہٕ نیان یێلہِ نہٕ مےٚ غور کوٗر مس تہٕ لوٗین دروازس زورٕ......"

"لسہٕ کاکاوٗں کربس......" "بہٕ چھس نہٕ زرانےٚ یہِ مزید بوزُن"...... مایوٗس چاتٹہِ وُژھ لسہٕ کاکس...... "ووتھ ژٕ مےٚ ستۍ ہیوٗر، کأم چھےٚ"۔

پھٹہِ متوٗ کوٹھو چھُ لسہٕ کاک اُمس پتہٕ پتہٕ ہیرِ کھسان۔ اِشارٕ ہوونس

ٹھٕہر۔ یہِ رۄز دَروازس سٕتی کن دِتھ۔ ہٕہ اوس بڈِ بڈِ کتھ کران۔

''کتھ چھکھ قدمہٕ پتہٕ قدمہٕ گرِ نظر دِوان۔ قدم تُل ہنا تیز...... پتہٕ گژھی ژیرِ تہٕ پتہٕ پھیرِ ی''...... اُتھی ستی ووٚتُن

''خدازانہِ تِمس ما آو ٹھوٚرکیٛنہہ......سوزانہِ تہٕ زانِہہ اپزٕ کرُن...... خبراز کیٛاز گوس ژیرِ۔ مے ماچھ چھٹھی پرنس منٛز دُژیوٚت گومُت۔ مے مالوٚگ دھوکہٕ۔ سو ییہِ ہے ضروٗر...... سو چھے وقتٕچ پابند۔ تِمس چھِ میٛانہِ دگہِ ہنٛز پتاہ۔ سوزانہِ میٛانٔی دَگ......سو دَگ یُس بہٕ للہٕ وان چھُس''۔

سُہ ووٚتھ شاید تھوٚد تہٕ بیگہٕ منٛزٕ چھکراونہٕ آمٕژن چھٹھن پھُیر دِنٛگ ہٕکرٕ کر گوم کھن...... بہٕ پرن چھٹھی دُ بارٕ...... پرنس منٛزٕ ما گوم ہیرٕ پھیرٕ تہٕ لوٚگ سُہ چھٹھی پرنہٕ......

میٛانہِ ٹاٹھہِ

خداصأب تھأوی نٔے دارٕ وتہٕ

پننہٕ دَپکھ وپنہٕ چھے مَس گمٕژ تہٕ دِل چھُس نہٕ سمکھُن یژھان پننِس مارٕمتِس، سو چھنہٕ کتھ۔ چانہِ دادِ چھُم اکھ اکھ گرٕ اُچھ پھاٹہٕ وِتھ نیران۔ تالوٚپچن گرٕنٛد گرِتھ چھُم نوٚموٕے اُچھو گاش یِوان۔ چانبو یادَو چھ میٛون رُم رُم آوٕ ٹتھ تھومُت۔ بہٕ چھُس چأنی دِژٕ ےاتھ حالس اندر یرٕ گژھان۔ نہٕ چھُم کُنہِ بوٚتھ تہٕ نہٕ چھُس کُنہِ تارزانان۔ ووٚمیذن ہٕنٛدی رتہٕ ژأنگی شولہٕ نأوِتھ چھبس خابن منٛزٕ مَس گوٚھِتھ دِلہٕ کین چھوکن کُنے مہلامہٕ زانان...... سُہ مہلامہٕ چھ یاژ

أچھوٗ وچھُن نتہٕ پننہِ ذِہنہٕ کٕنہٕ چھکرِتھ اچھرن ترتیب دِتھ توٗ ہہِ نامہٕ سوزُن۔
ینہٕ چاۓنِ بابہٕ صاۓبن جبرن بہٕ کالج ترٛاوناوٕنس تتہٕ چھُم رُمس رُمس دگ
تیلان...... دٔگ چانہِ امارٕچ، ییٚمہِ میاۓنس بدنس گگ چھِ گُری مَتی...... چانیو
دردِلو کوٚرمیانین ارمانن کاژ...... بہٕ تھاوناوٕہس چار دیوٲری اندر بنٛد۔ تتہٕ
پتھٕ ییٚلہِ تِمن چانہِ تہٕ میانہِ جنوٗنچ پےٚ لُج۔ بہٕ ترٛاوناوٕہس کالج۔ صِرف أسی
اکھ أکِس نِشہِ ژھینہٕ کرنہٕ موکھ۔ بہٕ چھُسس نہٕ خام، نہٕ چھُسس مُشراون
وانٕجتی۔ پٔدِس پوٚد چھُم رأچھ...... وُنہٕ چھُم نہٕ پتاہ کیٛاہ آسم وُچھُن۔ مگر بہٕ
چھُسس کینٛہہ تہِ وُچھنہٕ خأطرٕ تیار۔ ژٕ گری زٕ ہم پانس حبس۔ ینہٕ بخلین نظر
لکھو......

از چھُم اِرادٕ کوٚرمُت ژٕ ےٚ تتی سمکھنس ییٚمہِ جایہِ ہُنٛد اشارٕ اوسٕ چِٹھِ منٛز
دِیُتمُت...... مے پیٚیِ تن خبر کیٛاہ کرُن۔ بہٕ وأژس برابر زٕ بجے۔ مے
پژٲری زیو......

چاۓنِ صِرف چاۓنِ

ونٛنہٕ......

چِٹھی پرٲنی ترٛووُن اسن کھنگالہٕ یہِ ونان ونان......

"سو واتہِ...... آضرٕ رواتہِ...... نتہٕ ما آسہِ آمٕرتہٕ کتہٕ تانی کنی آسہِ ژٕرنیو
کنی میانی ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ وُچھان۔ کنن چھم آواز گژھان"۔

"بہٕ آیس...... دپہٕ ہگھ ماٹھٕٹھ کوٚرُن...... توٗ ہی کیٛا زٕن قبرِ منٛز کڈی مَتی"۔

"چھُم نہٕ وۄنا وَ چھس دٲرتہٕ ہاوٕہے...... مےٚ کٲتیاہ طوٗفان چھِ وَ چھس اندر تھامہٕ گمتؠ۔ وۄنا بہٕ چھس پان پرٕژھیوٗن زانتھ گرِتہٕ ژِہی گٕذاران"۔

"مےٚ موٗن ژٕ چھُکھ پرٕژھیوٗن...... تیلہِ رَٹھ تہٕ طوٗفانس کُن ناوِنم سولگہِ ضروٗر بال...... میوٗن حال کیاہ...... یُس چانہِ دوٗرِ رُک ناراوٗش وانہِ چھےٚ ژھوٗراوان...... مہٕ گژھہ ناوہ میدی ہٕنٛز گژانگلہِ"۔

"نہٕ وۄنا...... ناوہ میدی ہٕنٛز چھُنہٕ کٕتھےٚ کانٛہہ...... شاید ووت سہٕ وق ییٚلہِ أسی ہمیشہِ خاطرٕ اکی وَتہٕ پکِتھ زِندگی ہُندیہ سفر اندوا تنأوِتھ ہکوٗن"۔

"وُٗل جناب ترٕ اُوِیمہٕ کتھٕ، راتھ واٗژ کتھ تام شایہ۔ وقتُک گژھہ خیال کرُن...... یہٕ چھُ ژلان۔ اتھ کُس اکھ ہیکہِ کاژٕرٕٹتھ"۔

"آ...... آ۔ وُٗل پزٕ نہٕ اسہٕ پژارُن۔ وۄنا ہنٛدٕ رچھُم کرتام دٕزمژ...... یادن ہٕنٛز دَگ للہِ وِتھ چھس گرِتہٕ ژِہی گٕذاران...... دوٗپےٚ اَن پٕٹُن نرم تہٕ نوٗزُک اتھٕ تہٕ تھاوُم وَ چھس پیٹھ...... ژار وَچھٕ دُبراین معنہٕ"۔

"لتہِ کیاہ صرف یادن ہٕنٛز دَگ...... سہٕ دَگ یوسہٕ رُمس رُمس تیلان آسی"۔

کمرٕ منٛزٕ گوٚد کُنےٚ دزٕ وپھ...... اسہٕ ترٕووِ درواز...... یہٕ اوس بُتھ تل کُن گرِتھ...... چوٗنٹھ زمینس دِتھ پیوٚمُت...... چٹھِ آسہٕ سارے کمرس اندر چھکرٲوِتھ۔ بہٕ تہٕ لسہٕ کاک أسی أمس لرِ پھِرٕنی دِوان...... مگر یہٕ اوس ظٕہریا......!!

☆☆

# ابلہٕ وٕنۍ چھوکھ

بہٕ اوٚسُس ہمیشہِ کوٚشِش کران وَتھ ڈٲلِتھ نیرنس۔ تِکیازِ یِیلہِ تہِ مےٚ مسوَل بُتھِ پیٚیہِ ہے مےٚ آس وٲنجہِ شرٛاکھ وسان سُہ وُچھِتھ۔ سورُے پٔتِم سٔتِم اوٚسُم برٛوٚنہہ کُن یِوان۔ یہِ بِچارٕ تہِ آس ہیوٚرٕ کُن مُدَے گٔنڈِتھ آسان تہٕ شُنۍ یا ہس ژھونڈ دِوان کیٛاہتام ژھاران۔ أمۍ ہِنٛدی یِم چھوچھِ کٕترۍ آسۍ تمن دَگ ٹلان، یِمن أمۍ سُنٛد حال معلوٗم اوس۔ دوہ اوس نیران تمہِ وِزِ نستہٕ کنۍ یِیلہِ مسوَلہِ ہُنٛد حال انسان وُچھِ ہے۔ بہٕ دٕراس پننۍ کنۍ وَتھ ڈٲلِتھ مگر کتھ حالس۔ مسوَل آس ازٕ بلکُل تتھ بارکہِ گیٹس نِش آسمانس کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ مس پریشان، أچھ نارٕ ژٲنگۍ زن زوتان، زنتہٕ خبر کوٚت کال اوٚسُس ہِنٛدٕ رکرنس گوٚمُت۔

تمہِ دوٚپ...... "بہٕ کھسہٕ"

یورِ اوس گُستام پانسے ہِتی وَنان

''اِ دٕ گھٔسی تن۔ آسہِ سَے طاقت...... گوڑٕ کوٚت کھسہِ، یمہٕ گیہِ ہوٚس گیچہٕ گنڈنہِ۔ تہِ چھا ممکن''۔

تمہِ ترٛاوُس گُن دولہٕ نظراہ تہٕ ہیوٚتُن تس گُن پکُن۔ سُہ لوٚگ مےٚ گُن وَننہٕ......

''کوتاہ کھسہِ تہٕ کوٚت والہِ''؟

''یہٕ کیٛاہ ونَے! حالس گژھی تن پکان''۔

تٔمِس آو جنوٗن زن تہٕ وُٹھ...... ''تہِ ننہِ پانَے۔ قیاس کرنک وق گوٚو۔ وٕں چھُ عملن یِوان حساب کرنہٕ''۔

یورِ دِژ تمہِ گُنی کرٛکھ...... ''ژھوپہٕ''

اسہِ وۄنُس یک زبان...... ''کیٛا زِ!!''

''دۄپُو نابوٗ زِو...... چھٕنہٕ چھک...... چھک...... چھننا ناچھک۔ دۄشوٕنی کنن دِیوٗ تھوٚپ...... اورٕ مہٕ وُچھو آرٕ برٛژو چشمو...... بوٗزی تو...... وارٕ بوٗزی تو، کمہٕ رٕسلی تہٕ موٚدرِ نغمہٕ۔ رونہٕ گوڈُن ہُند وزُن۔ شرٛ ونہِ رائے ہُند گرٛ بزُن''۔

اُتھی منٛز وۄنُس اسہِ...... ''ینہٕ نظرڈٔلی''۔

''سُہ چھِنہٕ کتھے۔ میٛانہِ نظرِ نِشہِ کتھٕ ژلہٕ...... پوٚز کتھ چھےٚ''...... پانسے ہِتی وۄنُن...... ''دپھتہٕ کیٛاہ؟...... اگر ونو......''

یورِ ژٕٹ کتھ اسہِ ...... ''متہٕ وَنتہٕ''

سوٗ ژھاورِ ...... ''قودرتن دِژ عقل''۔

اُتھی وَنس ہتی آس بےٚ فُرصت زبانٔی پٔٹھ......

''اوہ...... چھک چھک۔ چھنا چھک ہیوٚتُن زیادَے تیزُن...... سُہ چھُ وُنہِ کھسانٔی ...... نہٕ سُہ چھُ تھدان۔ اڈٕ برس وَچھ ژٹان چھُ ہیوٚر رہیوٚر لمان۔ کُنٔے شی گوم کٔن۔ شاید ژٕجس رِکنٔی نیرِ تھ...... آ...... آ...... پٔزی پأٹھی وٚتھ پٔتھ اٮ۪ڈٕ ہےٚ ...... توبہ...... توبہ!! سو وٚتھ چھلہِ چھلہِ ...... میأنِس اَنہٕ خانس گٔو...... ''اُتھی ہتی گوس دَم۔

یورِ وٚن کُمی تام...... ''گٔوژِن''

ہِمس کھوٚت کنہٕ پھبژن...... ''ژٕن!!...... کتھ گٔو؟''

گٔوژٕ اوسکھ مےٚ امتحان کران...... نہٕ...... نہٕ بہٕ مانٔے نہٕ چأنی یہِ افراسیأبی...... تھاوکن تہٕ بوز''۔

''کیاہ بوزٕ اَتہِ کیاہ چھُ بوزُن لایق''۔ اُتھی وَنس ہتی گیہِ پٔتھ اٮ۪ڈٕ ژھوپہٕ۔ پوٚز سارِنٔے ہنٛزٕ نظرٕ آسہٕ درس لجٕمٕژٕ۔ کٔن اَس وُنہِ سُہ آواز گژھان...... ''چھک...... چھک...... چھنا چھک''

''عفوٗ کھٔرِ!! آ کھٔرِ۔ کُنی کرٕ یکھ گیہِ...... دپان بالن تہِ ژالیہِ نٔتھ...... سأری وَنان کھٔرِ...... ہاہا''

تَمہِ کوٚڈ واش ہیوٚ تہٕ ہیوٚتُن وارٕ وارٕ بڑٕ وٚنہہ گُن پکُن۔ سو آس زنتہٕ پرن

واش کڈان کڈان تھدان۔ زن تہٕ آس زنگن کھر۔ توٚے ہیوٚتُن وارٕ وارٕ کھسُن تتھ شیشو ہیرٕ۔ کھورن دأشو کھرٛاو۔ تتھ پاٹیُک پن لأگتھ اوس۔ خوشوٗن تہٕ نٔندٕ بوٗن پن..... فِضہس لٔج یہِ آواز سپنہٕ ژٹنہِ..... "پن..... کیاہ خوشوٗن تہٕ لوٗبہٕ وُن..... پوٚز پن..... یہِ پن اڈٕ بن ژٹان تہٕ..... تہٕ"

یورٕ ووٗن سارِوٕے یکہٕ وٹہٕ..... "تہٕ اڈٕ بن واٹان"۔

أتھی ستی لٔگی تِمس ہوش زن راونہِ..... بون کوٚت واتہِ ہیس نظر..... تس آسہٕ فِضہِچہِ کرٛ یکہٕ گرِ کھوتہٕ گرِ شاید حبہٕ وبسر اوان۔

تِکیاز ِسو أس وُنہٕ یہِ ڈٔلِ زِتہِ وِگو ہے پٹھ..... مأنزِنم تام أسس أدری۔ وُچھی مِتِس خابس وُنہِ تعبیرِ ے ژھاران۔ شیشس کُن وُچھتھ أسس پننہٕ ژھاے..... بُتھ مأری مٔنزی تہٕ لوٗبہٕ وٕنی باسان۔ پوٚز تِمہٕ نظرِ وٕن تھچمٕژ۔ لوٗسمٕژ تہٕ أنٛدری چھٔنٛدریامٕژ۔ مُدہ یہِ روٗزِتھ تِمی سنٛزِ پوٚت ژھایہِ وٕنی دِوان۔ ژوپأری نظرن ہُنٛد پہرٕ دِتھ..... تتہِ نہٕ کُہیں نظرِ یوان۔ اتہِ چھبس صِرف پننی شکل درٛیٹھی گژھان۔ تِمس ژٔج کُنی کرٛیکھ نیرتھ..... "کأژاہ چھُم کھران پننہٕ یہِ منحوس شکل۔ تیمی پٔنٕن مارٕ موٚت تہٕ لال شناس جانہِ عزیز گژھن تام دوٕہن مٔنز دیوٗو"۔

یورٕ گیہِ آواز..... "لتس اوس ووتمُت تہٕ ژھٔنِن أمِس نازلہِ ننہِ نبہٕ ترٛٹھ۔ کھسہٕ وِنس بہارس ژھٔنس ڈوٚٹھ"۔

تِمہِ ووٗن پانسے ستی کتھ کران.....

وُنہِ چھِم تِمہٕ آلو کٔرِن گژھان ییٚلہِ وۄنِم ''...... ہیے دپان چھُسے مےٚ کُن وُچھتہٕ۔ یہِ سِیاہ بۄ مبُر پأنٛڑ مَس چھِی سأرِے ولنہٕ زن آمُت۔ تیٚمی نۄرٕ بۄ رُت آفتابہٕ زن اۄبرس ژھایہِ چھُ تھومُت۔ یِمن زُلفن دِتہٕ اورٕ یور۔ دۄ میانہِ منٛگ بےٚ قرار سٔدُر رلبہِ ہے ہنا قرار ہیٚو۔ دۄ مے پتہٕ پھیری...... یِنہٕ پتہٕ بتھِ دِکھ''۔

تٔمی سِنٛز یِمہٕ کتھٕ یاد پٮ۪تھ اوس أمس جیرٕ ووتھان۔ سۄ أس باکہٕ ژھٹان...... بۄزاۄ شٮ۪کی سٔدرن اوس ژۄک ہوومُت سہٕ اوس وٕ ل خوشِک گومُت۔ تس اوس تِمن شٔتھیمتین ہاوسن تہٕ ارمانن وُبۄ دُرلگتھ یاوٕنکین سِرن نَنہر گومُت...... تِمی سِنٛز زِندگی نِیہِ خیالن ہِنٛدی طوٗفانن ڈٕہتھ...... مٔنٛدنین کوٚرنس شام۔

سۄ أس تتھ سوچہِ سٔدرس منٛز ییرٕ، ییٚتہِ گرابوٗڈان تہٕ گراووتلان أس۔ اتی تِمن ژہِہن تہٕ گربن سٔنتھ ییٚتہِ مٔرشھلین خابن ہُنٛد تعبیر زنتہٕ بٔنٛجرس لوٚچ تہٕ مایہِ ہنٛز رۄڈِ ژادرٕ وٕستھ أسس پھولراوان، تہٕ أتی پٮ۪نٛنین رتہٕ دأوی امارن مہلامہٕ گٔرِتھ ڈٕ دونس سگہِ وان تہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ گُل پھولراونچ کوٗشش کران۔ یِمٕنے حالن دأیراوان دأیراوان ژٕج تس زن رِکنہٕ...... بون آیہِ وٕستھ، تتھ شیشہِ خانس گوس ڈُبہ ڈاس۔

سۄ أس پۄت وَنہٕ کٔرِن لوٚہتین خابن گرٛنٛد کران کران وأران ذِہنس تسکین دِنٛچ کوٗشش کران۔ دوہ دوہ کڈِتھ تہِ أس رنٛگہٕ رنٛگہٕ پراکنٛد بن ہٕنٛدِس زالس منٛز آچھِ گژھان...... تس پیٚو وزن کیاہتام یادتہٕ أٔج مےٚ کُن وٕنہٕ:

''چھکھہِ حض بوزان'' ......مےٚ ئِج زن گڑین، مےٚ دِژ ہیوٚر کُن نظر......تہٕ

وۄنمس:

''ؤنی تو'' ......

أمِس ووٚتھ دَدرالیہِ اوٗش تہٕ ئِج آرٕ برٕژو چشموٚ مےٚ کُن مُدَے گنٛڈِتھ

وُچھنہٕ تہٕ وۄڈھ:

''بأے گاشا! ہِنا دِل اوزُردٕ گژھی۔ ہِنا دیکھ یہ بیٛنہٕ چھم ڈأن۔ أچھوٚ ستی کھیوٗن سہ پھولہٕ وُن مُشک دار گُلاب......نہ قطعن نہٕ ترٛشھ أس نہٕ کیٛتھے البتہٕ میأنس وونٛدس ہیوٚتُن جلاو۔ یہ......بأے گاشا یہٕ ذٕژس۔ دیان چھبس یہ زٕھٹھ گژھ نہٕ میانہٕ شہمتہٕ بیٛیہ کأنٛسہ وَئنی''۔

یمہٕ کتھہٕ بۄزِتھ آو مےٚ زن دِلس تیرٕ باراں، یم میأنس وَچھس ژٹان أسی'' ـمےٚ ووٚنُس......

''ژٕلِجھ میوٗن جِگر کترٕ نہِ، متہٕ وٚنتم یژھ کتھٕ''۔

''متہٕ ترٛاوتہٕ میانین زخمن نوٗن مےٚ دِتہٕ بوٚس لوٚژراونہٕ۔ نتہٕ گژھ دَم پھُٹی''

سہ ؤژھم اورٕ:

یادٕ چھُم پہواں تہٕ وُترٕبنٛیل چھُم وۄتھان۔ پانس چھےَ ناپےَ......سہ دوہ چھُم یادٕ ؤترِس کھولوٚتُژان تہٕ سہ دَگ چھُم وۄتلان یوٚسہٕ رُمس رُمس چھُم آوٚٹان''۔

''ؤں گوٚ وجان تہٕ سوٗرے مُشراوُن''

''کتھ مشم......تمہِ وِزِ أسی خاندرس سَتھ دوہ۔ تہٕ کیٛہ ییٛلہِ سمکھم تہٕ

پُرژھمَس......

''از کیاز چھو دِل ملوٗل ہوٗ''۔

زنتہٕ چُھم وُنہِ کنبس بڑ وٹھ کنہِ ونان......

''یێلہِ یادن ہٕنز براتھ بڑ وٚنہہ کُن واتن واجتی آسہ تێلہِ چُھ دِل راوان تہٕ ذِہن مُضطرب آسان۔ کأتِس دِمو واتھ...... کُنہِ لگان تہٕ کُنہِ نہٕ...... اوے چھس نہٕ دِل ملوٗل بلکہِ تشنہٕ''۔۔

بہٕ وٚژھس اسان اسان یوٚر......

''بوز وأنجہِ ہندِ بو کنو بوز...... ژٕ گژھ ہم خوش روزُن، تُتھی منز چھ میانہِ شوقُک بہارتہٕ جہار''۔

ودن با کھاژھٹن......اوٚشس لُجس کُنی دارتہٕ اڑ کجہِ زبأنی وٚ ژھ......

''وُں گوٚوتہٕ الہ پلہٕ اکھ وٚری یێلہِ سون رِشتہٕ طے سپُد......مگراز......ہاے تمہٕ رأژ، یمن منز دَگ روٗزِس أندری للہٕ وان، یێتہِ صِرف انہِ گوٚٹے انہِ گوٚٹ اوس۔ تلخ خابن أسس موٚدری تعبیر کران کران ژٕہی تہٕ ساتھ کڈان۔

کُنہِ اوس میانہِ حُبابُک جوٗن حدٕ نیرتھ مے دیوانہ نوان گرتھ۔ کاش! بہٕ آسہٕ ہا زأنتھ، بہٕ لاگہ ہاپُنٕ پان داوس تہٕ تس کرٕ ہار أچھ''۔

وۄشن ہوٚٹ چیرتھ تہٕ أس نہٕ سُہ پانس پێٹھ قابوٗ ہبکان گرتھ۔ پننہِ جایہِ کرٚییہِ مے سبٹھاہ کوٚشش یہٕ یمو کتھو نشہِ پھرنچ، مگر کتھ حالس۔ سُہ أس یر گمژ تتھ دٕریاوس اندر یێتہٕ بال تێنچ سبٹھاہ کم وۄمید أس۔ یہٕ حال وُچھتھ

اوٚسس بہٕ پانہٕ تہٕ گراو وتلان تہٕ گرابوڈان۔ اکھا کھ دوہ اوٚسم یاد پھوان تہٕ وأنج أٔسم ژھینان۔ مےٚ پیوٚ ویادسہ دوہ ییلہِ بہٕ گرٕ گٔن سکوٗٹرس پٹھ یِوانِ اوٚسس، سہ اوس شاید تمن دوہن پائلٹ بنیامت۔ بِلکُل چھم أچھنے تل تمیٚ سٕند سہ پھولہٕ وٕن تہٕ موکھہٕ پژون بتھ۔ پھٹہٕ پھٹہٕ کرٕون یاوٕن۔ یام مےٚ گٔن نظر پییس تہٕ اسان اسان آم بزٕونٹھ گٔن تہٕ وٕتھُم۔

’’مےٚ حض پھوٚ کلکتہ گژھن، بہٕ ہیوٚکس نہٕ روٗخصتھ تہٕ کأنسہِ ہتھ۔ تِکیازِ ایمر جنسی کال آیم‘‘۔

یورٕ گوٚو...... پوٚ زبےٚ عار موتن ڈیٚنٹنس نہٕ تورٕ ینے تہٕ چھوکھ لوٚگ تیمس بچارِ...... یُس چھو کھ للہٕ وان للہٕ وان یہِ ڈٕلی زِتہِ دیوانہٕ چھےٚ گمژ۔ بہٕ اوٚسس أندری سوچہٕ سٕندرس منزٕ یرتہٕ تمہِ دژمےٚ زیر......

’’ژٕ چھکھا بأے گاشامیٚون بوزان۔ چشمن أٔسم زٕون ألجمژ تہٕ اضطرابن اوسنم رِگیوٚ رتلمت۔ دوہس کیٚو راتس أٔسس تمیٚ سٕندی خاب وٕچھان تہٕ تمن تعبیر ژھانڈان۔ تس خدایس آیاو عار میأنس حالس پیٹھ، میأنو ارمانو لوٚب تار۔ تمہٕ گنٹہٕ زٕلکی دوہ وأتی اند۔ میأنی چھورٕ چھورٕ کرٕونی خیال لگی زٕونہِ ییلہِ سہ دوہ آو، یُس میأنہِ باپتھ مسرّتہٕ تہٕ تسکینہٕ ستی مالامال اوس۔ میأنی موٚمتی ارمان گےٚ زِندٕ۔ میأنہِ اضطرابچہٕ زِندگی لوٚب نوٚو آے تہٕ پاے۔ میٚون سیکیٚل آو سگہٕ وٕنہٕ‘‘۔

بہٕ اوٚسس یہِ سورٕے غورٕ سان بوزان تہٕ پننہِ جایہٕ سوٚنچان زِ کأتس کالس

روزِیہٕ بچأرا اَتھ چھو کس زماد کران ۔ییلہِ یہِ چھو کھأمس برابر أخرس دمس تام للہٕ وان چھ روزُن ۔نتہٕ اگر......'' ۔یہٕ اوسُس یِی سوٗنچان تہٕ سوٗ ژھم......

''بأے گاشا بوزان چھکھا...... میأنین ژدسہٕ لد ووٚمیژن لوٚگ سگ تہٕ میأنِس ژدی مٔتِس یاوٕنس آو بہار......ییلہِ تمی ہٕنز براتھ سوٗن گرٕ وأژ ۔یہٕ دژ الیس تُس پتہٕ پتہٕ...... گرٕشن تام دوہنے چھو وے ابدی مسرّ تکُ بہار...... پتہٕ یوٕر گوٚ وتورٕ آوِے نہٕ......بأے گاشا أچھ ہالوسم وتن مُدَے گنٛڈِتھ'' ۔سوٗنٛچ باکہٕ ژھٹنہِ، أچھوکنز اوسُس سہلاب وسان ۔مےٚ تہِ أنٛج اوٗشس گُنی دار ۔وأنٛج چھم ژھینٛان ۔یہِ وٕژھم......

''بأے گاشا آسہِ ناسو ''تار'' تہِ اپز......اِدٕ گوٚ واسُہ مارٕ تہٕ یہٕ تھأونس ییٚتہِ یہِ چھو کھ للہٕ وٕنہِ......مےٚ ونتا بأے گاشا یہٕ کس ترٛأونس''

مےٚ گوٚو ترَدُ دتہٕ یکدم پیٛوم ییٚہِ یاد...... ''مےٚ حض پیٚیہِ ایمرجنسی تہٕ پیٛوم کلکتہ گژھن...... ہاے خدلیہِ یورٕ گوٚ وپوٚز تورٕ آونہٕ واپس...... جمبوٚ جٹٕ پرواز کرٕناوٕنک اوس شاید أمس گوڈنیُک دوہ...... خاندرَس أسِس گرٕ تام دوہے گمتی ...... پرواز کوٚرُن...... پرواز......تمی کرٕنو پنُن روٗح تہِ پرواز......ہمیشہِ ہمیشہِ خأطرٕ...... پنُن وجوٗد......زلنہِ خدا کتھ وأرانس منٛز پیوٚ وتہٕ بٔنیاو جانورن ہُنٛد غذا، ......سُہ آوِے نہٕ تورٕ پھیرِتھ......صِرف وأژ کھاکھ ٹیلی گرام...... ٹیلی گرام تمہِ طوٗفانٛچ تہٕ قیامژٕ ہنٛز باوتھ......

''چون ڈبکہٕ لوٗن گوٚ وہوأیی حادِثس منٛز مارٕ''

تنہٕ پٹھٕ اُنج یہِ شُنبس وُنی دِنہٕ۔ یہِ زاُنتھ کُنہِ ما آسہِ تٔمی سُند وجوٗد پرواز ے کران۔ لوٗکھ چھِس وُں ازبنہٕ نَس ہڈان تہٕ ٹانہٕ ژٹان یہِ وُنی وُنی ......

"کھڑ...... کھڑ...... پر کھسی تن۔ آسسے طاقت...... پانے نَنہِ...... کوتاہ کھسہِ"۔

آواز جموٗ چیٚچ زن تہٕ رونہِ داماچ شژونہِ راے...... توے رونہِ داماہٕ پاٗرِتھ...... مگر تِچ شژونہِ راے تہِ باکہٕ زن ژھٹان...... ودان تہٕ رِوان باسان۔ مسوٗلہِ ہنٛدی یم چھو چھِ کتِری اُسی واُنج کوٗران۔ سو اُس دیوانگی ہنٛدِس آوٕلنس منٛز ہینہٕ تِتھ وجوٗدس وُنی دِوان یُس مارِموٗت ہُنتھ تس یوٗدکہِ دوہ اُچھن تل اوس تہٕ یہِ اُس تس چھوکنِ ہُنٛد بُلغار زاُنتھ پوٗزا کران۔ ازخبر کتھ شایہِ واُرانس منٛز گٔنے......!! زنتہٕ ژٔلِس بچارِ نظرِ تہٕ تمہِ شیشہِ خانہٕ منٛز آیہِ وُکرِتھ...... رِکنی ژٕجس نیرِتھ، اُنہٕ خانس گوٚس ژاُن...... بےٚ سایہِ گٔیہِ...... تہٕ بچاُر گٔیہِ ژٔنی تہٕ روٗز چھٔنی۔

تتھ شیشہِ خانس گوٚس چوٗر چوٗر۔ تٔمو کھنٛجو تہٕ رژھودِتی ہَس تمہٕ چھوکھ یم مرنس تام للہِ وُنی روزنَس......چھوکھ!!......یمہٕ گرِ گرِ زوٗن تہٕ رتہٕ سٔری گژھان روزن۔



# آشن ناش

دٲہن کامٕین دب دِتھ کوٚرمٕ ازٕ صُبحٲے اِراد صادٕ صأبُن گرٕ ژھنگُ۔ تِکیٚازِ کالہٕ گوٚومٕ سُہ ہسپتال گیٹس نِشہِ نظرِ...... یورٕ کٔرٕم سلام۔ تورٕ نہٕ کانٛہہ جوابٕے۔ یپأری أس برٕ بارٕے تہِ تہٕ ٹریفک جامٕ تہِ۔ ییٚمہِ کنہٕ بہٕ صادٕ صأبس نزدیک ہیوٚکُس نہٕ وأتِتھے۔ کالہٕ پیٹھے أسمٕ تمی ہنٛزٕ سُہ شکل صورت بار بار أچھن تل پِوان۔ یوسہٕ تمہِ وِزِمٕ درٛ ینٛٹھی گیہِ......

صادٕ صأب اوس پننہِ وقتُک شہزادٕ تہٕ نفاست پسند، اَز...... زنتہٕ قبرِ منٛزٕ کوٚڈُمت۔ برٛأنٛتی چھِم گرٛھان تہٕ عجیب رایہِ چھِم دِلس منٛز ووتھان۔ توٚے کوٚرُم اِرادٕ صُبحٲے تور گرٛھنگُ۔

وتہِ پکان تہِ چھِم رنٛگہٕ رنٛگہٕ خیال ووتلان تہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ سوال چُھس پانس پانے کران۔ سونٛچان چھس ازٕ گژھہٕ بہٕ واریاہہِ کالی تِہنٛدٕ گرٕ۔ خبر کیٛاہ کیٛاہ آسیم ازٕ تِہنٛدِ چانٛٹھہِ بوزُن۔ سُہ ماگوٚ ولحاظہٕ کھٕبنہٕ وول آدم...... اسان

اسان چھ کرٕہنہٕ مازس ژٕمچہٕ ہیہٕ وول۔ صاف گوٗیی ہُنٛد گوٚو سُہ لوٚ دمُت تہٕ پوٗس وأنِتھ گوٚو کتھ کرن وول۔ توٗ ے چھم پننہٕ جایہ شرمندگی۔ مےٚ ترٛ ووتور یُن گرٕژھن۔ سُتہٕ اوس وقتاہ یِیلہٕ أسی اکھأ کِس نشہٕ برٛ ژرِس تہٕ ژھہنہٕ گرٕژھی نہٕ گرٕژھنی۔ أتھی سوچس منٛز یرٕ گرٕژھتھ یام بہٕ صادصابنس گیٹس نزدیک ووتُس

''گیٹہٕ دؤرٕ ے پہن کوٚ رُم ہنا قرار ہیوٗ، گیٹہٕ دؤرٕ ے پہن۔ أندری اوُسس تمن سوالن ہُنٛد جواب سوٗنٛچِتھ تھاوان۔ تکیٛازِ صادٕ صابُن طرزِ کلام تہٕ عادت نظرِ تل تھأوِتھ اوُسس بہٕ زأنِتھ سُہ کیٛاہ پرٛ ژھِم۔ أتھی دوران دژٛایہِ زنہِ ژومبرِ أندرٕ تہٕ گیٹس نیٛبرٕ ی پلرس ژھایہِ رؤ زِتھ لجہِ پھسرایہِ ہش کرنہٕ۔ صِرف گوٚو مےٚ کنن یِہنٛد......

''کُنہٕ أچھ اوسکھ گاش، ژون بینٛن منٛز کُنےٚ سو ناو...... سأری أسس ژھاین آسان نظرِ۔ سکوٗلہٕ نیرنہٕ تہٕ پننہٕ ورِ آسس یمہٕ بینٛہٕ الِنہٕ تہٕ وَلنہٕ یِوان۔ خبر کس پیٛیہٕ أچھ پتھرٕ''۔

بہٕ سنٛیاس نہٕ بِلکُل یِہنٛزن کتھن۔ مےٚ ترٛ ووگیٹک لوٚ کُٹ درواز۔ اژوٗنےٚ پییم نظر صادٕ صأبس پٹھ، سُہ اوس لانس منٛز کرسی پٹھ بِہتھ۔ دوٚیو اتھو کلس تھف کٔرِتھ خبر کتھ سوٗنٛچس منٛز یرٕ۔ گیٹ کھوٗلنٛچ آواز کنن گرٕژھتھ تہٕ دیُت نہٕ أمی توجہ، کُس آو یا کُس دژاو۔ مےٚ پییہٕ تم دوہ یاد یِیلہٕ یہ پرٛ ژھتھ کأنٛسہٕ برٕ اَژوٗنس اَسوٗنہٕ ہونٛجہٕ استقبال کران اوس تہٕ نالہٕ متہٕ رٔٹِتھ نرِ تھپھ کران تہٕ کمرس منٛز نوان......مگر از......از زنتہٕ پانہٕ نِشہٕ بےٚ خبر۔

پنٛنہِ جایہِ گوم سبٹھاہ أندری زِبہٕ کیٛاہ زِ آیاہٕ سے یور۔ تِکیٛاہ زِ میٛانہِ خاطرٕ اوس
یہِ وٕطیرٕ خلافِ توقع۔ تہِ گٔرِتھ تہِ گوس بِلکُل نزدیک أمِس تہٕ گٔرمس سلام
......سلام کرنس ستی تٔج أمی مے گُن أچھ تہٕ وُٹھوٕ ے ستی کوٚرُن جوابِ
سلام۔ بہٕ پرٛژھ ہا یورٕ خأر پاٹھ اورٕ کوٚرُن کأنٛہہ جواب دِنہٕ بغأرٕ ے مے
گُن اشارٕ پانس کھوورِ طرفہٕ خأ لی کُرسی پیٹھ بیہنہٕ خاطرٕ۔
بہٕ روٗدُس پنٛنِس قریبی ستی بأج سُنٛد یتھٕ پأٹھی لوٚمُن تہٕ تھوٚمُن ہتھ
روزنس پیٹھ۔ تاب روٗ دُم نہٕ کہیں تہٕ پرٛژھمس ......
"صاد صأب! تُہی چھوِ ھَ ٹھیک پأٹھی۔ شُری بأژ چھا ھَ ٹھیکھٕے؟"
میٛون یتِۍ وَنُس ستی گوٚو کُرسی پیٹھٕ تھوٚد ؤتھِتھ۔ بُتھِس پھیوٚرُس
ووشُلُن ہیوٚ۔ مے گُن نظراہ گٔرِتھ ترٛ ووٗن ووشاتہٕ بیوٚٹھ بیٛہِ کُرسی پیٹھ۔ وُٹھن
زیو ڈألِتھ ووٗنُن ......
"اہن ھَ خأرٕ ے خأر۔ شُکر ذاتِ کریمس گُن۔ پوٚ زاز توٚ رُم نہٕ فِکرٕ
از کتھٕ پأٹھی توہہِ یرٛ کأ لی یور گُن وَتھ ڈٔجرٛ۔ تنہٕ تہِ گوٚ وَسنا اکھ ییٛلہِ ژِبلا ناغہٕ
یورِ یوان گرٛ ھان اوسُکھ"۔
یوٚ دوَ ے بہٕ زأنتھ اوسُس صادٕ صأب پرٛ ژِھ مے یہِ ضرور، پوٚ زمے
نِشہِ اوسنہٕ یمن سوالن کأنٛہہ لگہٕ ہار جواباہ۔ مے گٔر وقتس تہٕ وقتہٕ کمِن رنٛگن راہ
کھأ لِتھ پنٛنہٕ صفأیی دِنٛچ ناکام کوٚشش تہٕ ووٗنمس در جواب......
"یتھ بُتھی پھِری وقتس منٛز نہٕ ھَ چھُنہٕ گرِ ہبکان شامہٕ پتہٕ نیری تھٕے۔

زمانہٕ کیٚو وولہٕ گتہٕ نوتھاؤ ی ناپڑتھ اَند ژٔٹتھ تہٕ پرٕ ژھینٛ گرٕتھ۔ تُہی نہٕ حض گرٕونہٕ پژھے......تتہٕ گوٚ ومے واریاہ کال یورپنس سکھران''۔

''مے کیٛاہ وژن تتہٕ۔ لوٗ رتُجہِ ما......ووٚنی گوٚ وآتھواریا چھٹی تہٕ اَس نا اتھ دوران۔ ژٔ ھ وونی کتھ''۔

یہِ وٕنتھ گرٕ صادٕ صأبن ژھوپہٕ۔

پانسے ستی چھس سوٗنچان۔ امایہِ کیٛاہ چھس از بہٕ وُ چھان۔ یوسہٕ نزاکت تہٕ میچھر صادٕ صأبنین کتھن منٛز اوس آسان، تتھ چھُ سأرِے ادلہٕ بدلہٕ گوٚمُت۔ ییٚتہٕ یہِ لول اوس بأ گراوان۔ ییٚتہٕ اسوٗنہِ ہونٛجہِ کتھٕ آسہٕ، تتہٕ از مایوٗسی تہٕ بددِلی۔

''توہہِ چھا حض خأرٕ ے۔ از چھونہٕ تُہی بلکُل پنٕنین جامن منٛز۔ طرزِ کلام، ووٚتھن بہُن تہٕ رنگ روٗپ تہٕ چھنہٕ پنٕنہِ تِمہِ انمانہٕ''!!!

''کتھ حالس پھولہِ انسان......میاًنی کنٛی ژھنتہٕ نارٕ کھکھر سأرِے''۔

یہِ وٛژتھ اوس صادٕ صأب در جواب۔ مے لٕج سأرِے وجوٗدس ہسَر......راتگ صادٕ صأب زمانس لولہِ للہٕ وان تہٕ کمہٕ کمہٕ رمبہٕ وٕنی خاب وُ چھان تہٕ پنٕنین یارن دوستن وقتس ستی پکنکی درس دِوان۔ ازیوٚہے زمانس نفرت کران۔ اَمی ہنٛدِس اَکس اَکس لفظس تہٕ اَکس اَکس حرفس منٛز مایوٗسی تہٕ نااُمیدی درٛینٛٹھی گژھان۔ یہِ بدلاو تہٕ یہِ وطیرٕ......یہِ کیٛاہ دٔلیل ہیکہِ اَستھ۔ بہٕ چھس اَتھی حالس اَندری زول دِوان۔ عجیب راے چھم ووتھان۔ یام بہٕ کینٛہہ

پڑ ژھ ہا صادِ صائبس، أندرِ دژ ایہِ أہنز خاندارِنی۔ یام مے نظر پیہِ عطیقہِ لالس گن۔ مے گر سلام...... اورِ نہ جوابے۔ مے ترٛاو أمی ہنٛدِس بتھس گن نظر...... أچھ نارِ ژاٛنگی ہشہِ تہٕ زن وٕ دی وٕ دی ٹارٛی ہٕنیاِ متی۔ أمس ژوٗل بے فرصوٗتے نیرِتھ......

''ژاٛژھ تہٕ جلدِ ے اندر۔ تیمس گوم ییہِ خبر کیاہ......!!''

صادِ صاب گوٗ وہکہٕ تھوٗ دوٗتھ...... چٲلی تہِ لاٛجن نہٕ ژاو اندر...... یہِ وُچھتھ ژٕج مے کھورو تلہٕ زمین...... امایہ کیاہ ذٕلیل ہیکہِ أستھ۔ بہٕ چھس پننہِ جایہِ وامان تہٕ دھیان تہِ چھم اندر کُنے...... لوتہِ لوتہِ أسم ہکمن ہنز آواز کنن گژھان۔

بہٕ کس پزٕ ژھ ہا، بہٕ اوسس کُنے زوٗن لانس منز بہتھ یی سوٗنچان زِ عطیقہٕ لالہٕ ییلہِ تہٕ وُچھِ ہیم اندر اژان، تام أس بزٕ وٕنٹھ گن یتھ گوڈٕ شرٛہن بأژن ہنز خبرات پزٕ ژھان تہٕ پتہٕ أس گوٗل برٕتھ ونان......

''بھاٛے لالہٕ ژٕ کوسہٕ چاے چٕھکھ؟''

وونی اگر کُنہِ وِزِ دوہس دون دوہن آوٗرلگہٕ ہا تہٕ صُبحس أسم جواب طلبی آسان......

''بھاٛے گاشا، أسی ہا چھی ژے وتن آسان وُچھان۔ مگر......''

اتہِ اورأس نہٕ کہینٛہ ونان...... بہٕ اوسس أمی سُند جملہِ اسان اسان پوٗرٕ کران۔ ''مگر...... چانٛس بھاٛیس طوقہِ دُنیا زنگن ولنہِ یِوان نہ اورتہٕ نہ یور

ہبکان نیرِ تھ''۔

یہِ بوٗزِتھ اُسی ساری باٲژ اسن کھنٛگالہٕ ترٛاوان تہٕ کورِ آسم ٹھٹھ کران طوقہِ دُنیا بوٗزِتھ۔ یہِ اوس پتی موو لگ بھگ ترٛ ہوٗرِ یو پیٹھ سپدان۔ مگراز...... کٲنٛہہ چھم نہٕ فِکرِ تران۔ بہٕ اوُسس ووٗنی ہرٛ رلد ہٕنٛدی پاٹھی لانٛس منٛز پٔراران کانٛہہ ما کرہم آلو اندر اژنہٕ خاطرٕ۔ مگر سہٕ کیٛتھ گوٚو آلو...... مےٚ لوٚگ وٕں اضطراب برٛنہٕ تہٕ تاب روٗدُم نہٕ رٔژھہ تہٕ......

بہٕ گوٚس پکہٕ تھوٚدوٗ ہِتھ تہٕ ورٛنٛڈاہس پیٹھ گرٛم ژاکھر ...... تہٕ ژاس بیٹھکہِ اندر۔ اتہِ نہٕ کٲنٛہہ۔ اُتھی ہِتی کمرس منٛز آسہٕ کتھ گرٛشان تہٕ بہٕ گوٚس اندر اژِتھ۔ پوٚز بہٕ دژاس پوٚت کھوری واپس۔ وُزس منٛز روٗدُس اُچھن مُہنٛی دِوان، تِکیاز زِ یا تام گوم دُگوش نتہٕ تانی اوس کمرس منٛز اَنہِ گوٚٹ تہٕ پوٚرِ آم نہٕ بوزنہٕ۔ تام گوم صادِ صاٲبن آلو کنن......

''ژٕ کیاز زِ دژاکھ پوٚت کھوری۔ اَژھ اندر۔ ژٕکُس وو پرٕ چھُکھ؟''

یام بہٕ اندر ژاس، اتہِ وُچھم دارِ بند پرٕ دترٛ اُوِتھ...... ساری باٲژ اُندی اُندی تہٕ منٛز باگ بسترس اندر صابہٕ لالہٕ...... یام نظر پییم تام گیٚم وہہ وٕسِتھ۔ صادِ صاٲبنہِ ژٕ شوٚے کورِ، عطیقہِ لالہٕ تہٕ صادِ صاٲب دَم ہیتھ اوٗش ہاران۔ بہٕ گوٚس حٲران یہِ وُچھِتھ۔ اُتھی منٛز ووٗنم صادِ صاٲبن......

''وُچھان چھُکھ ساشمہٕ صاٲبا...... ووٗنی کتھ حالس روزِ انسان خوش تہٕ خوشحال''۔

یہِ حال وُچھتھ اوسُم سورُے نژان باسان......اوترُک صابہٕ لالہٕ آم
أچھن تل!!......طوطہٕ ہِنٛدی پأٹھی بولان ازسوسہٕ نیامُت آرٕ وَلہٕ پوش ہیوٚ۔
راتھ اوس لبن اسہٕ ناوان تہٕ گرٕ کس گرس دژ وکہٕ ناوان......از......وُڑوٗن
جاناوار پرٕ ٹُکتھ تہٕ کلہٕ پکھن منٛز تھاأوِتھ، نہٕ ستھ تہٕ نہٕ صداوکران!!۔
مےٚ کجہِ ییمہٕ کورِ أ کتھ کُن تہٕ بیوٚٹھس صأبس شانٛدس پٔٹھ۔ بُتھس کُن
تژ أومس نظراہ۔ سُہ اوس اَمہِ وِزِ تہٕ وُٹھ پھیشان......سأرِے پانس تھرٕ تھرٕ۔
پھٔرِس پٔٹھ تھووِمس اتھ، سُہ اوس تھوٚ دتھوٚ دۄٚ تھتھ گژھان۔
تہٕ یورٕ آلوکران صابہٕ گوٚ برا......"کیاہ سأ ئ لیل؟"
اورٕ سُہ آرٕ بُرژو چشمو تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ مےٚ گوٚ وکیاہتام تہٕ اُلجم
اوٚشس کُنی دار......صأبس لجہِ لرٕ نہٕ گژھنہِ۔ بسترٕ تام لوٚگ لرٕ زِ نہٕ۔ اتہِ وۄتھ
ہےُ رۄٗ د۔ صاد صأبن کوٚ رکورِ میموٚنس آلو......
"تلےَ گوٚ برٕ بھأیس کرٕ سُہ انجکشن"
میموٚنن کوٚ ڈ انجکشن المارٕ منٛز تہٕ بوٚ رُن تیز تیز برٕ سِنٛجس منٛز تہٕ کڈٕن
صابہٕ لأنٛزٕ أوِج تہٕ زأوِج مَژ ھ تہٕ بوٚ رُنس رَگہِ۔ سرِنٛج کڈٕ نچی گیہ تأر......
صأبس لجہِ أچھ درس تہٕ کُنی لرن گژھتھ گوٚ ودبنگ......کمرس اندر گیہ ژھوپہٕ۔
اکھ عجیب تہٕ دردناک ماحول ووتلیاو۔ میٚون سوچ گوٚ وتھامہِ......نہٕ چھم تگان
وَنُن تہٕ نہٕ سوٚچُن۔ عطیقہٕ لالہٕ أس مےٚ دُ چھنہِ طرفہٕ دَم ہٕبتھ أندری کتھ تام
طوٚ فانس منٛز زن ہٕبنہٕ آمِژ۔ لوٚتی پرٕ ژھمُس......

''بێنہٕ جِگری! صأبہٕ لالس کۆت کال گوٚو بمار؟''

اوٕر وُٕ ژھم......

''بھأے گاشا...... زنتہٕ ہا آیس لورِ گٮ۪ل۔ ربتھ بڑ وٕنٛھ ہا اوس لبن تام اسہٕ ناوان۔ یمن بێنن ہا اوس ہکہٕ ناوان۔ یمہٕ تہٕ آسس پوٚتھرٕ نی گتھ کران۔ زن اُلجس نظر''۔

صادٕ صأبن ژٹ سأنٛی کتھ تہٕ وُٕ تھ مےٚ کُن......

''شمہٕ صأبا ژٕ کتہِ لوٚ گمُت یمو وَتو ازیٚژ کألی؟''

مےٚ کُر یورٕ ژھوپہ۔ تِکیاز مےٚ اُس گوڈے شرمندگی ہندی سُہلا بن بولتی بند کُرمژ۔ تہٕ تام اوسُم مُشتھے گوٚمُت یمہِ بہانہٕ از واریاہہ کألی صادٕ صأبنہٕ بَراوُسس ژامُت۔ وُٕنتھ تہِ کیاہ ہکہٕ ہا...... پےٚ ماأسم گُنٛج...... بہٕ اوُسس پننہٕ جایہِ رَس رکسرِ گوٚمُت۔ یوٚت بہٕ یتھ گرس منٛز یوان گژھان اوُسس تیوٚت چھُس بہٕ یمہِ حالہٕ نِشہِ بےٚ خبر۔ صادٕ صأبُن گُنہٕ اُچھ گاش، ژون بێنن ہُند آش تہٕ گاش۔ پھولہٕ وُن ٹوٚر۔ مألس ماجہِ ہُند جہار لبن وول شُہلی گُل۔ پننہٕ والہِ وقتک تہُند کفیلہٕ تہٕ ڈوٚکھ...... جہار لبنہٕ بڑ وٕنٛھے یہِ گلہِ ٹوٚر بَر گژھنس تیار۔ زردیامُت تہٕ سوسہٕ نیامُت۔ سأرِے گرس اُمی سُند زرأندری کوٚران۔ خبر کمہٕ خاب آسہٕ ہن صأبہ وُچھتھ وونان۔

صادٕ صأبا توہہِ چھا پیٚژ بےٚ خبری گمٕژ یوٚ تام صأبہ لالہٕ اتھ دشایہِ چھُ ووتمُت''۔ اوٕر وُٕ تھُم......

"نہ بے خبری نہ کینٛہہ...... بلکہ چھِ میأنی گوناہ۔ یِموے معصوٗم وۄل"۔

أمِس ژٕج اوٗش ددراے نیرِ تھ تہٕ زیوٗٹھ وۄش ترٛ أوِتھ ووٗنُن......

"پادٕ پھٕلِم ڈاکٹر وانن تہٕ پیر وانن پھیران پھیران۔ کُلیٚ فقیرن تام رٔٹِم پادٕ"۔

"ڈاکٹر کیاہ ونان"...... مےٚ پرٛژھ یوٚر۔

"دِوان دواہ، کران ٹیسٹ۔ پوٚز کانٛہہ نمایاں فرق چھنہٕ درٛینٛٹھی گژھان۔ کانٛہہ ڈاکٹرا ترٛووِنہٕ...... سأری حأران گژھان تہٕ ہوٚکھی تسلی دِوان"۔

"وومیدن پیٹھ چھُ دُنیاہ قأیم...... زانٛہہ گژِھ نہٕ نا وومید گژھن۔ انشاء اللہ یِہ گژِھ ٹھیک۔ تُہیٚ تہٕ مہٕ ہأرِو ہمّت، یٚیمہٕ سِتی گرُک گرے خداے رٔچھِن خراب گژھ"۔

میأنِس أتھی وٚنِس سِتی ژٕجس باکھ نیرِ تھ۔ وِدان وِدان ووٗتھ مے گُن......

"دِپان چھس پلوٚن دِمہٕ ہا چاکھ تہٕ ژھٔٹہٕ ہا باکہٕ۔ یٚیمہِ رامہٕ ہوٚنی بستی منٛزٕ نیرِ تہٕ رٹکھ وَن۔ کرٛبکہ دِمہٕ ہا تہٕ أندرِم نار ژھٔٹہٕ ہا نبر...... پوٚز دِپان چھس لوٗکھ دِنم پامہٕ پتہٕ گُس اکھ نیٚم یِمن بلاین یِمہٕ واژمژٕ چھَم"۔

"ژٕ نے کیاہ حِض روِ ے۔ یہِٕ ہمّت گژھِ نہٕ ہأرنی، پیٹھ یتھ وقتس منٛز ییلہِ پرٛژھ گُنہٕ بیمارِ علاج چھُ، صرف گژھ روزی آسُن"۔

"شمہٕ صأبا...... وأنج زأ جتھم۔ یہِ "یتھ وقتس منٛز ؤنتھ"۔

گوٚو ایتھ وقتس ڈاکھ، یٚیمی وقتن ہا دیُت میأنِس پھولوِنِس باغس

نار......!!!''

یہِ وَنان گیہِ صادِ صاۓبس اُچھ نارِ ژاۓ نگی ہشہِ تہٕ وُٹھ لوٗگ بڑکنہِ ۔ بہٕ
گوس پنٕنہِ جایہِ شرمندٕ ے......سوٗچُم شاید تُجہٕ مےٚ کتھ کرٕنی ۔ صادِ صاۓبن دِژ
مےٚ زیر......

''ژھوپہٕ کیاز گییئے ۔ جواب کوٚنہٕ چھکھ وَنان''۔

بہٕ کیاہ وَنہٕ ہایوٚرٕ...... بہٕ چُھس پانٕسے ؤنی دِوان مےٚ کیاہ اَٹُرکوٚر تکیاز
صادِ صاۓبُن یوٗت نرم طبیعت اَسِتھ قہرِ گرٕ ژھن اوس خلافِ توقع ۔

''ژٕ ے چھسے وَنان''......

''نہٕ حض اگر غلطی گٔیم تتھ گیہِ معاۓفی ۔ بہٕ یہِ کیاہ ہیکہٕ ؤنِتھ''۔ یہِ اوس یوٚرٕ
مےٚ یوٚن وُٹھ ڈیٚلی ترٕاۓوِتھ جواب۔

''لفظِ یِتھ وَنٕنس منٛز بوٗزِتھ آم نہٕ ہنگہٕ منگہٕ جۄن''۔

یِی وَنہٕ نَس ہتی لوٗگ صادِ صاۓب پنٕنۍ اَتھن تھوکہٕ چھکنہِ تہٕ ڈیکس
ژنجہِ دِوان رۄدمےٚ کُن وَنان......

''یہِ چُھم پنٕنۍ اَتھن ہُند شرٕ......ژٕ ے کیاہ راہ کھالے ۔ بہٕ ہے پانس
پانٕے پھوٚرُس''۔

یہِ بوٗزِتھ چُھس بہٕ اَندری گلان تہٕ پانس ملامت کران ۔ وَننگ انداز
تہٕ طرزِ کلام وُچھِتھ چُھس بہٕ یہِ پانس کُن نوان۔

''شمہٕ صاۓبا کوٚت ووتکھ...... یا بوز یوٗرک نتہٕ وَنتہٕ زخمن کرٕ اۓ لی تُلنہٕ منٛزٕ

کثیاہ نیری''۔

بہٕ چھس راوان اکھ اکھ کتھ بوٗزِتھ...... یہِ رُوٗ دونان تہٕ بہٕ دم ہٮ۪تھ یورٕ

بوزان۔

''خبر کوسہٕ ہن آیم بتھِ ییلہِ یور شکیل صاب آو تہٕ یہِ حال وُچھتھ

ووٗتنم......

''مانگھ نامٮ۪ون یہِ صاٮ۪بہٕ ہاوون کاٛنسہِ جان ماہرِ نفسیات ڈاکٹرس۔

یوٗ دوَے بہٕ تمہِ وِزِ یہِ بوٗزِتھ ہاران گوس زِ تِھس دوٚدٕ ہبڈرس کوسہٕ ذِہنی

پراکندی ہیکہِ اٚسِتھ...... چھیکرس دوٚپُم یمن ژوٚچن تہِ کاسوسوٗر...... اِدٕ شکر

الحمداللہ، تتہٕ چھم آش ہش برٚیاٚمژ''۔

اُتھی ستی گوٚ وصادٕ صاٮ۪ب ییلہٕ...... تہٕ بہٕ تہِ دژاس تمو شکومنٛز یمو بہٕ

اندری پریشان اوسُس کوٗرمُت۔

''بہٕ گوس خام طمع!! تہٕ پننو اتھولاٚیم پننین زنگن تبر۔ پتہٕ گوس تمہِ وِزِ

غفلت چہِ ہندرِ ہُشیار ییلہِ ڈاکٹر صاٮ۪بن مے ژٚنۍ پاٚٹھۍ تہِ ووٚن یم بہٕ یتھ

دِشایہِ واتہٕ نوٚوس''۔

''اچھا گوٚ ویہِ چھِ کتھ''۔ مے ووٚن صادٕ صاٮ۪بس گُن...... یہِ اوس ہٮ۪نز

داٚدِکاگرونان......

''مے تژ وو صاٮ۪بُن سورُے حال ڈاکٹر صاٮ۪بس بڑوٚنٹھ کنہِ۔ تتہٕ پھٹھکی

نُسخہ، ٹبسٹ تہٕ تشخیص وُچھتھ گوٚ وڈاکٹر صاٮ۪ب کمن تام غوطن زن تہٕ ہنا سونٛچا

کٔرِتھ لوٚگ مےٚ عجیب سوال پرٛژھنہِ۔ پتہٕ صأبہ لالس کُن پھیرِتھ رٲدِتس

مختلف کتھِ پرٛژھان۔ وۄ تھنس بیٚہنس تہٕ پرٛنس، سکوٗلس تہٕ یارن دوستن

متعلق۔ أتھی منٛز کوٗرُن مےٚ تہٕ شکیل صأبس نیٚبرِ کنہِ روزنک اشارٕ تہٕ صأبہٕ

روٗٹُن اتی پانس نِشہِ۔ واریاہ کالا گٔرِ ھتھ دژا وڈاکٹر صأبُن اٹینڈنٹ تہٕ لوٚگ

اسہِ پرٛژھنہِ............

''یُس بچہِ أندرٕ کنہِ چُھ سُہ چھا ھؠ تہٕنڈُ ے'' ...... مےٚ کوٗرُس

آنکار۔تہٕ أمی وۄن......

''ڈاکٹر صأب ھؠ چھُوژھانڈان''۔

یام بہٕ اندر ژاس......ڈاکٹر صأب وۄتھُم......

''بزُرگ! بچس چھنہٕ کانٛہہ تژھ نمایاں بمأریا......البتہٕ چھُس'' ......

أمی کٔر اَتہِ اور ژھوپہ تہٕ مےٚ ہیوٚتُن تشویش ہیوٗ گرُھن...... ڈاکٹر صأب

وۄتھ یکدم..........

''البتہٕ چھِ أمِس سکوٗلس اندر وُلٹہٕ صُحبت لٔجمٕژ یمی ژے تاون چھنےٚ

ژھنمُت''۔

بہٕ وۄتھُس یورٕ......

''ڈاکٹر صأب ہِنہ ھؠ چھُنہٕ سُہ بچہِ یُس کانٛہہ برٕ لاگ ہیکہِ ترِٕتھ''۔

''تہٕ تژ آیو پننی خیالات فرماوٕنی ......یہِ چھی ہکہٕ بل ووتمت...... ژٕ روز

تس وُچھان تام''۔

''ڈاکٹر صأب ترٛشہ نہٕ حض چھنہٕ کتھے''۔

میٲنِس أتھی وَنَس ٲستی لۄگ ڈاکٹر صأب زَن وولنہٕ تہٕ کۄرُن شکیل صأبس اشارٕ صأبہٕ ہتھ نیٛرٕ کنہِ روزنہٕ باپتھ تہٕ وۄتھ مےٚ کُنٕ بُتھ ژٕ کرأوِتھ......

''توٚہہِ کۄر مےٚ عرض زِ ترٛشہ کتھ چھِ......وُنیٚستام کٔمی مأڈلی ماجہِ موٚن زِ تٔمی سُندُ شُر کیٛاہ ہیکہِ غلط گٔرِتھ یا غلط أسِتھ......یَیلہِ سورُے غلطے غلط چھُ آسان تُہی ترٛ أیِوٚ پنٕنی وکالت کرِنی''۔

مےٚ گۄو پنٕنہِ جایہِ ڈاکٹر صأبُن یِتھٕ پأٹھی وَنُن سَخ......وٕنتھ تہِ کیٛاہ ہیکہٕ ہا۔

ڈاکٹر صأب وۄتھ......

''چوٚن فرزند چھُ تٔمی طۄفانن نصف زیٛادٕ ننٛگلو ومُت مگر ژٕ چھُہَس سوغدرِ ہنٛدِ شاثدٕ روٗزِتھ وۄلُت کران۔ لاگ چھنہٕ لحاظٕ کران...... چوٚن پھولہٕ وُن گلہِ ٹۄر تیٚمی سُند مستقبل انہِ گُٹ چھُ ژوپمُت...... تیٚمی چوٚن یِنہٕ وول کال بژ ونٛژھے ہرٕدِ بزی چُھ نمُت گٔرِتھ۔ کر شُکر ربّ کاینالس کُن، وُنہِ چھی تتھ سٹیچس پیٹھ یِیتہِ 30% آش چھَ أمی سنٛزِ Recovery ہنٛز۔ تمہٕ تہِ چھِ لۄکھ یِہنٛد بن گرن ہنٛدی ژأنگی وُچھان وُچھان ژھبتہٕ گے۔ کمن کمن ہنٛدی پھولہٕ وِنی گولاب گیہِ جہارٕ بژ ونٛژھے برٕ''۔

بہٕ اوُسُس دم ہتھ ڈاکٹر صأبُن بوزان۔ یِہنٛز اکھ اکھ کتھ أس مےٚ وأنٛجہِ نیٚزٕ ترٛسی زن لگان۔ صأبہٕ اوس نیٛرٕ کنہِ شکیل صأبس ٲستی تہٕ بہٕ روٗژنس

ڈاکٹر صائبن دلس۔ بۍ چھس نہٕ ووٚنی ڈاکٹر صائبس کُن أچھی ہبکان تُلتھ۔

مےٚ اوس برابر باسان زن روٗٹھس کانٛہہ ووکھٕ اُتُر کران تہٕ چھم نوان ژٗوٚتس

پیٹھ أڈٕ أڈٕ کڈنہٕ۔

یہِ راہ اوسم پانس، بیٚیس کیاہ پھُٹہٕ تژاوہا۔ بۍ چھس أتھی شرمندگی

ہندِس سہلابس منٛز یِہٕ تہٕ ڈاکٹر صاب ووٚتھم یوٚر...... ''توہہِ چھامےٚ کُن

دھیان رِکنہٕ نہ؟ ...... پریشان گژھنچ چھنہٕ ضروٗرت، یہِ چھُ وقتُک دیُت......

بڑی خواب نےٚ وُچھہٕ ہکھ یتھ دولابس منٛز ماہِکھ ہیٚنہٕ''۔

ڈاکٹر صائب! تہنٛد یہِ وَنُن چھُ بلکُل پوٚز۔ یہِ حق چھُ میوٚنے

قصوٗر...... مےٚ ووٚن یوٚر درجواب۔

اورٕ ووٚتھم ڈاکٹر صاب......

''ووٚنی یہِ گوٚتہٕ تہٕ۔ اگر بچہٕ سٕنٛز زِندگی بکار چھےٚ، تیلہِ چھُ آینٛدٕ سبٹھاہ

حبس کرُن۔ اگر بیٚیہِ سہل انگاری گرِتھ تیلہِ چھی پتہٕ ہے۔ بیم تہٕ مشوٗرٕ مےٚ

توہہِ گوڈے دِتی تمن پیٹھ چھُ پوٚرٕ عمل کرنچ ضروٗرت۔ بیٚیہِ گرِ ومےٚ ستی اتھ

واس، رٕلتھ میلتھ کرون یہِ برگومُت گولاب نوِسرِ زِنٛد، تاکہِ یہِ پھولہِ تہٕ لبہِ

جہار تہٕ مُشکاوِسائنس أنٛدی پکس''۔

صادٕ صاب ووٚتھ مےٚ کُن......

''شمہٕ صآبا! تنٕے چھی أسی دُنیاہس آمتی...... نتہٕ أسی ساری بأژ زیرٕ

مرگ وأتی مِتی۔ ووٚنی چھُ کُنہِ کُنہِ أمِس یہِ حال گژھان۔ نتہٕ اوس دوہس

رالتس صأبہٕ أتھۍ حالس منزٕ آسان یہِ ژٕ ے وُچھتھ"۔

مےٚ اوس نہٕ وُنہِ تہِ اصلی وجہ سمجھِ یوان۔ توٚ ے کوٚ رمےٚ صادٕ صأبس سوال......

"یہِ کیٛاہ حض یوٚ ت وجہ چھُ اوسمُت، ییٚمہِ کِنۍ یہِ پھولہٕ وُن ٹوٚ راتھ دِشایہِ چھُ ووتمُت؟"

صادٕ صأبن کرییہِ کتھ ژٕنج کوٚ شش...... مگر بہٕ کوٚ ت ترٛ اوٕہن تہٕ ووتھ مےٚ گُن زیوٚ ٹھ ووش ترٛ اُوِتھ...... أشۍ بکہٕ آس......

"کیٛاہ ونےٚ کوتاہ پیٛوم ہکُن"...... أتھۍ ستۍ کوٚ رُن عطیقہٕ لالس اشارٕ چاے اَننہٕ خأطرٕ۔ سوٚ أس کلہٕ بون گُن ترٛ اُوِتھ اوٚش ہاران۔ مےٚ کوٚ رکینٛہہ کھنبس چنبس اِنکار۔ مگر صادٕ صأب کتھ مانہِ ہے۔ بہٕ تہِ اوُسس پننہِ جایہِ تشنہٕ وجہ بوزنہٕ خأطرٕ۔ صادٕ صأبن ژٕرُژتہٕ أچھن مُرَن دِتھ دِتُن ڈٕکس ٹاساتہٕ ووتھ مےٚ گُن......

"مےٚ ووٚن مےٚ نامیٛے پھٔرۍ پننہٕ نی اتھٕ۔ صابہٕ اوس ہمسایہِ سکوٗلس منزٕ اصل پأٹھۍ پران تہٕ أمۍ سنٛزٕ کارکردگی تہِ أس ہاوِنۍ باوِنۍ لایق۔ أٹھِم جماتھ پاس گرِتھ کٔڈنم دِلن ووٚٹھ تہٕ ترٛ ووٚم أکِس نادار سکوٗلس منزٕ یہِ زأنِتھ زِیہِ کرِ پننہِ قأبلیتُک جان پأٹھۍ مُظأہرٕ تہٕ بیٚیہِ لگِبس ایکسپوٗجر ہیوٚ۔ مےٚ مااوس پتاہ، مےٚ کوٚ ریہِ وقتہٕ کنٛن رامہٕ ہوٚنٛن حوالہٕ، یمن صِرف فیس وٕٹنج فِکر چھےٚ نہٕ زِ کینٛہہ گوٚ ژھ کأنٛسہِ لارُن"۔

صادٕ صأبس ژٕج ونان باکھ نیرِتھ تہٕ مےٚ دیُت مَس مٹہِ

مٹہِ...... ہنا سند اٗ رِتھ وۄتھ......

"مےٚ کۄر پتنبن آشن پانےٚ ناش۔ پتٔن اٗچھ گاش ترٛ ووُم دأنِش گاہ بجایہِ قتل گاہس منٛز۔ تتہِ اٗس بڈٕبن مُہنِوبن ہندی عیاش تہٕ قماش شُربن ہنٛز کثرت، یِموصأبہٕ پننِس زالس منٛز اٗنتھ اتھ دِشایہِ واتہٕ نوو۔ یِمن بڈٕبن مُہنِوبن ہنٛدبن شُربن گُس اَنہِ ستھ کلہٕ تہٕ اِدٕ پرٛژھبکھ...... گُس رٹہِ یِمن کاژِ، سُہ کس چھ پان کھران۔ صأبہٕ بنووُکھ Drug Edict تہٕ بہٕ تھوٕوہَس نہٕ کأنسہِ بُتھ دیُن لایق"۔

صادٕ صأبُن یہِ حال بوٗزِتھ وٗژھ مےٚ تھرسأرِ ہے پانس تہٕ ووٕنی چھُم نہٕ تھوٚ دُے تگان ووٕتھُن...... اٗتھی منٛز ژٗج صابس گُنی چِیکھ نیرِتھ تہٕ سارے بیٚنہِ آیس النہٕ تہٕ وَلنہٕ...... ودان ودان آسہٕ ونان "سانبن آشن کُمی کوٚر ناش"۔

بہٕ ژوٗلُس نبر پارکہِ منٛز۔



